

# AFSANI ROODUM BAWON EI

(Kashmiri Short Stories)

by

**Yousuf Jahangir (Mohd. Yousuf Rather)**

JK Offset Printers New Delhi

ISBN: 978-93-5607-083-7




کتابہ ہند ناو : افسانہٕ روُدُم باوٕنے (افسانہ سوٚمبرن)

تخلیق کار : محمد یوسف راتھر

قلمی ناو : یوسف جہانگیر (7006566652)

روزن جاے : آونیٖرٕ شپین

چھپن وری : ۲۰۲۱ء

کمپوزنگ : ساحل یوسف

تعداد : ۵۰۰

مول : ۴۶۰ روپیہ


## کتاب میلہ

- ☆ کتاب گھر لالچوک سرینگرٕ
- ☆ مراز ادبی سنگم وچھیارِ انت ناگہٕ
- ☆ سوکھہٕ بل آونیرِ شپینہٕ

# انتساب

"تمس رفیق تہٕ شفیق ماجہ ہنٛدی ناۄی یوس شام ڈٕلتھ تہٕ
مے وتہٕ اَس وچھان تہٕ توٚ تام اَس نہ بڑاند پٮ۪ٹھ ووتھان یوٚ تام نہ بہٕ گرٕ واتہ ہا۔"

موج وندہے تمن أچھن أچھ گاش
بس تتھے کنٕز مےٚ بڑاندٕ گارکھ نا

شاآپِٹھ افسانُک عنوان

سیدِ بُتھ چھُنہ کردارے کاثہہ



گرِھبم سکوت مےٚ دم پھُٹُڑ اگر نہٕ دل تہِ وزبم

ودل گویہِ چون صدا توتہِ بے صداتہِ گرٛ بزبم

# ترتیب

# بسم اللہ

کأشرزبان چھ واراہ پرٲنی زبان تہٕ أتھی بنیادس پٹھ چھ مٔنزی مٔنزی کأشرِ زبٲنی کلاسکی درجہ دِنکی نعرہ تہٕ کنن گژھان ۔ یہ چھنہ صرف عمر رسیدہ آسنہٕ موکھے بیٚژ بالغ ، بلکہ چھ ادبی سرمایہ لحاظ تہ یہٕ ڈیکہ بڈٕ ۔ اتھ چھُ کھیا بزرگو پننہِ منفرد خیالن تہ دانأیی ہندِ خونک سگ دِتھ مُت ۔ سأنی ادبی روایت چھنہ ہمالیہ چہ چاردیوٲری مٔنزے روزتھ پھاپھلیمژ بلکہ چھُ سون ادب عالمی سۆتھرس پٹھ بدل وِنہن رجحانن ہٕتی قدم رلأوتھ نوبر پراوان رودمُت ۔ییٚتہٕ سانہ ماجہ زِوتھدِ پایکی صوفی شاعر پأدٕ گری ،تتہ گٔری أمی نِوس دورس مٔنز عالمی معیارُک ادب تخلیق کرن وألی تہٕ پأدٕ ۔ازتہ چھ أسی یہ کتھ فخرٕ سان ونان کہ سانہ زبأنی ہُنٛد موجودٕ ادبی صورت حال چھنہٕ کنہ تہ صورتس مٔنز مایوٗس کُن ۔ازیُٔ تاہ ادب سانہ زبأنی مٔنز لکھنہ یوان چھُ تہٕ ییٚتاہ نوجوان کأشرس مٔنز لکھ نس کُن مأیل چھ گژھان شاید چھنہ پتھ کُن کنہ تہ زمانس مٔنز یژھ خوش کرٕ وٕنی صورت حال أسمٕژ ۔

یموخوش کرِ ونو کتھو باوجود پیٚہ اسہِ اکھ کتھ مانٕنۍ، سوگیہ زِ سأنۍ اکثر لکھأرۍ چھ زیادہ پہن غزلہِ یا نظمہ لکھنس کنۍ دھیان دوان۔ یہ صورت حال چھ یتھ حدس تام وأژمٕژ زِ ازیٚلہِ أسۍ ادبچ کتھ چھ کران بلا خیالِ دیگر چھُ اسہِ غزل یا نظم ذہنس منٛز ووتلتھ یوان۔ ییٚتہِ یہ اکہ طرفہ جان کتھ چھ زِ نوجوان چھ پننہِ ماجہ زیٚوِ منٛز لکھان تہ چھُ یہ یک طرفی رجحان مایوٗس کُن تہ۔ أسۍ ہکو نہ پنہ نس ادبی سرمالیس توٗت تام خوٗ دکفیل وٗنتھ یوٗت تام نہ أسۍ ہر کنہ صنفہِ منٛز خودکفیل آسو۔ کنہ اکس صنفہِ منٛز معیأری ادب تخلیق کرنک مطلب گونہ زِ سون ادب چھ معیأری بلکہ چھُ ضروری زِ ہر کنہ صنفہ منٛز گژھن معیأری فن پارہ لکھنہ ینۍ۔ اتھ پس منظرس منٛز چھُ مےٚ باسان زِ سانٛین أدیبن پیٚہ غزل تہ نظمہ علاوہ باقی صنفن مثلاً افسانہ ،انشایہ، مثنوی، قصیدہ، ربأعی، ناول وغیرہ ہشٛین صنفن کُن تہِ توجہ دُین۔ اَمہ علاوٕ چھ زبان تہ زبان بولن والین ہنٛد فأیدہ خأطرٕ ترجمس کُن تہِ خأطر خواہ توجہ دنٕچ ضرورت۔

وونۍ یوٗت تام زن کأشرِ افسانک تعلق چھ، یہ اگرعمرِ کنۍ باقی زبانن ہنٛد افسانہ مقابلہ واریاہ کوٗنس چھ مگر اَمچ ترقی وچھتھ چھِ شانہ ووگنان۔ کأشرۍ افسانن کوٗر ابتدأیی دورس منٛزے پنن اکھ معیار قأیم۔ ابتدأیی دورس منٛز لکھنہ آمتۍ کأشرۍ افسانہ چھ ازتہِ بہترین معیأری فن پارن ہنٛد حثیت مثالہ رنٛگۍ پیش کرنہ یوان۔ ابتدأیی دور پیٚٹھے چھِ کہیا کأشرۍ افسانہ دنیاچین مختلف زبانن منٛز ترجمہ کرنہ آمتۍ تہ قومی تہ بین الاقوامی رسالن تہ جریدن منٛز چھپان روٗدِمتۍ۔ البتہ چھ یہ کتھ تہ صحیح زِ کأشرِ افسانک سونہٕ ہرۍ دور چھُ ازتہ اختر محی الدین، ہری کرشن کول، یا امین کأمل سنٛد سے دورس وننہٕ یوان۔ امہ کتھِ تل چھُ یہ ثأبت گژھان زِ سأنۍ افسانن چھنہٕ ترقی کرتھ تتھ دورس پیٚٹھ سبقت حأصل کرتھ ہیچمٕژ

بلکہ چھنہ سانیٚو افسانہ نگاروسۍ معیارتہ قایم تھوٗتھ ہیوٚکمت۔ بہٕ کتھ یوٚس زن کأشر افسانہ کِس بارس منٛز مایوٗس کُن چھ سوٚ گیے یہ ز  از چھنہٕ سأنی نوجوان افسانہ لیکھنس کن مأیل گژھان۔ یمہ وجہ کنہٕ سانہ ماجہ زیوِ منٛز افسانہ صنفہ رنٛگی زیادہ سرمایہ موٗجود چھنہ۔

دُرس ادبی دنیاہس منٛز چھ یہ کتھ کھرٕ کرنہ آمٕژ زیمہ تہٕ زبأنی ہنٛز کنہٕ تہٕ صنفہ معیارکہِ تھدِ تھدی مقام سرٕ چھ کرٕمتی تتھ چھُ اکھ معیأری تنقید ضرور ڈکھ۔ ییلہ ییلہ تہِ تنقیدن کانٛہہ تہٕ صنف پس پُشت ترٲوتمہ صنفہ ہیکی نہ ہرگز تہٕ معیارکی مقام حأصل کرتھ۔ امہ لحاظ چھِ سأنی افسانہ صنف یہ ڈٲلۍ زِتہِ بدقسمت۔ سانیٚو نقادو ہیوٚک نہٕ سانہ افسانک معیأری تنقید بروٚنٛہہ کُن ترٲوتھ۔ نہ نظریاتی تہٕ نہ عملی تنقید۔ کأشرِ زبأنی منٛز چھُنہ افسانس پیٛٹھ تیُتھ کانٛہہ نظریاتی یا عملی تنقیدک معیأری نمونہ موجود یُس کأشرس افسانس عالمی سوٚتھرٕ کِس معیارس تام پرواز کرنٕچ ہمت عطا کرِہے۔ کشمیر یونیورسٹی ہندی کأشری ڈپارٹمنٹن کرٕ ضرور تنقیدس پیٛٹھ وارِیاہ کام تہٕ انہار رسالس منٛز کرکھ وِزِ وِزِ شایع تہِ مگر تم لیکھ روٗدی صرف درس و تدریس تہٕ محض امتحان پاس کرنس تامے محدود تہٕ لِکھارِ بن تام ووت نہٕ تمیک زُو زٕ تہٕ پزنہٕ پأٹھی۔ یہ تہٕ چھ اکھ  بوٚڈ بارٕ وجہ زِ سأنی افسانن ہیٚچ نہ پزنہٕ پأٹھی ترقی کرتھ۔ میٲنہ وننک مطلب چھنہٕ یہ ز سانہ زبأنی منٛز چھنہ معیأری افسانہ لیکھنہ یوان۔ اسہ چھ وٕنکێن تہٕ تھدِ پایکی افسانہ نگار بہ حثیتِ وتہٕ ہاوکی بروٚنٛہہ بروٚنٛہہ پکان مگر وننک مطلب چھ یہ ز موجوٗدٕ عالمی افسانوی تناظرس منٛز یٚوٗتاہ آسن گوٚژھ تیوٗتاہ چھنہ۔ خأر یہ آو توٚہہ ستی کتھ کرنک گوٚڈنیک موقعہ توے پے یم کیہنٛہ کتھ یاد۔ انشااللہ روز بروٚنٛہہ کن کتھ کرنک یہ سلسلہ جأری۔

پانس متعلق کیاہ ونہ بہ۔۔ بہ چھُس ادبُک محض اکھ طائلبِ علم۔ لکھنک اوسم
دٔہمہ جمأژ پٔٹھے شوق تہ کیہنہ نہ َہاونہِ لایق غزلہ لیچھم ہایر سکنڈری تہ کالج کمِن دوٚہن
دورانے۔ مے کور تقریباًً ۲۰۰۰ء ٔ یس دوران باقاعدہ پأٹھی لکھُن شروع تہ لیچھم اردو زبأنی
منز کیہنہ غزلہٕ تہ نظمہٕ۔ منزی منزی اوسس بہ انگریزیس منز تہ لکھان مگر پتہ کوٚر مے محسوس ز
تخلیقی زبأنی منز وؤند باوتھ کرنک بہترین ذریعہ ہیکہِ صرف تہٕ صرف ماجہ زبوے بنتھ تہ مے
دبت پنن سورے توجہ کأشرس منزے لکھنس کُن۔ مے کوٚر غزل تہ نظمہ لکھنہٕ ستی شروع تہ
از تہِ چھس منزی منزی غزل یا نظم لکھان۔ کأشرس ادبس اَنزی منزی گژھنہ پتہ کوٚر مے
محسوس ز ہر کانٚہہ لکھأرٕ چھ غزل یا نظم لکھان. مے دۄپ نہ مے پزٕ افسانہ لکھنچ کوشش
کرٕنی تہ لوگم افسانہ لکھن۔ یہ اَس میانہ خأطرہ محض اکھ تفریحی کأم مگر ییلہ بہ مرازادبی
سنگمس ستی وابستہ گوس مے لوگ سنجیدگی سان لیکھنس کُن توجہ دُبن۔ بہ چھس جناب
منیب الرحمان صأبن سبٹھا شکر گذار یمو گوٚڈنچہ لٹہ میأنی افسانہٕ نیب رسالس منز شایع
کٔری تہ مے دِژکھ ہمت۔ امہ پتہ دِژ مے جناب سلیم سالک صأبن فکشن رایٹرس گلڈس
منز افسانہ پرنچ دعوت تہ بار ہاکورنم افسانہ لکھنک باند باند۔ اتھ ہمدردی تہ حوصلہ افزأیی
پٔٹھ چھس بہ سالک صأبن سبٹھاہ شکر گذار۔ یوٚہے بنیو میانہ افسانہ لکھنُک وجہ تہ از چھُس
بہ توہہ بروٚنٹھہ کنہ پنٕنی گوٚڈنچ کوشش کتأبی شکلہ منز پیش کران۔ یہ افسانہ سومبرن شایع کرنس
منز روٗد دواریاہن دوستن تہ رفیقن ہند ساتھ یمن منز جناب اظہار مبشر صأب، جناب
ریاض انژنو صأب، جناب نثار ندیم صأب، جناب روشن خیال صأب، جناب مشروع
نصیب آبادی صأب وغیرہ شأمل چھ۔ بہ چھس خاص پأٹھی جناب عزیز حاجنی صأبن،

جناب غلام نبی آتش صأبن تہ جناب علی شیدا صأبن شکرانہ کران یہنٛز حوصلہ افزٲیی بغیر یہ کأم ممکن أس نہ۔ لون امتیاز صأب چھُنہ بأے سندِ کھوتہٕ کم کیہنہٕ تہٕ تمی سند شکریہ کرن گو پننیاٚرس منزدۄ ربہٕ پأدٕ کرُن۔ البتہ چھُ یہِ ونن ضروری زِ تمی سنٛزِ بےٚ لوٗث محنتہٕ بغیر اوس نہ یمہ کتابہِ ہند وجود یِنگ سوالے۔ بہٕ چھُس جناب غلام نبی آتش صأبن، جناب پروفیسر بشٖر بشیر صأبن، پروفیسر شار ندیم صأبن تہٕ پروفیسر لون امتیاز صأبُن احسان مند زِ تموٚ لیکھٕی وار یاہ آور یرآسنہٕ باوجود یتھ کتابہِ متعلق پننی تأثرات تہٕ پننیوٚ لفظو ستی بخشُکھ میأنین تخلیقن عزت۔ یہ افسانہ سوٚمبرن تیار کرنس منٛز چھُ میأنس کٔنٛس اولاد ساحل یوسف صأبن تہِ خاص رول۔ یوٚ ہے چھ میانین افسانن ہند گوٚڈنیک سامعی تہ پننہ بترِ مطابق اوسم منٛزی منٛزی مشورٕ تہ دوان۔

أخرس پیٹھ ونہ بہٕ یی زِ یہ چھ میأنی گوٚڈنچ کوٗشش یہٕ ہکہٕ نہ تمہ معیارچ أستھ یمہٕ تقاضہٕ کأشر عصری افسانہٕ کران چھ۔ اگر میانہ یمہ سوٚمبرنہ ہنٛز اکھ کہانی تہ میأنس قأریس ٹارِ کھٕر سہ ٗ آسہ میانہ خاطرِ بوٚ ڈینامہٕ۔ مے روزِ قأری سنٛزِ رایہ ہند بے صبری سان انتظار۔

@ یوسف جہانگیر

آونیوٗرشپین

# آ ہی میأنی !

یؤسف جہانگیرن ووٚن نہ زانٛہہ تہٕ 'پدرم سلطان بود' نہ ووٚنُن زانٛہہ زِ شوٗقُن چھُ لۆچہ وأنسہِ منزے ادب لیٚکھُن شروع کوٚرمت۔ سہٕ نہ اوس زانٛہہ ہاوباوس تہٕ ٹاوٹاوس لور تہٕ نہ چھُ از۔ اکھ اعلیٰ تعلیم یافتہ شخص، مطالعُک شوقین، سیٚو دساد مگر متانتُک تہٕ شرافتُک مأ لک۔ یہِ رؤ دوری وادن مقأمی، ملکی تہٕ عالمی ادب پران۔ کتھ ہے کرِتتھ آسہِ ضرور اوٚیر گوٚیر۔ علم تہٕ استدلالُک آسیٚس ڈوکھ۔ یوٚہے شخص ییٚلہ مےٚ از بروٚنٛہہ وری پنداہ مرٕ مراز ادبی سنگم کس اکس پروگرامس منز نظرِ گواہنٛز کتھ باتھ بۆزتھ باسیوم زِ امس اندر چھُ اکھ ادیب تہٕ شاعر موجود یُس اظہار خاطرِ ہلہ بلہٕ کران چھُ۔ پتہٕ تھ ملاقاتہٕ وزِ گرمےٚ کوٚشش زِ امۍ سُند اندرم ادیب گوٚژھہ نہٕ وُچھلاونے روزُن۔ امس چھُ اللّٰہ تعالیٰ ہن صفتھا دُیت مت زِ مشورِ چھُ بوزان بلکہ تتھ پیٹھ عمل تہٕ کران۔ وٚپٚن بانہٕ چھُس۔ بیٚین واریہن ہٕندی پأٹھی چھُنہ توٚہ پھلکی پأٹھی ووتھان تہٕ ژکھِ گرٕ ھتھ آنچ ہورنٛچ کوٚشش کران۔ اماہ پوٚز پانہٕ تہِ چھُ

مشوٗرٕ دوان تکیاّ زِ زندگی ہند چھُس واریاہ تجربہٕ تہٕ۔ اٲخرووت سہٕ وقت ییٚلہ یہُند شعرٕ مجموعہ 'وبتھ پوٚت ہرٕدِچ' شایع سپُد تہٕ پرن والیو کر یہنز فنی لحاظٕ پوٚختہ تہٕ باوژ کنہٕ خوبصورت شاعری پسند۔ یتھ پاٹھی گومیوٚن ژرژن صحیح ثابت۔

وُنکیٚن چھُ مےٚ یوٗسف جہانگیرنہٕ افسانہٕ سومبرنہٕ ہُند موٗلہ مسودٕ بزوٗنہہ کنہ۔ سومبرنہٕ چھُ ناو 'افسانہ روُدم باوٕنے'۔ اتھ منز چھِ پنژہہ افسانہٕ۔ یہِ مسودٕ وچھتھ ووگنیاّیہ مےٚ شانہٕ تکیاّ زِ یہِ چھُ شعرگویی علاوٕ یہنزن تخلیقی صلاحیژن ہند شاندار تہٕ جاندار پاس۔ امس افسانہ نگارس چھُ عالمی افسانن ہُند مطالعہ تہٕ تہٕ مقامی افسانہ نگارن ہند نگارخانہ تہٕ زیرٕ نظر۔ افسانہ نویسی یوٚ دوے کاشرس منز نیٚبرٕ پیٹھ آمژ نوٚ صنف چھےٚ مگراسہٕ زِنش چھ ووٚنی پتہٕ میوٚ پنژہہ ہوشیٹھو ورٕی یو پیٹھ بارسس آمژ امہٕ صنفہٕ ہنژ اکھ ڈرتہٕ وسیع روایت موجود۔ یوٗسف جہانگیرٕنی افسانہ چھِ روایتہٕ نِش پے تہٕ پوپژ اتھ زمان ومکان کہ حال واحوال نِشہ واقعہ تہٕ تجربہٕ حاصل کرتھ وجود پژ اوان۔ موضوع تہٕ ہییتی تجربہ کرتھ چھِ امی کینہہ ماری مُندی تہٕ سونچناون وٲلی افسانہ تخلیق کری متی۔ پننہٕ انٛدی پکھہٕ تہٕ دوہ دِشہٕ منز تلنہ آمتی اکثر موضوع چھِن ورتاومتی۔ کردارنگاری تہٕ مکالمہ نگاری ہُند چھُ افسانہ نگارس پوٚرٕ شعور۔ موضوع، واقعہ، کردار تہٕ مکالمہ کتھ پاٹھی چھِ افسانک ینٛز ووٚنن وٲٹھ اتھ ہییت دوان تہٕ فن پارٕ بناوان تہٕ سورے چھُ یمہ مسودٕ کی افسانہ پٔرتھ ننان۔ یمن افسانن منز چھِ نژوٚنی پھیرٕ وٕنی کردار تہٕ کم معروف یا کم نمایاں موضوع وٲلی افسانہ۔ مثالے کارڈ، گلہٕ گاندھی، ہوٚنی لوٗٹ، ثواب بیترٕ چھِ ساٲدرواِرُک احساس دوان۔ افسانہ نگارسنز یہِ گوڈنچ کوشش چھِ حوصلہ افزا تہٕ یہنٛدِ باپتھ ینہ کالس اندراتھ ماٲدانس منز تھزر بجر پژاونچ بشارت تہٕ۔ دردس مسودس

منز چھُ مُزہم مُزہم مگر خوش یوُن سسپینس تہٕ موجود۔ اما پوٚز کینژن افسانن ہُنٛد غاٗر ضروری وٕہراوہیکہ ہاہنا اختصار ورتاونہٕ ستی کاپہٕ رٹنہ یتھ۔ ساٗری افسانہ ہیکن نہ پاسہٕ اٗستھ تہٕ یہ چھُ یمہ مسوُدک پزر تہٕ مگر یوٗسف جہانگیر چھُ علامہ اقبال سندس یتھ مصرعس پیٹھ ڈٹتھ:

'زِشر رستارہ جویم زِستارہ آفتابے' ۔ دردس مسودٕ ییٚلہِ نوِنظرِ نیرتھ، شیرتھ پاٗرتھ کتاٗبی صورژ منز شایع سپدِ پرن واٗلی تٔلن حظ تہٕ حسُن وقبُوٗہ تہٕ ژھارن۔ فی الحال چھُس بہٕ یوٗسف جہانگیرس مبارک کران تہٕ اٗہی کاٗنچھان۔ اللہ تعالیٰ تھاٗونس سلامت تہٕ تخلیقی ناگہٕ رادس گرٚنس زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ وُزنی تہٕ وسعت عطا۔

غلام نبی آتش

نائل، اننت ناگ

# یِ پانہٕ ہیٚژ وم جانہٕ مولس ۔۔۔

یوسف جہانگیر نہِ یتھ کتابہِ منز شامل افسانہ پران پران چھُ مےٚ ذیہنس منز پننہِ خاطرٕ اکھ سوال ووتلان زِ کانٛہہ اکایِل خیال یا احساس لفظن منز رٹنہ خاطرٕ تُجہ تومبۆرہن لۆگمت سون تخلیق کار چھا گُلس پیٹھ کنہ گاٹہِ کسے سودہس روادار کنہٕ تمی سندی گرٛاکھے چھِ نیٚشہ بۆ دی یمن نہ کتھن ہنٛدی یم لعل پرٛزناوِنی چھِ تگان۔ننتہٕ ماچھےٚ یہِ کتھ زِ کانٛسہِ بو چھِ ستی چھورٕ چھورٕ کرِونس چھِ اسی یہِ ونان زِ ووٚلہٕ بہٕ بوزناوتھ موسیقی ہُنٛد تھۆد مقام۔۔مےٚ پرٛی یم افسانہٕ شایداوِ کنی زِ یہِ چھےٚ میانٛی مجبۆری۔خیر،مےٚ پرٛژھ کانٛہہ زِ اسہِ ون تہٕ حض زِ سون افسانہٕ کتیٚتھ چھُ ازمےٚ تکیٚا اتھ کتھِ جواب دُیٚن تہِ کنہٕ نہ یا اتھ در جواب یہِ ونہٕ تہٕ تہٕ تہٕ سوال پرٛژھن وأِلی ماہیٚکن وقتی طور مطمعین تہِ گژھتھ مگر تہِ اَستھ آسہِ میانٛی اندری حالت سوے یتھ متعلق مہجۆرتہِ یتھر زوٚلہِ ہنٛز زیوِ ونتھ چھُ گومُت زِ:

پرٛیشاں دل بہٕ چھس ،بلبل دپاں چھُم ون خبر تورٕ چ

بہانا کانٛہہ تمس ونہ ہا مگر پننس دلس ونہٕ کیٚاہ ؟

مےٚ چھُ یہِ بیٚیہِ تہِ کتھ تانٛی جایہِ لیٚوکھمت زِ کشیرِ منز چھےٚ دلیلہٕ ونٛج سیٹھا پرٛانٛی روایت تہٕ اتھ سلسلس منز ہیٚکو 'برٛہت کتھا' ناوچہِ کتابہِ ہُنٛد تہِ حوالہٕ دتھ یمہِ چہ بنیاٛ ژپیٚٹھ

دۄیمہِ کیہنہٕ شاہکار کتابہٕ سنسکرت زبانٕی منز لیکھنہ چھےٚ آمژٕ تہٕ موجود چھےٚ۔ أسی گژھو نہٕ وُنکیس تتھ زٕ ٹھس بخشس منز تہٕ عمومی طور چھِ اسی ونان زِ کأشرِ افسانٕچ وأنس چھےٚ وۄنی الہٕ پلہٕ دۄن ہتھ وری یا ونو حساب گرتھ اکستتھ وری۔ اتھ وقتس منز سپز عالمی سطحس پیٹھ زندگی ہنٛدس پرٛتھ شعبس منز سیٹھاہ ژھوارتہٕ وُسوار تبدیلیہٕ۔ أسی ہیکو نہٕ یہِ ونتھ زِ مختلف مأدانن منز بڑ ونہٕ پکتھ یۄتتھ دنیاہکۍ وارِیاہ خطہٕ وأتی تمے حسابہ کیاہ پکۍ أسی تہٕ بڑ ونہٕ گُن مگر یہن چھُ یزر زِ ادبی مأدانس منز رۄدی نہٕ أسی تہٕ نوہنہٕ تبدیلہِ ین گُن تھر پھرتھ۔ فنی اعتبارٕ آسایم تبدیلیہِ مثبت کنہ نہٕ تہِ کرِ ینہ وول وقتے فأصلہ مگر تبدیلی چھےٚ زندگی ہُنٛد دستوٗر تہٕ امہِ کنۍ آسہٕ ناگزیر۔

پٔنٛس اکستتھن وری ین ہنٛدس افسانہٕ صنفہ تحت لیکھنہ آمتس سرمایس منز کُیتھ ہیوٗ ارتقا چھُ وَنہِ یوان تتھ متعلق چھُنہ پزنہ پأٹھی کہنٛہ تہِ لیکھنہ آمُت۔ سانہِ نوٚ پُیہ ہنٛدی افسانہ نگار چھِ پانس ازی چہِ حسبا کھی ہنٛدی ترجمان مانان تہٕ تی گژھِ آسُن تہِ مگر فنی تہٕ تخلیقی اعتبارٕ چھا یم افسانہ نگار اختر محی الدین ، ہری کرشن کول تہٕ امین کامل ہوٚبن افسانہ نگارن ہنٛدبن ’ دری یایہِ ہنٛد یزار‘ تاپھ تہٕ ’کوکر جنگ‘ ہوٚبن افسانن ہنٛدس معیارس تہٕ مقبولیژ واتان سہ چھُ پأنی پانسے منز اکھ سوال۔ یمن افسانن ہنٛدی اسہٕ ناوہیتۍ تہٕ پیٚیہ تہِ وارِیاہ افسانہٕ چھِ پزٕی کنۍ سیٹھا جان تہٕ پرن وألس منز تہٕ سپدی مقبوٗل۔ مانو زِ سون ازُیک افسانہ نگار تہٕ زن لیکھِ یمے پٔنٛن ماڈل بنأوتھ افسانہ کس ناوس تحت کینہہ تیلہ کتہِ ونو اسی زِتس چھےٚ ازِچ آگہی تہٕ ازیکۍ نوہنہٕ مسلہٕ۔ یتہِ ہیکو ونتھ زِ آموضوع آسن بدل مگر اندازِ بیان آسہِ تتھے مگر تہِ ما چھُ ممکن۔ پرٛتھ کنہٕ ژُس معاملس یا مسلس چھُ نوِ آیہ کہِ بیان یا باوٕ ژھنٛد تقاضہ۔ امہِ

حسابہٕ ہرگاہ وچھوتیٚلہِ ہیٚوک نہ ازُ یک کاثہہ افسانہ نگار یا تمۍ سند کاثہہ تخلیق بحیثیتِ افسانہ
ترٛ ھ ناماوأری پزٕ أوتھ یژھ ہُمن باگہِ چھےٚ آمژ۔ تیٚلہ ونوایہِ زِ ازُ یک افسانے چھُ تخلیقی
اعتبارٕ کمزور۔ تہِ ونس ہِتہ چھُنہ دل پڑان۔ اصل معاملہ چھُ یہِ زِ سائنس لیٚکھن وألس تہِ تہٕ
قأری لیس تہِ سپز نہ سوتربیت یمہ کنۍ پرن وول متواترتہٕ رسہٕ رسہٕ ینہٕ واجنۍ تبدیلی محسوس کُرتھ
ہیٚکہ ہے۔ییٚلہ نہٕ تمۍ یہِ محسوسے کوٚر تمۍ ترٛ ووِیہِ پرنُے۔ نتیجہ کنۍ سپز نہ لکھأرس تہِ کاثہہ
راہنمأیی۔

سوال و جواب منز چھِ نۆوۍ نۆوۍ سوال تہٕ بحث زایُن لبان۔ از چھُ وونی سکوٗلن، کالجن تہٕ
یونیورسٹی ین منز درسن کأشُر پرناونہ یوان تیٚلہِ کیاٚزِ چھُنہ ازۍ کس تخلیقکارس قأری میلان؟
کمے کیہنہ کال تُل سأنۍ ازۍ کہ دورٕ کۍ اکۍ رٕتی فکشن نگارن یہِ معاملہ زِ سیلبس بناونہٕ وِزِ چھِ
أزکۍ تخلیق منساونہ یوان تہٕ پتھ کُن تھاونہ یوان تہٕ امہِ کنۍ پزِ طائبِ علمن اتھ پیٚٹھ سوال
تُلن۔ کتھ چھ حق بجأنب باسان مگر سانٛین گذریمہ ترٛین کیٚژن بڈٕ ین افسانہ نگارن ہٕنٛدۍ
ناو کتھِ کنۍ سپدۍ مشہور؟ تم کیاٚ زِ پرٕی لُکو؟ تمن دۆہن نے رسمی نظامِ تعلیمس منز کأشُر پرناونے
اوس یوان۔ تمن لکھارین اوس نہ ازکۍ پأٹھۍ سوشل میڈیا تہِ زِ کیہنہ لیٚکھہ ہن تہٕ تمۍ وزِواتہِ ہے
سارِنے لۆکن تانۍ۔ اتھ کتھِ پیٚٹھ ہنا غور کرتھ ووتُس بہٕ یتھ نتیجس پیٚٹھ زِ ۱۹۴۷ ٕپتہٕ ہیٚوتن
سیأسی تبدیلیہِ ٕستۍ عوامس منز اکھ نۆو شعور ووتلُن تہٕ سماجکۍ پزٕ یتھ طبقن لاجہِ پننہِ پننہِ آیہِ
ئرژ کرنہِ تہٕ ادیب یم سماجکۍ سارووے کھوتہٕ حساس فرد چھِ تم تہِ لگۍ باقی دنیاہس دۆنۍ دتھ نوِ
انمانہٕ سوچنہ تہٕ قلم ازماونہِ۔ تم آے پانہٕ وأنۍ اکھ اکس نکھہٕ تہٕ ادب پارن پیٚٹھ ہیٚوتُن کھُلہ
ڈُلہ بحث سپدُن۔ لفظس لفظس اوس مُسلہٕ والنہ یوان۔ یُسٕ ہُنر تہٕ بِتُر اوس تمۍ سنٛدفن رٕوٗد

کاڈ کڈان۔ ازکل کس وقتس منز یوٚ دوے سوشل میڈیا ادبین پانہ وأنی نکھ انس منز مدد کرہے مگر امکہِ عام سپد نہ کنۍ بنیاوِ یہِ اکھ بمبارڈمینٹ۔ پیٹھ چھُ اسہِ کأشُر سماج تہٕ قومی مزاز تیُتھ زاسی چھِ اور چیٚن یورچیٚن کتھن پیٹھ تہِ واریاہ وقت راوران تہٕ اگر کانٛہہ لوٗکن ہٕنزن کتھن کن ڈول دِیہ سہ چھُ اٹی نیرتھ پرژھیٚون گژھان۔ صبحس نندرِ وۄتھتھ چھ توتہِ پانٛژ شےٚ منٹ مختلف پوسٹ ڈلیٹ کرنس لگان یہِ پرُن لایق آسہِ تتھ ےٚتی ہر گاہ وقت آوٗر گژھ ہے تہِ مگر پرو کیاہ تہٕ کوتاہ۔

پزر چھُ یہِ زِ یوسف جہانگیرن ناواوس مےٚ گوڈے بوزمُت مگر گوڈ نکہِ پھرِ بوزمےٚ باقاعدٕ پأٹھی تہٕ کن دأرتھ یہُند افسانہٕ کلینڈرا کہِ سوشل میڈیا گروپ کہ وساطتہ تہٕ مےٚ سپُد احساس زِ یہِ چھُ اکھ رُت لکھأری۔ کاش امی سند بہ تھیٚن افسانن پیٹھ روز ہے کتھ سپدان مگر مخصوص گروپ سے منز تکیاز یتہِ چھُ معیوب ہیوٗ باسان زِ تژھ کتھ ییہِ وننہ یوٚس لوٗکن ءکٹھ باسہِ تہٕ نتیجہ کنۍ چھےٚ کتھ پجہِ تلے روزان۔ ووٗنی زن کرہے تہِ انسان جُرت ییتھ ہیوٗ کیہنہ ونس یمہ ےٚتی لکھأری سند توجہ کنہ نوٕ جہژ گن گژھ ہے تتھ چھُ تخلیق کارسندی نادان دوست اگاد گژھنک خطرٕ روزان تہٕ تمن لوٗکن ےٚتی چھُ بُتھی لاگے گژھنک امکان روزان یمن نہ بنیأدی کتھن ہٕنزٕ تہِ شودبود آسان چھےٚ۔

یتھ کتابِ منز چھِ زٕ درجن کھوتہٕ پیٹھی افسانہٕ۔ بنان چھُ چھپنہ برٛونٛہہ ماکریس لکھأری تعدادس منز کانٛہہ ہُربہ یا چھوٚنیر تہٕ۔ مگر فالحال یُس تأثُر مےٚ میوٗل تمہِ کنۍ وننہ یہِ یہِ زِ ہر گاہ یمن افسانن پیٹھ مزید کتھ گژھ ہے تہٕ زبان و بیانس منز یتہِ ہن موزونیت ییہِ یم ہیکن جادے پہن شوٗ بہ دار بٔنتھ۔ ییتہٕ ییتہٕ افسانہ نگار بےٚ پھرو کی پأٹھی خیالہٕ باوتھ چھُ کران تتہِ

چھُ بیانس اگلے حُسن باگہِ آمُت ۔یہِ ونُن تہِ چھُ ضروری زِ کیٚژن افسانن ہنٛدی موضوع چھِ سانہ سماجہ کس پوٚت منظرس منز سیٚٹھاہے حساس مسلن متعلق ۔یژھن جاین چھِ افسانہ نگار سٹھا محتاط روزی تہٕ سوٗنچ سوٗنچ لفظ ورتاونچ ہُنر قابلِ رشک تہٕ قابلِ داد تہِ ۔یتھ ہیوٗ افسانہ لیکھنہ وزِ ہرگاہ افسانہ نگارس ہنا وشفہِ سپدِ تہٕ لفظن پیٹھ قوبو آسیٚس نہ سہُ ہیکہ یتھ سماجس منز ہور کاو بنتھ ۔یتھ سومبرنہِ منز شامل تم افسانہ آے مےٚ زیادٕ پسند یتہِ افسانہ نگار پننی سماجی حثیت تہ خارجی وجوداوک طرف ترٛاوتھ نفسیاتی تہٕ اندرونی کیفیژن ہنٛز باوتھ چھُ کران ۔اتہِ چھُ سہُ شخصیژ ہنٛدی زٕ پاس وکھرٕ وکھرٕ تھاوتھ تہِ دون متضاد ماحولن ہُنٛد ہوانواپانہ تہِ ژینان تہٕ پرن وألس تہِ محسوس کرناوان ۔سہُ چھُنہ کانٛسہ سماجی اصلاح کارسند رول نکھٕ والان بلکہ اکہِ ژٕ ہِچ یا وٕچ حالت پیش کران ۔یہِ چھےٚ الگ کتھ زِ امہ منز کرِ انسان کیہنہ سبق تہِ حاصل تہٕ انسان سندس اصل وجودس تہٕ ماہیژ تہِ سنہِ ۔کیہنہ افسانہ چھ، سیدِ سیود موجودٕ زمانہ کیٚن تمن مسلن متعلق یمن ہنٛد تعلق انسانی بقاہس ستی چھُ ۔تھیٚن افسانن ہنٛدی موضوع چھِ بیٚون بیٚون تہٕ واقعہ اکھ اکس نِش ضرور مختلف تہٕ یم چھنہ ہرگز تہِ یک رنگ ۔مثالے 'بوٗنی'' گلہ گاندھی' تھزٕ تعلیم'' وغاٗرٕ ۔ووٕنی گو تمن افسانن ہند تجربہ تہٕ تخلیقیت چھِ ژٕرے پہن قابلِ توجہ تہٕ قاری سندس ذہنس آوراوان یتہِ صورتحال ہناغاٗر معمولی تہٕ نیٚرل یا ونو عمومی چھنہ ۔اکھ مثال ہیٚکہ افسانہ 'زوٗ' أستھ ۔زوٗ زیوٗٹھ ہیٚکہ کتھ کتول أستھ تہٕ یہِ ہیٚکہ امی سندِ ذاتہ تہٕ خاطرٕ پریشانی بنتھ یا کھرِ لوٗکن مگر افسانس منز چھُنہ تہِ وننہ آمُت بلکہ چھےٚ طبعی طور کردارس زوٗ زیٹھان یتھ معالج تہٕ لوٗکھ پننی پننی وجہ تہٕ دلیل چھِ دوان ۔خاٗر زوٗ زٕ تھس چھُ مجبوراً الگ تہٕ کُنے زوٗن بہُن پیٚوان ۔سہُ چھُ گاہے لبہِ ستی زوٗ پھیش دوان زِ امی ستی ماژھو ٹیٚس زوٗ تہٕ

لوکچارِ کہ میژ کھینہ کہ عادتہٕ کٔنز تہٕ میلیٚس تسلامگر چھیکرس چھُ کمرس منز موجود أنہٕ پھُٹر تھ امچہِ کھنجہٕ ستی زیوژٹھ نوان تہٕ امہِ بلایہِ تل پانس آزاد کران۔ زیوز ژٹھنز ، میژ کھینٚز تہٕ أنہ کھنجہٕ ستی زیوژٹنز سارنی چھےٚ پننہِ بیٚون بیٚون معنوی تجویز یمہ کنز افسانہ سطحی تہٕ ٹاسُر چھُنہ روزان۔ بلکہ بیٚیہِ سے کتھ تانی اویٚو دنے تہٕ مبہم سطحس پیٹھ چھُ واتاوان۔

تخلیقی ادبہٕ کیٚن موضوعن پیٹھ کتھ کرنہ وزِ چھِ کنہ لۆکھ روا روی منز یتہِ ونان زِ بنیأدی موضوع چھِ ہوٚی تہٕ تمے چھِ مختلف طریقو تہٕ مختلف صورتحالن منز آے ڈألی ڈألی ونہٕ تہٕ وبژھناونہ یوان مگر پرٚتھ وقتک تہٕ زمانُک چھُہہ چھُ انسأنی زندگی ہنٚدس ویوہارس تہٕ طور طریقس مختلف مقامن (مکان) پیٹھ بالکلے الگ تہٕ مقأمی بناوان۔ تہِ وُنن تگنےٚ چھُ تخلیقی صلاحیژ ہنٛد تقاضہٕ کران۔ اتھ زُمرس منز چھِ زیرِ نظر کتابہِ منز ’کارڈ‘ ’آوریٚز‘ گٹہٕ زول ژاپاں وُنتہِ چھُ گاش‘ ہوٚی افسانہٕ موجود۔ یتھ کٔنز ہرگاہ ’ہولی بار‘ افسانس پیٹھ ہنا غور کرو بظأہریہِ ساد سپاٹ افسانہ چھُ پننہِ زمان ومکان کس تناظرس منز سیٹھاہے ٹیٹھ حقیقت بیان کران۔

یتھ تعارفس منز سپز اشارٕ پأٹھی ’ترٚے زأویہٕ ترٚے زخم‘ افسانہ کہِ حوالہٕ گوڑے کتھ مگر امہ ہر یمانہ چھِ کتابہِ منز بیٚیہِ تہٕ کیہنہٕ افسانہ یتہِ سون یہِ تخلیق کار پننہِ شخصیژ الگ الگ خانن منز چھُ بأگران تہٕ امہ مقصد خأطرٕ چھُ پننین خیالن زیو بخشنہ خأطرٕ خأبک ول تہِ کامہ لاگان۔ انسأنی وجود چھُ سیٹھاہے پیچیدٕ تہٕ گُنہٕ گُنہٕ کیٚاہ بلکہ اکثر صورژن منز چھُنہ انسان پنُن اصل تہِ سٔر تھٕ تہٕ سوچتھ ہیکان۔ مختلف صورتحالن منز ہیٚنہ یتھ چھےٚ تسنز ذأتی سوچن ترٚاے تہِ بدلان۔ دنیاوی نقطہ نظر کنٚز چھِن اسی انسان یژ پأٹھی پننہِ خأرجی شکل وشباہژ کنٚز زانان

تہٕ پٔزِ بزناوان۔ییٚلہ روخسانس یونیورسٹی گژھنہ وزِ بس سٹاپس پیٹھ تیزاب چھُ چھکنہ یوان تمِی سند بُتھ چھُ دزان۔امس حسین وُجمیل کورِ چھےٚ ووٗنی شکلے بدلان۔تمس چھُ یمہ کتھِ ہنٛد سخ افسوس زِ پلاسٹک سرجری سپدنہ پتہٕ چھنہ تمس پننی موج تہٕ پٔزناوان تہٕ چھیکرس سوتہٕ پننی پٔزنتھ زانہٕ خاطرٕ امے ناوِ کس افسانس منز شکن تہٕ شنکاین منزراوان۔'پیوٚند' افسانہ پران پران چھُ "سلیم صاٮ۪بنٕ انگریزی کھانہٕ" ناوٕک سومناتھ سادھوسند لیٚوکھمُت خاکہٕ یاد پیٚوان۔تتہٕ چھےٚ کھیٚنچ ذکر تہٕ یتھ افسانس منز وو پرجایہٕ ہنٛزِ کورِ کشیرِ منز خاندر سپدنہ پتہ پھیٚرن لاگتھ تمِی سندِ اتھ مطابق ووتھنہ یِہنہ تہٕ تلہٕ تژاوکس نتیجس منز واویستار راونچ کتھ۔پھیٚرن چھُنہ محض پھیٚرن بلکہ چھُ یہِ کشیرِ ہنٛد کلچر تہٕ تہذیب یُس گلوبلایزیشن کنہِ باقی واریاہن کلچرن ہنٛدی پاٹھی کلچرل ہائیجیکنگ ہنٛدس یلغارس منز یِنہ آمُت چھُ۔

کتابہِ منز شامل اکثر افسانن ہنٛدی عنوان چھِ موزون تہٕ عبارژ سٟتی ہم آہنگ۔باسان چھُ زِ یم عنوان آسن بےٚ پھٕرِ وکی پاٹھی افسانہ نگارسندس ذہنس منز آمتی ووٗنی گو مریم تہٕ ثواب ہوٚبن افسانن ہنٛدی عنوان مقرر کرنہ وزِ آسہِ ضرور امس زیادے پہ ژٕبتھ دنی پیمٕژ تہٕ ننہِ یم افسانہ پرنہ وزے۔ننتہٕ زن چھُ 'وانٹہ گل، واریٚل، بےٚ بوجھ بل ہوٚبن افسانن ہنٛدی عنوان ہنا عمومی ورتاونٕژ مختلف باستھ تہٕ بوزنی تہٕ خوش کران تہٕ یمن تحت بیان سپدی یمہ تیٚن تخلیقن سٟتی تہٕ واٹھ تھاوان۔وأرِدات افسانٕک انجام پٕرتھ چھُ امین کامل صاٮ۪بن لیٚوکھمُت افسانہ 'سوال چھُ کلک' یاد پیٚوان مگر واقعہ تہٕ صورتِ حال چھُ بالکل بدوون۔

'پُران یٚتھ فتحیس تام' چھُ اکھ دلچسپ افسانہ۔تجربہٕ کنہِ تہٕ تہٕ تکنیک کنہِ

تہٕ ۔اُمیک موضوع یوٚ دوے فلسفیانہ تہٕ تواریخی تہِ چھ تٲہم یمہ آیہ کلا سیکی نوعیژ ہندس موضوعس بیان کران اکہ اٹدٕ ناوِہٲٹزٕ تہٕ وٕنتھ متوقعہ تہٕ بظٲہر موذون علامتی اظہار چھِ مگر ہارڈ ڈسک کمپیوٹر وغاٹرٕ معروض یوٚ دوے پرن وٲلس گوڑٕ ووٹھ ہش چھِ کھیاوان مگر یوہے چھُ پرٛانہ مسلک تہٕ موضوعک نوٚہنہٕ طرزِ اظہار بلکہ اکھ مُیل دون صورت حالن ۔

بہر حال یہِ چھُنہ ممکن زِ یمن سارنے افسانن پیٹھ سپدِ یتھ جایہِ الگ الگ وارٕ وبستارٕ سان کتھ ۔ مقصد چھُ یِ وُنن زِ یوسف جہانگیرس رُنش چھےٚ رنگا رنگی ۔ یم چھِنہ محض اکس خولس منز بند ۔مختلف ژیہین تہٕ حالاتن منز یہِ کیٚنژھا یموا لگ چھُ محسوس کوٚ رمُت تتھ زِ و دِنچ چھین رژ کوٗشش کرِمژ ۔ یمن چھ قلمس توژھ ، ذہنس سرٛ یہہ تہٕ ژرژن واجی نظر ۔ یم ہیکن بژ ونہہ کُن امہِ کھوتہ تہٕ زبر افسانہٕ لیکھتھ ۔ یہنزٕ تخلیقی شخصیژ نیشناونہ خاطرٕ آسہِ سے یہُنڈ رُت دوس یُس یمن یہِ ونہٕ زِ کتھ جایہِ کانٛہہ لفظ یا جملہٕ بدلاوتھ کتھ کنی ہیکہِ یہِ تاٹرس منز ہُر بر سپدتھ ۔خٲلی کتھ کڈنہٕ چلن نہٕ ۔ وُنن تہٕ چھُ تہٕ ہاوتھ تہٕ چھُ دُبن زِ کیاہ بدلا وہیکہ سپدتھ تہٕ سہ کتھ کنیٚ آسہِ بہتر ۔ وو مید چھےٚ پرن وٲلی وچھن ، پرن تہٕ پرکھاون یمن افسانن امے آیہ ۔ یمن افسانن ہندی رٕژر چھِ پننہِ جایہِ تہٕ تمن ہیکو نہ انکار کرِتھ ۔فی الحال کرٕ بہٕ یوسف جہانگیر صاٮ۪بس یمہ افسانہٕ سومبرنہِ خاطرٕ وژھہِ وٲنجہِ مبارک ۔

پروفیسر بشر بشیر

۲۹ ۔شاہ انور کالونی ،حیدر پوٗر ،سرینگر

# ''افسانہ رۄدُم باوِنے'' اکھ فۄری تاثُر

یوُسف جہانگیر چھُ کأشرِ ادبُک اکھ زیرک ادیب۔ یِۄ دوے یِہ ادیب حال حالے کاشرِ ادبکس نبہٕ ژٕندِس پیٹھ نموٗدار گژھتھ پرٕ وٕ ژھٹنہِ لۄگ، مگر پزر چھُ یِہ کہٕ امی سُند ادبی مطالعہٕ تہٕ تجرُبہٕ چھُ سبٹھا ژکول تہٕ امی یژٕ کأنٛسہِ مُشأہدن تہٕ تجرُبن تہٕ مُطالعن کۄ ریہٕ پتی مین کینژن وُرین منز تمام کأشرِن ادبی حلقن منز نہ صرف مشہوٗر بلکہِ معتبر تہٕ ثأبت۔ شأعری، تنقید تہٕ ترجمہ علاوہ چھُ ازبڈِ پایہِ یِہ اکھ شاندار افسانہٕ سۄمبرن ہیتھ پرٕن والین برونٛہہ کُن یوان۔ دریِ دِس افسانہٕ سۄمبرن ''افسانہٕ رۄدُم باوِنے'' چھنہٕ کأشرِس افسانوی ادبس محض اکھ اضافہٕ، بلکہِ چھُ یِہ کأشرِ افسانُک اکھ اہم پڑاو۔

افسانہٕ چھُ وۄنی اکس نٔوس پڑاوس پیٹھ وۄتمُت تہٕ اتھ چھُ وۄنی اکھ منفرد اسلوب تہِ تہٕ موضوع تہِ تہٕ ہیٔتی طور چھُ یِہ وۄنی اکہِ اہم تہٕ توجہٕ کُن لچک داری کُن رواں دواں۔ یوُسف جہانگیر سنٛز مذکوٗرٕ افسانہٕ سۄمبرنہِ منز یِۄ دوے زن ہیٔتی طور کانٛہہ خاص تبدیلی

نظرِ چھنہٕ گژھان مگر موضوعی تہٕ اوسلوٗبی تبدیلی چھِ نُمایاں طور نظرِ گژھان۔ ہیٔت اوکطرف ترٛاوتھ چھِ افسانہٕ صنفِ باقی ادبی اصنافو کھوتہٕ یہِ پرالب زِ یہِ چھُنہٕ وقتہٕ تہٕ زمانہٕ بزٕ گژھان۔ یعنے رومانی دورس منٛز لیکھنہٕ آمتیٚن افسانن ہیکو جدید مولانکون کرتھ تہٕ جدید دور کین افسانن ہیکو پس جدیدی انہارتہٕ آکاربدٕ کرِتھ۔ مثلاً پریم چند سٔندٮ۟ن افسانن چھاز نقاد پس جدیدی نظریہِ طورتہٕ لگہارمانان تکیازِ یمن منٛز چھُ تمہِ وقتُک کلچرتہٕ ثقافتی تمدُن سیدٕ سیوٗد درشاوان۔ یوسُف جہانگیر سٔندی یم افسانہٕ چھِ امہِ لحاظہٕ تیٚلہٕ پس جدیدی طورتہٕ توجہ طلب۔ تکیازِ یوسف جہانگیر سٔندٮ۟ن افسانن چھُ کأشرِ کلچرک برپوٗرتہٕ سیدِ سیوٗد دولت گٔرتھ۔ یہِ کلچر چھُنہٕ پتھ کالُک نہ چھُ از کالُک بلکہِ چھُ یمن دوشوٚنی کالن ہُند میُل۔ یمن دوشوٚنی زمانن ہُندِ کلچرُک اکھ سہٕ کدل یتھ ازُک پرن وول اپارِ یپور دَودوچھُ ہیکان کرتھ۔ یوسُف جہانگیر سٔندٮ۟ن یمن افسانن منٛز چھُنہٕ یمہِ نوٚزمانُک پرن وول راوان تہٕ نہ چھُ کانسہٕ وأنسٕتھ پرن والس یم نوِسیمنٹ کلچرکۍ تمبےٚ پڑھ راکیٹ باسان یمن سہٕ عجیب تہٕ مایوس نظرو وُچھان چھُ تکیازِ یم چھِ بلکلے تنٛد دماغ پیٚٹھی ژلان۔ یمن افسانن منٛز یمہِ آیہِ کأشرِ کلچرک تہٕ تمدُنک وولت کرتھ چھُ سہٕ چھُ کشیرِ ۂندس پتھ کالس تہٕ ازکالس پرن والس تمہِ آیہِ آپراوان زِ پرن والس نہ چھُ یہِ جنگ فٔڈے باسان تہٕ نہ پتھ کالچ یاگی۔ بلکہِ چھُ یہِ سہٕ وازہ وان یتھ ہرکانہہ کھیٚتھ زیوِ ٹاس چھُ کران۔

یوسف جہانگیر سٔنٛزاتھ افسانہٕ سومبرنہِ منٛز چھُ کشیرِ ۂندٮ۟ن پٔتی ممین ترٛہن ژتجہِن وٕرِ ین ہُند سورُے حسبِ حال، گُذرُن تہٕ ژیٹرُن۔ پٔتی مین ترٛہن وٕرِ ین منٛز یہِ درٛس دُنٕ یہس منٛز بنی نواع انسانس تہٕ کأشرس کشیرِ منٛز گُذریو، تہٕ سورُے چھُ تجرُبہٕ بٔنتھ یوسف

جہانگیر سُند بن یمن افسانن منز گہے علامت تہٕ گہے تمثیلی، گہے ورگہٕ پاٹھی تہٕ گہے اشارن تہٕ کناین منز، گہے طنز تہٕ گہے واویلا بنتھ پرن والس اکھ فکر برٕ ژیٛنہٕ ون دِوان۔ پتِمیو دہیو دہلیو یمہ حالاتھ درُس دُنی یہس تہٕ خاص کر کشیر منز پاده گری، تموٕ ستی گے خاص کر تژے مسائل پادٕ، اکھ، شناختک راوُن دوٕیم، پتھ کالی سوکھکس مٲری منظرس اُدر کھل گژھنی تہٕ بیتھ نوس سیمنٹ کلچرس منز روزن والس انسانس بے چینی تہٕ بے بسی۔ امہِ علاوه یہٕ زن یمو سارو یوٕ ستی از کس انسان سُندس نفسیاتس پیٹھ پیومُت اثر۔ ''افسانہٕ رودُم باونے'' سومبرنہ منز چھِ یمے موضوع مُختلف کردارن ہُندِ ذٔریعہ پرن والس بروٚنٛہہ کنہِ پنٛن سورے زمانہٕ مکاں ہیتھ اکھ شُدتِ تاثُر ووتلاوتھ پیش آمتی کرنہٕ۔ تہٕ بڈٕ کتھ چھِ یہٕ زِ پرن وول چھُ یمن کردارن ہُندِ مدتہٕ یم واقعہٕ تمے آیہٕ ژینان زنتہٕ پانے یہٕ سورُے صورت حال ویٚتران چھُ، یہٕ چھُ افسانہٕ نگار سُند کرتبہِ فن۔ یمن افسانن منز یم کردار ووتلاونہٕ آمتی چھِ یمن منز چھُ اکھ نفسیأتی جیرٕ تہٕ امے نفسیاتی جیرک ردِعمل چھُ اتھ سومبرنہِ منز اکثر افسانن ہُند نوقطے نظر بنتھ ووتلان۔ کردارن ہُند یہٕ جیر چھُ پنٛن فطری ماحول تہٕ اسلوٗب ہیتھ خودزأ وی ہم آہنگی ہیتھ بروٚنٛہہ کُن یوان۔ کارڈ، کلینڈر، ہونی لوٚٹ، پیوند، پزٕ زنتھ بیترِ افسانہٕ چھِ امہِ حوالہٕ مِثالہِ رنٛگی پیش کرنی لایق۔

ہیتی طور چھِ یم افسانہٕ پنٛنی مُقامی رِوایت پانہٕ نأوتھ تہٕ امہِ لحاظہٕ چھُ یمن منز اختر محی الدین، ہری کرشن کول تہٕ امین کأمل سندی انہارٹا کارمگر موضوعی تہٕ ٹریٹمنٹ لحاظہٕ چھِ یم نہ صرف عالمی (Global) بلکہِ کاشرس منز افسانکہِ اکہِ منفرد پڑاو رنٛگی بروٚنٛہہ کُن یوان۔ مقامی کردار تہٕ ماحول ورتأوتھ آفاقی موزونیت ووتلاونی تہٕ پتہٕ اتھ موضوعس بظاہر سادٕ اُستھ

تہٕ درتہٕ معنہٕ آسُن چھُ فنکارُسند تجرُبک اعلان کران۔ افسانہٕ چھُ چونکہٕ لوتوایی فن، یہٕ یوتاہ اختصار رنگی، واقعہٕ رنگی، موضوع رنگی لوتوایی آسہٕ تیوت چھُ اتھ فنس یہٕ ویہٕ وُن تہٕ پڑے وُن بنان۔ یوسُف جہانگیرٕ سُندین افسانن چھِ یم ساری گون۔ اُمی سُندین افسانن منز چھُ کہانی پن تہٕ تہٕ ایبرپٹ آغاز تہٕ ناگہانی کلائمکس مگر افسانویت چھکھ پھٹے پھٹے پڑیڈان۔ اکثر افسانہٕ چھِ علامتی مگر واقعن ہنز مُقامیت تہٕ سادگی چھنہٕ اکس علامتی سنرس منز پرن وألس فاٹاوان تہٕ پرن والی سُند افسانہٕ پرنک مزٕ چھُنہٕ ژھوکان، سہٕ چھُ گوڈٕ یمن افسانن ہُند واقعک لُطف تُلان تہٕ اِڈ چھُ معنے ین ہٕنٛدین زُوین منز دُمبگھ دِوان۔ تخلیقی ادبس گرٛٹھ میانہٕ خیال یوہے گون آسن۔ سخت پسندی چھِ خاص کر نثری ادبکس تخلیٖلی تہٕ جمالیاتی مزس کائزٕ بزی کران۔ اکثر علامتی افسانہٕ پرتھ چھُ پرن وول معنے لبنچ کوششہٕ منز فرہادی کوہ ژٹان تہٕ پوتُس نہٕ کانٛہہ شیر ہن لبان۔ افسانہٕ پرُن چھُنہٕ کانٛہہ کوہ کھنُن یا آسمان ژھنڈنی بلکہٕ پرن والی سُندس شعورس پٹھ موختہٕ ژھٹُن تہٕ اوند پوٚکھ گاشراوتھ مُختلف غیر معمولی واقعہن ہنز حساسیت شُدت سان ژینی۔ یوسف جہانگیر چھُ رمز یہ افسانہٕ لیکھنس منز تہٕ بڈہ کامیاب افسانہٕ نگار ثابت سپدان۔ ہُنٛدی ''عمر قاؤ'' زیو'' وانہٕ گُل'' ''بے بوج بل'' بیترِ چھِ امہٕ حوالہٕ پرنٕ لایق افسانہٕ۔ یہٕ چھس بیہٕ یہٕ کتھ ژیتس پاوُن ییٚژھان زِ یمن افسانن ہنز رمزیت تہٕ چھِ افسانہٕ پرتھ ژیتس پیوان تہٕ توٚ تام چھِ یہنز مقامی حقیقت پرن والس سیدٕ سیوٚد دیدِ مان سپدیمٕ آسان۔

دوٚیمہٕ جنگہٕ عظیمہٕ پتہٕ بدلیے ناولِ تہٕ افسانکی موضوع یکسر تہٕ امی ٹراماہن (trama) ترٛووادبس تہٕ خاص کر فکشنس پٹھ زبردس اثر، یپأری کنی بدلیو پوسٹ ماڈرن زنم

پتہٕ Grand narative۔ناول تہٕ افسانہٕ بنیے Hyper Realتہٕ اَمی Surrealismسُیر ریئیل ازمن کرِ ناولہٕ تہٕ افسانس منز واقعاتی طور غا ئر منطقی تہٕ عقلہٕ نہٕ ویٚژ ونی موضوع پیش۔نہ رؤ دریوٲتی کردار تہٕ نہ رؤ دپلاٹ تہٕ نہ کانہہ بدل ریوایتی تسلسُل ،نہ موضوعچ مرکزی یت، نہ مرکزی کردار تہٕ نہ پُلاٹُک وؤ جوہی رِشتہٕ۔بیہِ اند رؤٹ تانیثیتن تہٕ ادبس منز سخ زور۔بحرحال پرٛتھ کانہہ ادبی دور چھُ پنٕن ادبی داتھر مقرر کران تہٕ یہِ چھُ زمانہٕ کیٚن اطوارن تہٕ انہارن مُوافق آسان ،مگر کاشرِ سماج تہٕ باقی برصغیر کین علاقن باپتھ چھُ وُنہِ یہِ سورُے زنتہٕ وارہاو رنگو غیر یقینی۔کاشرُ پرن وول چھُ ونہِ ریوایتی پرٛھہِ ہٕندس راون تیٚلس تہٕ نوبن حالاتن ہٕندس گٹا شتس منز تہٕ نِو زمانہٕ چن نہون کارِ خصلژن منز زنتہٕ راواون ہیو۔کاشُر چھُنہٕ ریوایتس تہٕ پننس قدرن مُکمل جنازٕ پران ،تہٕ نہ چھُ سہٕ نوین حالاتن باپتھ ژادر وٕتھ پکان۔تہٕ تِتھن حالاتن منز کاشرِس منز فکشن لیکھُن چھُ ادیبس یا افسانہِ نِگارس دُوِدٲے منز تراوان تہٕ اتھ دُودٲے منز اگر سہٕ پتہٕ لیکھان تہٕ چھُ سہٕ چھُ میکینیکل بنان تہٕ فن چھُ مُختلف نظرِ یاتن چھیٚپہٕ لگان۔یہِ کتھ چھِ امہِ حوالہٕ سبٹھا دلچسپ زِ یوسف جہانگیرنی یم افسانہ چھِ امہِ لحاظہٕ Modirate یمن منز چھُ زمانہٕ مکانہٕ تہٕ مُختلف عصری ادبی تھیوریو لحاظہٕ اکھ توازُن تہٕ یہِ توازُن چھُ یمن پرن والیٚن ہٕندِ باپتھ دِلچسپی ہُند مرکز قایم تھاوتھ تہٕ وقتی نزاکت تہٕ پانس منز وپر اوتھ۔"زہو" "پرٛزنتھ" ---۔کارٛڈ تہٕ باقی افسانہٕ چھِ امے آیہٕ پرنہٕ ینہٕ والی افسانہٕ۔امہِ لحاظٕ چھِ یوسف جہانگیر سٕنز یہِ افسانہ سومبرن دلچسپ تہِ تہٕ غور طلب تہِ۔

'افسانہٕ رؤدُم باونے" افسانہٕ سومبرنہٕ منز چھ کینہہ افسانہٕ نہ صرف یمہٕ دور کی

نمایندہ افسانہٕ ،بلکہِ ونہٕ بہٕ زِ اختر محی الدین ، ہری کرشن کول تہٕ امین کأملس پتہٕ چھِ یم کینہہ افسانہٕ کاشرس منز اکھ نوتوأ ریخ مُرتب کران ۔ ڈ کارڈ ‘‘ ترٕ ے زأ ویہٕ ترٕ ے زخم ’’ ہیوٚ افسانہٕ چھِ امہِ لحاظہٕ غور طلب ۔

یوسُف جہانگیر سٕنٛدی یم افسانہٕ چھِ ریوایتی طور پلاٹ لحاظہٕ چُست ، واقعہن منز چھُکھ اِختصار تہٕ کردارن ہُنٛد تید ادکم ۔ یم چھِ پرن والس یکدم یادتہٕ روزن تہٕ فوری تاثرتہٕ چھِ ووتلاوان ۔ میانہِ خیالہٕ یُس بیا کھ چیز جزیأتی سطحس پٮ۪ٹھ یمن افسانن مُمتاز بناوان چھُ سہٕ چھُ یہند اوسلوٗب ۔ أکس دوٚن افسانن سوأ ے چھِ باقی افسانن ہٕنز زبان تہٕ کردارن تہٕ واقعہن مُطابق حقیقی زِ تخلیق کارِ سنٛز کانٛہہ تہِ میکنکل کارستأنی چھنہٕ درٛینٛٹھی گژھان ۔

’’ مےٚ کھٕ سٕخ شرارت ۔ ہنگہٕ منگہٕ زہر بادس زنگ ژھٕنٛنی ۔مےٚ پٔنٛنی پریشأنی تہٕ یہٕ گوم بیہٕ پاسہٕ اگادِ ۔ بہٕ دپان گاڈِ منز گوٚ ژھ نہٕ ہرسرصدا گژھُن دیو مےٚ رژھِ کھنٛد سکوٗن ییہٕ ہے ۔اِ دگوٚہن ہنٛز شہمت ۔ ’’ ہے ۔ہے ۔ ہے ۔ہے ۔ژہسا چھُکھ بڈ عجیب انسان زنتہٕ مےٚ کانٛہہ لبکھ کڈ مے ۔ ونہ یارٕ سیوٚ دسیوٚ ڈ ‘‘ ۔۔۔۔۔ مےٚ کھوٚت مبھکن تہٕ یاشا گرتھ والس گُنی چپاتھ ۔ گردن پھیرس ہور گُن تہٕ بُتھس ترٕیس اونگجہِ کولہٕ پاگل دلہٕ ۔ ژ ے کوٚ ڈُتھ مےٚ بسہِ کھسنہٕ پٮ۪ٹھ پٕنٛدی ۔ ونہ یارٕ ۔ ونہ یارٕ ۔ کیا زِ ونے ۔ ژٕ کیا مخبر چھُکا ، بہٕ ہا کرے گنہٕ ۔

(افسانہ کارڈ)

شادن ترٕ ووبیہٕ اکھ زیوٗٹھ ووش تہٕ یڈ ہیور گُن پھیرتھ لوگُن تالوس گُن وُچھن ۔ یتھ پٮ۪ٹھ شیشہِ دارِ ہنٛدِ پنٛجر منزی اژن والہِ زُنہٕ گاشہٕ ستی مُختلب

قسمچہِ شکلہِ بنیمژ آسہِ ۔یمن منز تژ گنجل شکلہِ زیادٕ پہن ننہِ آسہِ ۔۔تس ووتھ تلواس
تہٕ بیا کھ ووش تژ أوتھ وأ جن لیف یون پہن ۔غلام قأدرس پے تندس وچھس گن
نظر۔تس باسیوزنتہٕ ژُدنہٕ گاشش منز سونہری ڈلس ز پمپوش پھلی متی چھ۔۔۔۔۔

(افسانہ تژے زأویہِ تژے زخم)

یمن افسانن منز ورتاونہٕ آمُت مکالمہٕ یا بیانیہِ ،چھُ افسانکس کردارس تندِس نفسیاتس ، واقعہس تہٕ واقعہکِس علامتی یارمزیتس ءستی بیک وقت مُکمل ہم آہنگ تہٕ یہِ چھُ یوسُف جہانگیر سُنُد بہترٖین افسان نِگار آسنُک ثبوت۔

@ پروفیسر نثار ندیم

وزیرپؤر دنیو کولگوم

دسمبر ۲۰۲۱ء

# کس باوِنی تگو افسانہ ونے!

نقشِ فریادی ہے کس کی شوخیِ تحریر کا
کاغذی ہے پیرہن ہر پیکرِ تصویر کا

یتھ شعرس متعلق چھنہ ضروری زِ بہ ونہٕ یہٕ کہند شعر چھُ۔امہ شعرک زمانہٕ چھُ 1816 ءمانہ یوان۔تہِ واریاہ وضاحت چھ اتھ شعرس متعلق کرنہ آمژ۔کلام غالبس شرح کرن والین منز چھ گوڈٕ پانہ غالب یوان امہ پتہٕ چھُ اہُند شاگرد الطاف حسین حالی اتھ کلامس پٹھ نوِ انداز کتھ کرتھ پننہ نس ووستاد سندی اکثر معنی رد کران، حالی مرحومس پتہ چھ نظم طباطبایی ،طباطبایی مرحومس پتہ حسرت موہانی، شمس الرحمان فاروقی تہٕ ازیک جاوید رحمانی چھ پننہ مخدور مطائبق کلیاتس پٹھ کتھِ کرمژ یاچھِ کران۔کلیات کس گوڈنکسی شعرس متعلق چھُ شمس الرحمان فاروقی پننہ کتابہِ ''تفہیم غالب'' منز رقمطراز'' شارحین غالب نے اس شعر کے شرح میں یہ اضافہ کیا ہے کہ یہ شعر انسان کے ضعیف البنیان ہونے کے خلاف احتجاج ہے۔'' کانہہ کینہہ تہِ وُنی تن شعرس، افسانس، نظمہ غرض کنہ تہِ فن پارس چھ پرن والی پننہ بترِ چہ کھوچہ پٹھ تھلتھ مولآنکون کران۔یتھے پأٹھی چھ افسانس تہِ واریاہ بتھی تہٕ

پاس۔ یم چھنہ گول تہٕ سپاٹ زِ اکی نظرِ وچھتھ آسہ تتی یہ انسانس نظر گژھ۔ گرگٹ (chameleon) چھنا موسم، خوشی، غم، خوف وچھتھ پننہ نس پانس تتھی رنگس منز ڈالان یُس تس مناسب باسہِ۔ یتھ پاٹھی پوٚر گامِکی لکھأکسی کھیتہ پٹھ یتھ پتہٕ بیوٚن بیوٚن کوچن منز شرپتھ اتھ أکس نظارس الگ الگ منظرن منز منقسم کران۔ یتھ پأٹھی گولاب آنگس منز طبیبس نش، عطارس نش انفرأدی اُستھ اجتماعی رنگ چھ ژھٹان۔ تِتھے پأٹھ چھ ''افسانہ رودم باونے'' کتابہ ہندی یم رنگ مختلف رنگن منز شرپتھ۔ بقلمِ سمپورن سنگھ ''کہانیاں گھڑی نہیں جاتیں وہ گھٹتی رہتی ہیں واقع ہوتی ہیں آپ کے چاروں طرف، کچھ صاف نظر آتی ہیں کچھ آنکھ سے اوجھل ہو جاتی ہیں'' یتھ پاٹھی اپر أنی دأن برونٹھے چھ خوصورت تہٕ یاوٕ مگر یام شراکھیچ لوٚگس تہٕ دبل تُلکس اِد اکھ نوٚو دنیا چھ دیِد مان سپدن، گنہٕ لورِ تہٕ چھِ دبل تَلیچ تأری اِد آبہ گلبن کُس تھاوِ ٹھری تہٕ انہٕ گوٚٹ گوتاہ تہٕ سوٚن تہٕ گوٚن آسہ اکھ تُج فقط اکھ تُج زالنچ چھِ تأری سورے چھ منور سپدان۔

بہ چھُسن ذأتی طور یوسف جہانگیر تسندس افسانوی دنیاہس منز وأرد سپد تھے زانان۔ سُہ چھنہ کُٹھ بند تخلیق کار، نہ چھ الہامس پرارن تہٕ پرکژاژنچ کُنہٕ کفیت ہندس انتظارس۔ سُہ چھ علمی تہٕ عملی دنیاہس منز روزان تہٕ أتھی ستی چھ پانس واتھ کرتھ۔ تہٕ ونن یژھان یہ وچھمت چھُکھ، کوٚرمت چھُکھ یا سوٚرمت چھکھ۔ یُس دنیاتس باگنی اوتھ منز اوس پی سپدان، بنان تہٕ گدُران۔ یمن فعلن چھ سُہ افسانوی رنگ تِتھے پاٹھی دِوان۔ یتھ پاٹھی تمی انگریز، اردو، فارسی ادبس منز یہ وریہٕ وادَن پوٚرمت چھ۔ سُہ چھ کأشرس افسانس پٹھ پانہ پننہ رِس أکس مضمونس منز لیکھان ''رابرٹ بٹلر، اختر الزمان الیاس یا نسرین جہان تہٕ انتظار حسین ہوین انگریزی، بنگالی تہٕ اردو افسانہ نگارن ہند میجکل ریلزم، جنیفر ایگان سند

ٹوٹر فکشنس منز سیکنڈ پرسن نریٹیو تہ جمپا لہری سند متارکینِ وطنن ہند ثقافتی تناو چھ تم نوی تجربہ یمو عالمی افسانہ اکس نوس مقامس پیٹھ واتنآو تہ نوینہ شکلہ منز قآریس برونٛہہ کن ترٛ وو۔"

یوسف جہانگیر سندی افسانہٕ کلینڈر، گلہ گاندھی، زبو، کارڈ، آورنی، ہولی بارو، بے بوج بل، شُری تماشہ تہٕ باقی۔ افسانوی ادبس یم تاویلیل از تام کرمژ چھکھ ییٚ چھُ سہٕ ادب۔ یمے معنہ دتکھ اتھ صنفہ، یموکو چو منزی پھیور ازرا پانڈ، چیکوف، پریم چند، منٹو، نیر مسعود، ہری کرشن کول، اختر محی الدین، شفیع شوق، مجروح رشید بیتر، تِتھی وتہٕ پیٹھ چھُ گامزن یوسف جہانگر تہٕ۔ یموٚیُس ول کردان تہٕ تھزر زبانٔی دیت مت چھ سہٕ چھ کمال فن بہ چھُس نہ کأنسہ تہٕ فنکار سندس فن پارس منز زانہہ یہٕ وچھنہ یا ژھارنچ کوشش کران زِ اما ونان کیا چھُ یہٕ یا ونن کیاسنا چھُ اُمس۔ بلکہ چھُس بہ ہمیشہ یہ تہ تلاشس منز روزان زِ اما ونان کتھی پأٹھی چھُ یہٕ، فن کار اگر ناشأیستہ الفاظ تہٕ پننہ شعرس افسانس، نظمہ یا ناولس منز ورتاوے آسہ پننہ لبوٚلہ پیٹھ لس ستۍ زانہہ اختلاف یودوے سہٕ آرٹ آسہ نہ کہ لکھہ لکھہ۔ جہانگیر سندِ افسانن ہندی کینہہ اقتباس۔

"مے کھوٚت مینگن تہ یا شاہ کرتھ والس کُنی چپاتھ گردن پھیرِس
ہورکن تہٕ بتھس ترِیس اونگجہ۔ کولہٕ پاگل دلہٕ۔ ژٔے کوٚ ڈتھ مے
بسہٕ کھسنہ پیٹھ پنٛدی۔ ونہ یارٕ۔۔ ونہ یارٕ۔ کیازِ ونے"

افسانہ "کارڈ"

"اُدی۔۔ اُدی ترٛ ووے۔۔مے ٹی۔ وی۔ مے۔۔ مے دوٗپ بہ۔۔
بہ وُچھ چھوٹا بیم۔ ییلہ مے۔۔ مے ٹی۔ وی ترٛ وو۔ تتھ منز گو۔۔ ب۔۔ ب۔۔ بوٗ ڈ ٹاس تہ
۔۔ تہ اُکس جایہ ہیوتن نار۔۔ تہ تمی نارٕ۔۔ نارٕ ستۍ آسہٕ کلنڈر رذٗ دمت"

افسانہ "کیلنڈر"

سۂ اوس لتس کن مدے گنڈتھ سونچان زونی ییہ یِہ مے
بۆز ونہہ گُن تہ چپاتھ تژٲ وتھ پژ ژھیٚم کس چھکھ تہ کوٚت چھوے گژھن۔
سۂ اوس پانسے ستی جواب سونبراوان ۔۔۔ ُسر خاندارنی بیمار ہیں۔۔۔
خلاٗصی ہُند دود ہیں۔۔اب وارنی لانا ہے۔

افسانہ ''گٹہ زۆل ژاپاں ونہِ تہِ چھُ گاش''

''لوٚتے۔۔لوٚتے۔۔لوٚتے۔۔ پکھ سا۔۔ پکھ سا۔۔ درگاہ۔۔رِنی وور۔۔درگاہ۔۔''
یہ زانِنہ بغاٗرے زِینہ واٗلس چھاپژی درگاہ یارِنی وور گژھن کنہٕ نہ۔سواٗ ریٚا سواٗ ریٚا تہِ
اٗس کھسان مگر سۂ اوس کربکھ کربکھ جاٗری تھاٗوتھ۔
''پکھ سا بروٚنہہ پہن۔۔ہے مہ سارٹھ داٗر۔۔ پکھ سا پتھ پہن۔۔

افسانہ ُہوٗنی لوٚٹ

یم اٗسی کینہہ فنی نوٚمونہٕ ماٗنی تو عیزٕ ژ ندرا صرف وچھنہٕ باپت اصلی خوشی تہٕ لطف اندوز سپد واٗسی عیز دہ ہنے یمہ دوہ اسہِ کانٛہہ بٔس شاند پتھ گُن تہٕ کھونہ منز'' افسانہ رودُم باونے آسہ۔

پروفیسر امتیاز احمد لون (لون امتیازؔ)
بمرتھ کولگوم

# نوٚو افسانہ تہٕ پزٕ ون احساس

ہر کنہ ادبی صنفہِ ہند بنیأدی موضوع چھ زندگی، کنہ بالواسطہ تہٕ کنہ بلاواسطہ۔ چونکہ زندگی چھ بذات خود اکھ سو پنہ ڈیٚنج۔ یتھ مختلف ضروریاتو کنہٕ مختلف پنہ داون لمنہٕ ستی کھرِ کانگر آمژ چھ لہٰذا چھ ادبی صنفن منز پیش کرنہ آمتیٚن احساسن تہ جذباتن تہِ دوٚرٕ ژھ لجمژٕ تہ کھرِ کانگر آمژ توے تہ چھ عام قارئیس، نقادس تہٕ تخلیق کارس تہِ خیالن دوٚرٕ ژھ لگان تہ عموماً گھر یوان۔ اتھ کھرِ کانگرمنز چھ اکثر تخلیق کار تہ نقاد اکھ اکس نالس تھپھ ژھنان تہٕ عام قأری چھ پان بچأوتھ لوٚبے روزن پسند کران۔ نتیجہ چھ یہ نیران زِ تخلیق کارس چھ قأری دستیاب نہ آسنچ شکایت پزٕ یتھ ساعتہ زو پیٹھ آسان تہ نقادس چھ جینون تخلیق کار دستیاب نہ آسنچ پام برجستہ قلمہٕ تیٖنٛس پیٹھ کھسان۔ بوزوے تہٕ نہ چھ تخلیق کارے مسلہ کس ژٕکس سنان تہٕ نہ نقادے۔ عام قأری یس چھنہ خطہ ہے۔ یہے وٚنن چھ ادبچہ مشہور صنفہ افسانس تہ گمژٕ۔

عالمی ستھرس پیٹھ زاینٛن لبنہٕ پتہ چھ از تام افسانہ صنفہِ کھیا پزاوسر کری متہٕ۔ موضوع اٚسی تن یا اسلوب، تکنیک اٚسی تن یا ہیئت وقتس ٕستی ٕستی چھ افسانن ہتہ واد تجربہ کری متہ تہ ترقی کرتھ چھیٚن اکھ نوتہٕ سأدرِ وار شکل اختیار کرمژ۔ یہ صورت حال چھ کم کاسہ کمی بیشی ہیتھ

دنیاچِہن تمام زبانن ہنٛدس افسانس منٛز درینٛٹھی گژھان۔ رابرٹ بٹلر، اخترالزمان الیاس یا نسرین جہان تہ انتظار حسین ہوین انگریزی ،بنگالی تہ اردو افسانہ نگارن ہنٛد میجکل ریلزم ؛ جنیفر ایگان سنٛد ٹوٹر فکشنس منٛز سیکنڈ پرسن نریٹیو تہ جمپا لہری سنٛد متارکینِ وطنن ہنٛد ثقافتی تناو چھ تم نوی تجربہ یمو عالمی افسانہ اکس نوس مقامس پیٹھ واتنأو تہ نوینہ شکلہ منٛز قأریس بروٛنہہ کُن ترٛ وو۔ یتھے کنٛ چھ علامتی تہٕ تجریدی افسانہ سہُ اکھ تجربہ یمی یکسر افسانچ موضوعی تہ تکنیکی ہیت تبدیل کرٕ تہٕ اکہ نوِ اندازٕ لیکھنک ریٛواج سپد قأیم۔ یؠ تاہ یؠ تاہ ٹیکنالوجی ہنٛد وساطتہ زندگی ہنٛد رفتار تیز سپد تیٚؠ تاہ تیٚؠ تاہ گو وقت ژھوٹان تہ داستان یا ازکل ووٚنی بوٚڈ پہن افسانہ پرٛنچ فرصت تہ گے اتھس منٛز رسوٕ نہ سیکہ موٚ چھ ہنٛدی پأٹھی موکلان۔ نتیجہ دراو یہ ز افسانک راد ہوٕ ژ تہ گو دوہ کھوتہ دوہ شُرٛکان تہ پوسٹ کارڈ افسانہ حتا کہ پأنٛژھ لفظی افسانہ تام ہیتنٛ بارسس ینٛ۔ افسانہ ژھوٚ ٹراونک یہ تجربہ ہرگاہ میانہ خیالہ زیادے پہن غأر ضروری حدس تام ووتمت چھ مگر بہر حال چھ یہ افسانوی ادبک اکھ نوینہ تجربہ ییٚس اکہ نتہ بیٚیہ رنگی ہر کأنٛسہ افسانہ نگارس متأثر کران چھُ۔ مگر تیٚلہ تہِ چھ یہ کتھ روز روشن نمایاں زِ یمو سارو ے تجربو باوجود چھ دوہ کھوتہ دوہ افسانہ پرن والیٚن ہنٛد تعداد کم گژھان تہ تخلیق کار تام چھ ونی قلم کاکدتا کھچس پیٹھ تھونس مجبور گژھان تہ موبایل فونن پیٹھے وقت گذارن چھکھ وأنجہ دأ دس روہنہ ژُیٹ باسان۔ میأنٛ یہ کتھ ہیکہ نہ دنیاچِہن جاۓ بجن زبانن متعلق صحیح أستھ مثلاً انگریزی زبأنٛ ہنٛد خأطرٕ یتھ منٛز پرن والیٚن تہٕ بوزن والیٚن ہنٛد تعداد بے شمار چھ تہٕ سأری سے دنیاہس منٛز پرنہ تہ بولنہ یوان چھ۔ مگر یوٚت تام زن علاقأیی زبانن ہنٛد تعلق چھ صورت حال چھ بالکل تی یہ مےٚ پیٹھ کنٛ بیان کوٚر۔ اتھ پس منظرس منٛز اگر اسی اردو زبأنٛ منٛز لیکھنہ ینہ والہ

افسانوی ادبچ سام ہیموتتھ منز تہ چھنہ صورت حال جاۓ خوش کرونی۔ حالانکہ اردو زبانٔی ہندی افسانن چھ ہمیشہ عالمی ادبس قدمس ستی قدم رلومت تہ تم سأری تجربہ چھن پانس منز شرٔ ؤ پرأمتی یم وقتہ وقتہ عالمی ستھرس پیٹھ کرنہ آے مگر تو پتہ تہِ چھُنہ پرن والیٚن ہند ظوون پزنہ پاٹھی پانس کُن پھرتھ ہیٚوکمت۔ اتھ صورت حالس منز کأشر افسانک حال وچھتھ چھنہ انسان صرف مایوسے یوت گژھان بلکہ چھ کھورِ شور تسلاح گژھان تہ امید ہنز کانٛہہ زِ ژا اچھنہ در ییٚتھی گژھان۔

ییلہ اسی کأشرس افسانوی ادبس پیٹھ نظر چھ تژ اوان امیک صورت حال چھ باقی زبانن ہند افسانوی ادبہ نش بالکل بدون۔ تمام زبانن ہند افسانوی ادبچ تواریخ چھ بژ وٛنہہ کن پکان تہ ترقی ہندی نوی نوی پیمانہ چھ مقرر کرنہ یوان مگر کأشرِ زبانٔی ہند کلہم ادبچ تہ خاص کرتھ افسانوی ادبچ تواریخ چھِ یانتہ پتھ کالس منز کتین تام روٹہ گمژ تہ چھِ بژ وٛنہہ پکنہ بجایہ پتھ گنوے ڈوکرڈو کردوان۔ اسی ہیکو نہ اردو زبانٔی ہند ازیک افسانہ تمو پیمانو ستی تولتھ یموٗ ستی اسہ پریم چند تہ کرشن چندر سندی افسانہ تولی۔ یم پیمانہ منٹو سندس افسانس تعین قدر کرنہ خأطرِ استعمال کرنہ آے تم ہیکو نہ ہرگز تہ انتظار حسین، نیر مسعود یا سلام بن رزاق ہوین افسانہ نگارن ہندس افسانس تعین قدر کرنہ خأطرِ استعمال کرتھ۔ تکیا زار دوافسانن چھ تمہ انمانہ ترقی کرمژ زِ ہر کنہ زمانس پٔیہ افسانہ پرکھاونکی پننی پیمانہ نوسرٕ مقرر کرنی۔ یہ چھُ اکھ قدرتی اصول تہ۔ ییلہ سماج تبدیل گو، سماجس منز روزن وألین ہند لسنکی بسنکی طور طریقہ تبدیل گے افسانہ تہ رود بدلان۔ موضوع تہ رودی بدلان تہ ہیت تہ روز بدلان۔ نتیجہ دراو زِ اکھ نٔو افسانہ آو بارسس۔ ییلہ اکھ نٔو افسانہ بارسس آو پرکھاونکی پیمانہ کتھ ہیکن تمے

کامہ لاگنہ یتھ یم ازبرٕ ونٛہہ شیٹھ یاستھ وری لاگنہ آسی یوان۔ بیا کھ کتھ چھےٚ زبان۔۔۔
زبان چھنہ کانٛہہ منجمد چیز یتھ منٛز وقت گذرنس ستی کانٛہہ فرق ہیکہ نہ یتھ۔زبان چھ اکس زندہ زٕوسندی پاٹھی وقتس ستی بدلان روزان، برٛان، ترقی کران، بالغ گژھان تہٕ کنہ کنہ کمزور تہٕ گژھان تہٕ بعضے مران تہٕ۔لہٰذا اچھٕ زبانٲ منٛز تخلیق سپدن وول ادب تہٕ پننی اسلوبی ہیئت بدلاوان روزان تہٕ نوی نوی تجربہ ہیتھ فن پارہ چھےٚ زایُن لبان۔یمن حالاتن منٛز کتھ ہیٚکن تم پیمانہ کانٛہہ فن پارہ پرکھاونہ خاطر کارگر آستھ یم ازبرونٛہہ پنٛژاہ یا شیٹھ وری آسی۔
یۄہے وجہ چھُ ز ترقی یافتہ زبانن منٛز چھےٚ ادب پرکھاونکی نوی نوی پیمانہ بارسس یوان تہٕ ادب تہٕ چھُ ترقی کران۔مگر امہ لحاظہ چھُ کاشُر زبانٲ ہنٛد افسانک صورتحال انسانس حٲران کران۔
سون نقاد چھُ ازتہٕ لیکھنہ یینہ والہ افسانک تقابل اخترمحی الدینس تہٕ ہری کرشن کولس ستی کرتھ تعین قدر کرنچ کوٗشش کران۔ازتہٕ چھ آسی افسانہ نگارس ونان زِ چانٛس افسانس منٛز چھنہ سوٗ زبان یوٚس 'دندوزن' یا 'حالس چھ روتل' افسانن منٛز ورتاونہ آمژ چھ۔بدقسمتی چھ زِ سون نقاد چھ معاصر افسانہ کس کردارس تہٕ ہری کرشن کول، علی محمد لون ، اخترمحی الدین یا امین کامل سنٛدس کردارس ستی تقابل کران۔ییلہ زن تنہ پتہٕ ازتام سون سماج کتہ کورو وتمت چھُ تہٕ کردارٕ یُس سماجہ منٛز ےزنم لبان چھُ تہٕ چھُ پننہ زمانہ کین دولابن تہٕ مشکلاتن منٛز بالکل بدلیومت۔مےٚ چھُنہ یتھ کتھِ انکار زِ اختر، لون، کامل، بھارتی یا کول کیاہ آسی نہ سانہ افسانوی ادبکی بالہ تھوٚنگی۔اگر اسہ کم کاسہ افسانوی سرمایہ موجود چھُ سہٕ چھُ یمنے تھدِ پایہ کیٚن تخلیق کارن ہُند دیُت تہٕ ازتہٕ چھُنہ کانٛہہ تمہ پایک افسانہ نگار کاشُرس ادبس دستیاب گژھان مگر مےٚ چھُنہ یہ کتھ وننس منٛز تہٕ کانٛہہ ترٛدد محسوس گژھان زِ تہند قد ہیکو صرف

تِہندٕ دورٕ کہٕ حثیت مقرر کرتھ نکہِ موجوٗدٕ زمانہ کہٕ نسبت۔ اگر ازی کہٕ افسانہ کہٕ عالمی صورت حال مطأبق اختریا کامل پرکھاون آسہِ تیلہ چھُ مےٚ باسان زِ یمن افسانہ نگارن ہنٛد قد مقرر کرنس پٔتھ پٮ۪یہ نو سر سوٚچُن تہٕ سو آسہِ یقیناً اکھ غلطی تکیاز کنہ تہٕ زمانک ادیب بدل زمانہ کہٕ پیمانہ پرکھاون گوٚ پرٛانہ زمانہ کہٕ گزٕ مطأبق از یک میٹر ملی ہیٚون یا پرٛانہ زمانک سیر ازی کہٕ کلو مطأبق کٔنُن یہ زن اکھ غیر فطری طریقہ کار چھُ۔ لہذا اچھنہ یہ ممکن زِ زمان و مکانکی لوازمات یکسر مسترد کرتھ کیا ہیکو أسی ازی کہٕ افسانٕک مقابلہ اختر محی الدین یا ہری کرشن کول سٕندس افسانس سٟتی کرتھ تہٕ پتہٕ تمے پیمانہ مطأبق تعیّن قدر کرتھ۔ توے تہٕ چھُس بہٕ وَنان زِ یتہٕ تمام زبانن ہنٛدِ افسانچ تواریخ برٛونٛہہ کُن پکان چھِ تہٕ چھِ بدقسمتی سان کأشرِ افسانچ تواریخ پتھ کُن پکان۔ افسانوی ادبکہ تنقیدُک یہ رجحان چھُنہ صرف تنقیدس پیٚٹھے یوت اثر ترٛاوان بلکہ چھُ امہٕ سٟتی سانہ افسانک تخلیق کار تہٕ متأثر سپدان۔ سانہ افسانک تخلیق کار چھُ ازتہِ پننی پہچان بناونہ خأطرٕ پرانٮ۪ن افسانہ نگارن بحثیت نمونہ پانس برونٛہہ کنہ تھاوان۔ کرِ تہٕ کیا بچارٕ۔ نقادتہٕ چھُس تولنہ باپتھ گز تہٕ سیرے استعمال کران سہٕ بچارٕ کتہٕ لیکھِ کلو تہٕ میٹر برونٛہہ کنہ رٹتھ۔ ونی ہرگاہ کأنٛسہ نوِ پیمانہ مطأبق لیکھنچ کوشش کٔر تیلہ چھُ نقادسٕز ترٛ کرِ منٛز تمی سنٛد افسانہ چھونان تہٕ فطری طور چھُس مول تہٕ کم گژھان۔ امیک نتیجہ چھُ یہ نیران زِ جسمأنی طور نٔوس زمانس منٛز لسنہ بسنہ باوجود چھُ تخلیقی طور سون افسانہ نگار اختر محی الدین تہٕ امین کامل سنٛدی سے زمانس منٛز بسان تہٕ تمے کردار تہٕ واقعات چھُ بارسس انان یم کھیا مؤدی متی چھِ۔ یعنی سأنس جدید افسانس منٛز تہٕ چھُ پرٛون احساس اکہٕ نتہٕ بیٚیہ رنگی پننہ موجودگی ہنٛد اظہار کران۔ اتھ دوران یُس بیا کھا اکھ بوڑ مسلہ پأدٕ چھُ گژھان سہٕ چھُ گوٚ زبأنی ہنٛد معاملہ۔ نٔوس افسانہ

نگارس نش چھِ بہرحال اکھٔ زبان تہٕ بیلہ سہٕ پرٛون احساس ہیٚتھ جدید افسانہ لیکھان چھُ
قدرتی طور چھنہ زبان موضوعس یا کردارس ستی انصاف کرتھ ہیکان۔ میانہ خیالہ چھُ
افسانک قارٕی نابود گژھنک یوٚہے سارووے کھوتہ بوٚڈ وجہ۔ اگر افسانہ نگار پننس قارٕی
لیس تمن مسلن تہٕ احساسن ہند غذا فراہم کرِ نہ یمن ستی تس پننہ دوہ دِش چہ زندگی منز مقابلہ
کرن پیوان چھُ سہٕ کیازِ پرِ تمی سُند افسانہ؟ ہر کانٛسہ انسانس چھ پننہ ٔین احساسن تہٕ مسائلن
ہند پنن اکھ مأدان آسان یمن ہند واٹھ تمی سندس لسنہ بسنہ کس زمانس تہٕ مکانس ستی
آسان چھُ۔ ونی ہرگاہ افسانہ نگار کنہ تمہ زمانہ کہ احساسچ کتھ کران چھُ یتھ ستی تسندس قارٕی
لیس کانٛہہ لین دین چھنہ تیلہ چھِ یہ کتھ یقینی زِ سہٕ افسانہ نگار گژھِ وارِ وارِ قارٕی لیس نشہ
دوٗران۔ پیٹھ بیلہ افسانہ تخلیق کرنس منز سو زبان استعمال کرنہ ییہ یوس موجودٕ زمانہ کس
قارٕی سنز زبان آسی نہ قارٕی رٹتھ ہیکہ افسانس منز پنن پان محسوس کرتھ۔ ونی ہرگاہ قارٕی
پنن پان محسوس کرِ نہٕ تیلہ کیاہ اہمیت چھُ فن پارہ تسند خاطرٕ تھاوان۔ سُے پرِ تہٕ کیازِ؟ کأشرِ
افسانچ پزنہ پأٹھی ترقی نہ کرنک وجہ تہٕ چھُ بنیأدی طورا تھی ستی وابسطہ۔ کأشری افسانہ نگارن
ہیوٚک نہ پننہ زمانک بدلوٗن احساس محسوس کرتھ تہٕ ٹیکنالوجی ہنز ترقی ستی بدلوٕنی زندگی ہیچ نہ
افسانہ نگار سندس ذہنس منز سہٕ طلاطم پأدٕ کرتھ یُس جدید افسانس زنم دیہ ہے۔ شاید چھُ
تمیک بوڈ وجہ یوٚہے زِ تس کرنہ نقادن سو وتھ بدِ کڈنس منز راہنمأیی یمیک تقاضہ عالمی
ستھرٕ یک افسانوی ادب کران اوس۔ وننک مطلب چھُ یہ زِ نوِ ترقی یافتہ زمانک احساس نہ
ہیوٚک تخلیق کارس سپدتھ تہٕ نہ نقادس۔ ظأہری طور رود کأشر افسانہ نگار جدید افسانکی تقاضہ
پورٕ کرنچ کوشش کران مگر بنیأدی طور یُس بدلوٕنیٚن حالاتن ہند احساس حقیقی جدید افسانس زنم

دتھ ہیکہ ہے سہٕ احساس ہیٚوکن نہ پانس منز پوٕر پاٗٹھی شرٛ ؤ پراٗ وتھ ۔

کتھ چھنہ ژ کہ راٗ وی متس وراثس پیٹھ صرف واوېلا کرن بلکہ چھُ ضروری زیہ کینژھا دردست چھُ تتھی منز اطمنان ژھارنچ کوٗشش کرٕنی ۔ یوٚت تام نہ سون تخلیق کار واوېلا کرنکہ صورت حال منز نیبر نیرتھ موجودٕ حالاتن تہ دردست زمانہ کیٚن معاملاتن منزے زندٕ روزنچ وتھ تلاش کرِ توت تام ہیکہ نہ سہٕ افسانہ تخلیق سپدتھ یُس موضوع، اسلوب، ہیت تہ ٹیکنیکس ستی ستی اجتماٗعی نوینہ احساسک پاسدار آسہ تہ پزنہ پاٗٹھی ہیکوس جدید افسانہ ونتھ ۔ امہ خاطرٕ چھنہ صرف تخلیق کارے یوت ذمہ دار بلکہ چھ نقادس تہ یہ ذمہ داٗری پھکیٚن پیٹھ ہیٚنۍ تہ سہٕ تنقید بازرتڑ اون یُس تخلیق کارس جدید عالمی سُتھریک افسانہ لیکھنس منز مددگار ثابت ہیکہ سپدتھ ۔

یوسف جہانگیر

دسمبر ۲۰۲۱

# بوٗز

'ببا، ببا ۔۔۔ہو ببا!

روشن خیال اوس کربۂ دی دی ننہٕ وورے دوان ۔زبوٗ اُسس کھستھ آمژ۔ باݨر بومت اوس۔ زنتہٕ اوسن وچھمت گام نارس منز ہینہ آمت۔

'ببا ، ہو ببا ۔۔۔'

عمہ چچن کوٚڈ دارِ کنی کلہ تہ باݨرِ ہوٚت پرٛژھنس

''کیا با گوٚبرا ؟ کیاہ دلیل گیے ؟'

'ببا باتتھ بابہٕ نہٕ بونہِ ناچھنہٕ پنے درامت ۔سو چھےٚ یہے دۄ دمُت مونگرہش''

عمہ چچن تروو زیوٗٹھ ووش تہ اُکس تجربہ کار انسانہٕ سنٛدی پاٗڈھی تروُن اَسنا۔روشن خیال اوس حاٗران گژھتھ بڈ ببس کن وچھان تہٕ اوٗش بگھی اُسس یوان ۔تس اوس اندازِ زِ یہ خبر بوزتھ گژھِ بب سخ پریشان تہ تس اتھس تھپھ کرتھ واتہ دوران بونہ نش۔ مگر بڈی بابہ سنٛز لاپرواٗہی وچھتھ گوسہٕ وارے پریشان ۔عمہ چچن ژیوٗن تمی سند اَندرم حال تہ وۄننس۔

'ہتا میانہِ نادان گوٚبرا۔ ونہِ کتہِ ووت بوٚنِبن پن نیر نٕک وق۔ ونہِ نے کتھے چھنہٕ۔
ونہ چھُ ژھا یہِ ہلبن شیٚن موجود ے۔'

یہ بوزِتھ گو روشن خیال زیادے پریشان تہ تس چوٚنکھڑ اٚو تھ وٗنن بُڈِ بس:

'ناتہٕ ویرِ گُلبن کیا زِ چھ تیلہِ نیوٚک نیوٚک پن درامت۔

'ویرِ گلبن چھ سُلہ سوٚنتے بامُن پھٹان۔' عمہ چھن وٗنس۔ مگر روشن خیال گوٚنہٕ مطمعن
۔تس اوس زنتہ دل گوٚ اٚہی دوان زِ کہتام دلیل چھ یمہِ کنٕ بوٚنہِ پن چھُنہ درامُت۔ روشن
خیالُن مول غلام نبی اوس زُڈی سنز تہٕ بُڈی بابہٕ سنٛز کتھ بوزان۔ دُکانچ حساب کاٚپی بیگس
منٛز تھاوان تھاوان وٗنُن نیچوِس کُن:

'ولا تھاوٗ ووٚنی۔ رٹہ پکہٕ ناوٗ یہ بیگ دُکانس پیٹھ۔ بوٚنہِ کتھ کیٚتھ چھُ پن ووٚنی۔ تتھے ووٚنی
ژھُسبن چھُ۔'

'ہتو نبا! کھو گوٚ ے ژ ے۔ یم پھشل کتھٕ نا اٚزِ کران۔ کُنہ وقتہٕ ہے ساعتہٕ حسین
آسہِ تہٕ۔'

'ہتا مولا تلا ترا او یہ ساعتہِ حسین واتہِ حسین۔ ینا چھنہِ پھشل کتھ۔ یپاٚری ہا چھِ ہایی
ویے کڈِنی تہ بوٚنی ژٹہ نٕک آڈر تہِ ہا چھ دِژامت"۔

یہ کوٚ خبر ونتھ درا و غلام نبی دُکانس کُن تہ عمہ چھ گو دارِ پیٹھ زنتہٕ وٕٹسر۔ سوچان اوس امانبہ چھا
پوٚزے ونان۔ اگر پوز آسہ تیلہِ کیاہ بنہِ۔ تیلے تھکہٕ پینڈ ے راٚو۔ مگر گاہکی زِ ٹھی کتھٕ کنٕ
ہسکبن یوٚت لاپرواہ اٚستھ زِ سٹر کہِ باپتھ دِن بوٚنی ژٹنہٕ۔ اٚخر پیٚژاہ زمینے چھ یہ چھا ضروری
زِامی بوٚنہِ کنٕ ییہ سٹرک کڈنہٕ۔ عمہٕ چھس پیوپٹُن مول جنت گاریادِ زنتہِ چھُس وٗنی ونان:

'عما! یتھ بونہِ ہبا گری زِ پننہِ زُوکھوتہِ تہ زیادٕ راُ چھی۔ یہ چھ سانبن جدن اجدادن ہنٛز نشأنی۔ تموچھ یہ بونی پننہِ خونہ سگ دتھرٕ چھمٕژ۔ یہ چھ سأنی شوٗب تہ پڑ زنتھ۔ بجرس منٛز ہبا آسکھ اتھ تل شہُل کران تہ اکھٕتے آسن وتہ پکہ وٕنی تہ عارق شہلاوان۔'

پوٗت کالس پھیُر دنہ پتہ کوٗر عمہ چچن فأصلہ زِتس پزِ بوٗنی بچاونچ کوٗشش کرٕنی۔ ژادرِ پچہ دژن تھپھ تہ باثیرِ ہوٗت ووت موقدمس نش۔ موقدم اوس أکسے مہنگہ ٹوٗپی دتھ آنگنس منٛز جچیرِ داما داما دوان۔ عمہ چچس کُن پییس نظر تہ ڈیکس کھٔژس وٕرہہ سوچن خبر کیاہ منگنہِ آو صبحے صبحے۔ عمہ چچن کُرس سلام تہ موقدمن کُرس اُکھتھے سخ خوش آوے۔

'ہے عمہٕ جوس کتہِ ازسأنی رَنٛز وتھ لُجمٕژ۔ زانہہ چھکھ نہ ملاقات تہ دوان۔ یینہٕ غلام نبین دکانہ چلاون ہیوٗت تتہ چھُتھ خوجہ آے روٗٹمت۔' عمہ چچس اوس بُتھس یوٗ ہے سوسنہ رنگ ہوٗ پھیورمت تہ موقدم سنٛز اتھ نقلی خوش آوے جواب دنہ بغأرے کوٗرُن جلدی سان پننہ یینک مدعا تہ مقصد موقدمس نش بیان۔

''ہے عمہ جُو اونہ چھکھ پزٕانہٕ وٕے تاروتران۔ اُخر یہ کھو کھر بوٗنی کتھ لگہ۔ گامہ منٛزی نیرِ ہایی ویے۔ سوچھےٚ گاچ شوٗب۔ بیہٕ بنن دُکانہٕ تہ بنہِ بازر۔ گام گژھِ مالامال۔ ژٕ چھکھ کھوٕکھری لد بونہِ ودان۔ نیر بہہ پانس۔ ژےٚ تری نہ نوِ زمانچہ ترقی ہندراز فکر۔''

عمہ چچہ دراو مویوس گژھتھ تہ ووت گرٕ۔ کھبن چپن گوس مشتھ تہ بے قرأری ووٗلس نال۔ مگر کرٕ ہے کیا۔ پھری پھری اوسس مألی سند دوٗپ یاد پیوان تہ وأنجہ اوسس زِنتہ نون پیوان۔ شام نماز پٕرتھ دژاے سأری زِٹھی زِٹھی مشید منٛز عمہ چچن زون وقت غنیمت تہ کوٗرنکھ فری یاد:

''ہے دپان یپأرِی ژیر ہایی ویے۔ یہ گے جان کتھ، ترقی تہ گڑھ تہ گامس تہ ییہ فائِد۔ مگر وتہ پیٹھ بۆنی ژٹنی چھنہ جان۔ أخر پیڑاہ زمینے چھ یہ چھا ضروری زِامی بۆنہ کنی ییہ سڑک کڈنہ تہ بۆنی ییہ ژٹنہٕ۔ بہ چھُس دپان زاسہ پزٕ بۆنی ژٹنس رُکاوٹ کرٕنی۔ یہ چھ شہلِی پننڈ سانہ باپتھ تہ تہٕ وتہٕ پکہ ونہن ہندِ باپتھ تہ۔'

ساروے بۆ زعمہ چھٕنی کتھ مگر اکس دوٚن بُڈن بغأر باسیوو سارنے زِعمہٕ جو چھ بیقلأ زی ونان۔ ساروے کھو عمہ چچس بُتھ تہ ووٚنہس زِ ژے تری نہ نوِ زمانہ چہ ترقی ہندراز فکرِ۔

عمہ چچہ گو مایوٗس تہ زیادے بےقرأری گیس پأدٕ۔ گرٕ ووت تہ کوٚرن نبس آلو تہ ووٚننس:

'ہتو نبا أسی نادموٗیہ بۆنی ژٹنہٕ۔ بۆنی ژٹنی ناگڑھ نہ جان۔ یہ چھ سانہ پوٚت کالج تہ از کالج پزٕ زنتھ ژٕ کرمے مدد تہ أسی تاروگامہ والین یہ کتھ فکرِ زِ بۆنی ژٹنی گے پنہ نبن زنگن مکرٕش لاینی۔'

'مولاژٕ ہا چھکھ وونی بڑ یومت۔ یہ بۆنی کتھو لگہ۔ سڑکہ ستی گڑھ گام آباد۔ مے تہ بنہٕ نوٚ و دکانہ۔ یہ بۆنی کوس لۆ زیات چھ۔'

نبن ووٚن مألس کُن بُتھ چونکھرأوتھ۔ امہ برٕ ونٛہہ زعمہ چچہ ونہ ہے بیہ کیہنہ نبن ووٚنس ''ژے تری نہ نوِ زمانچہ ترقی ہند راز فکر۔ ووتھ شونگ پانس۔ پگاہ ییہ مشین تہ اتھ بونہ کرِ گنہٕ۔'

یہ بوزتھ گو عمہ چچس أندری دم۔ زبِو گوس لو بڑ تہ آواز کھوٚس نہ ہٹہ۔ نبہ دراو تہٕ عمہ چچہ تہ ژاو فاقے فکرے بسترس منز۔ سو گڑھ نندٕ ربس اوس بۆنہ متعلق سوچان۔

''اما یمن گامہ والین کُس عقلہ ناش چھُ گومت۔ یمن کیا زِ چھنہٕ فکر تران زِ یہ بۆنی چھ

سائنی پۆز زنتھ ۔ یہ مولوی صاب !۔۔ یمؠ أتھی بۆ نہ تل پنہ نس مألس نش الف بے پۆ رمت چھُ تہٕ ازچھ تتھی پیٹھ نژان پھبڑان ۔امس تہِ روٗ دنہٕ کہنہٕ یاد ۔۔۔ یہ موقدم !۔۔ امؠ سنٛدی مألی تہ چھ سأری فأصلہ أتھی بونہ تل گرمتی تہٕ أمؠ چھ پانہٕ کُہیا نیاے أتھی بونہِ شہلس أنزرأمتی ۔ أمس تہ چھنہٕ کتھ فکرتران ۔ گامہ والین منٛز کُس چھ یمس نہ امہٕ بونہِ ہند فأیدٕ اُکہ نتہ بیہ رنگہٕ ووتمت چھ ۔مگرونہٕ کٲنٛہہ چھنہ کانٛہہ تہٕ بۆنی بچاونچ کتھ کران ۔"

عمہ چچس وۄتھ سوچان سوچان تلواس تہ پھری پھری اوسس مألی سنٛد دۄپ یاد پیوان تہ وأنجہ تچھن تلان۔

"عمایتھ بونہ ہبا گرزِ پننہ زُوِ کھوتہ تہ زیادٕ رأچھی۔ اتھ تل آسکھ بچرس منٛز شہُل کران ۔"

أتھی ۂتی پیوٗ عمہ چچس نبُن ونن ژہتس زِ صبحس ییہ مشین تہٕ اَتھ بونہِ کرِ گنہِ ۔تس وۄتھ حأرتھ تہ جیرٕ ۂتی گوانہِ گٹہِ منٛز خبر کوٗت نیرتھ ۔

گاش پھوٚل تہٕ نبس أس اۄبرٕ زال ہش تاپس تہ أسی زنتہِ دند پھٹرأ وتھ ۔ چاے چیتھے گوسورے گام سٹرکہ پیٹھ جمع ۔ مشین تہ آیہ ۔ سأری أسی خوش زن اوس مألہٕ ۔ مشین وأژ تہٕ بونہِ لوٗگ آرٕ ۔ مشین أس پیٹٔر ولس پیٹھ چلان تتھ کیاہ لگہِ ہے بونہ ٹکرٕ کرنس ۔ مگر یہ کیا ! لیٹٔر ہے گیہٕ رتہٕ سرٕ، گأمی گام گوروزتھ دۄ پکھ زیہ چھ تصرف واجنی بۆنی أسمژ ۔مگر یام بۆنی ٹاس گرتھ پتھر لاینہٕ آیہ کھوکھرِ منٛز آیہٕ عمہ چچن دُٹکھ گمژ لاش تہٕ نبر لاینہ۔



# کلینڈر

از اوس ماسٹر غلام نبی ہرتال پتہ برابر شیٚیہ ریتی سکول درامت۔ سہٕ اوس اوٚری ننہ یوٚری۔ وتہ گرٚتس واریاہ وسلام مگر سہٕ زنتہ اوس نہ پننیٚن جامن منز۔ دوٚ چھنی کھووری اوس سخ حاٗرانگی سان وچھان زنتہ اوس پرٛزناونچ کوشش کران زِ یہ چھا سوے وتھ یپاٚرکی سہٕ ہمیشہ پکان اوس کنہ شیٚین ریتن ہندی گٹہٕ زٲلی چھُ سورے اوٚند پوٚکھ تبدیل کوٚرمت۔ یوٚ دوے سأری ماسٹر جی سکولس منز برٛ جوش خروش سان اکھ اکس سمکھان اٚسی ، نالہٕ متی اٚسی کران تہٕ شیٚین ریتن ہنٛز خبراترپرٛ ژھان اٚسی مگر ماسٹر غلام نبی اوس خبر کیاہ کیاہ سونچان۔

'اٚخرگےکوٚت یم شےٚ ریتھ۔ وقتچہ یتھ شاہراہہ پیٹھ کتھ لبکھ بہٕ یم دوٚہن تہ ریتن ہنٛز میلہ کنہ۔ مےٚ نے زنتہ زندگی ہندی یم شہہ کھالٕی متی چھنہ۔ وقتچہ شاہراہہ ہُند کانٛہہ تہ سون وۄگن چھنہ یمن شیٚین ریتن میانہ زوٚنگ گواہ۔'

تمی گرٛشریٚن منز ، تہنٛدس وۄہارس منز ، تہنٛدس جسمس منز تہ تہنٛزن کتابن منز گذریمتی شےٚ ریتھ ژھارنچ کوشش مگر کانٛہہ تہ نیب نشانہ لوٚگس نہ اتھی۔ ییلہ تمی شرٛبن ہنٛز صفہ کاپی پیٹھ شےٚ ریتھ برٛ وٚنھم دستخط وُچھ تمی لاٗگی کاپی پتھ بروٚنہہ ورق پھرنی تہ شیٚین ریتن بیٚیہ ونی دنی۔ تس ووتھ وبود رتہ دیوانہ سنٛدی پاٗٹھی آو کلاس منز نیبر نیرتھ۔ شرٛبوتر وواسن کھنگالہ تہ لوگکھ شرٛی مزٛر کرن۔ باقی ماسٹر جین تہ شرٛبن ہنٛز لاپرواہی وچھتھ گوسہٕ جادے پریشان تہ گو دفترس منز کرسی پیٹھ روزتھ زنتہ سہٕ وتہ پکان کتھ تام ڈٕدی متس کدلہ کس ٹھٹھس پیٹھ روزتھ

گومت اوس ۔سہٕ اوس لبہ پیٹھ الوٗند کلینڈرس تھلہ تھلہ وچھان تہٕ گذریمہ تیٖن شیٖن رتن زول دوان ۔ بڑاحتیاط سان لوگ تمی کلینڈرکیٚن نمبرن ہٕتی قدمہ قدمہ پتھ کُن پکُن ۔ کہنہٕ قدم پکی تھے گوسہٕ روٹہ تکیازاتہ پیٚٹھ پتھ کُن آونہٕ تس کلینڈرس پیٹھ کہنٖی تہٕ نمبر بوزنہٕ ۔ کھورن کُن دژن نظرتہ سہٕ اوس شراہ اگست کس نمبرس پیٹھ کھڑا۔ دچھنی کھوری لٲگنی باوۍ سنٛدی پاٴٹھی ونی دنی:

'اما یہ پنداہ اگست کوٚت گو؟ مے واریاد چھُ زیتھن گرٛھ سہٕ چمکدار وۆزل نمبر آسُن یمہ کین دوشونی اکشرن زنتہ خون پریڈان اوس۔'

غلام نبی گوتھود وتھتھ تہٕ لٲگن اتھ کلینڈرس ورق پھرٕنی مگرتس آے پتی میٚن شیٖن رتن ہنٛدی ورق بالکل صاف بوزنہٕ زنتہ کاٗنسہ چھلتھ اُسی نمت ۔باقی ماسٹرجی اُسی تمی سنٛزیم حرکژ وچھتھ اکھ اکس کُن بمہ ٹیس کڈان تہٕ پرٛژھان زاٗ خرغلام نبی صاٗب کیاہ چھُ ژھاران؟ یہ ماچھُ باوۍ گوٚمت؟ مگر کاٗنسہ کوٚرنہٕ تس پرٛژھنک جرت تکیازسہٕ اوس صبحہ پیٹھے زنتہ نشس منز۔ ووٚنی ہرگاہ کاٗنسہ پرٛژھس تہِ تیٚلہ اوس اوۍ بدلے کتھہٕ ونان زنتہٕ پزے باوۍ گوٚمت اوس۔ کتھ کتھ پیٚٹھ اوس تاریخچ تہٕ کلینڈرچ کتھ تلان۔

'خبرحض اتھ کلینڈرس کیاہ گو۔ شیٖن رتین ہنٛدی تاریخ چھس غاٗب ۔نہ وۆزلی، نہ نیٖلی تہٕ نہ کرٛہنی۔خبریم کمی نی نہناوتھ۔'

ژور بجہ سکول پیٚٹھ نیرتھ گرٕ کن پکان پکان تہٕ اوس تس کلینڈر ذہنس منٛزتہ صرف اوس یوتے سونچان زاٗخریم شے رٕبتھ ہے گےتہ گے کوٚت تہٕ اتھ کلینڈرس کمی پھیرپھش ۔ییلہ سہٕ گرٕ ژاوتس گے کھورتلہ میٚژنیرتھ۔ تمی وچھ لبہ پیٚٹھ کلینڈرنصف دودمت۔ فقط کہنہٕ ووریانہ شکلہ

بچیمٕژ تہ تمن تہ منٛزی منٛزی آمہ تاولوٗ گمت۔

کلینڈر اوس ٹی۔ وی چہ الماریٕ پٮ۪ٹھ کنہِ الوٗنڈ آسان تہ ماشٹر غلام نبی یس اَسی یِم زٕ چیز ہمیشہ نظرِ تل آسن۔ سہٕ اوس ڈیوٹی پٮ۪ٹھ یتھ گوڈٕ کلینڈرس کن نظر ترٛاوان تہ پتہ اوس ٹی وی ییلہ ترٛاوتھ بزٕونہِ مہٕ لبہٕ ستیٚ ڈوٗکھ دتھ بہان تہ دنیہچ خبراَتر وچھان۔ سہٕ اوس نہ شرٛبن ہرگز تہ خبر و بغاَر بیہ کیہنٕہ وچھنہ دوان۔ اکہ چٮ۪لہ پٮ۪ٹھ اوس بحث موکلان تہٕ بییس چٮ۪لہِ پٮ۪ٹھ اوس شروع گژھان۔ کنہ اوس پہرس کھنڈس عراَقی جنگ وچھان تہ کنہ شامس تہ افغانستانس منٛز دھماکن ہنٛد صورتحال وچھتھ ووش ترٛاوان۔ کنہ اوس کشیر منٛز سپدن والہ تشدُد چ منظر کشی وچھان تہ کنہ ہندستانس منٛز ماب لنچنگ ہنٛدی ویڈیو۔ کالہ پتہٕ اوس ژٕ یر تام اتھی ستیٚ آسان تہ صبحس اوس کلینڈرس تاَریخ وچھتھ سکول نیران۔ تسنٛز غاَر موجودگی منٛز اَسی شرٛی کنہ ساعتہ کاٹون، تہٕ کنہ ساعتہٕ ہشہ نوٗ شہ دُپہرس ڈرامہ وچھان۔ مگر اتھ کلینڈرس کن اوس نہٕ غلام نبی یس بغاَر کانٛہہ تہِ اُچھ ٹُلان۔ تمہٕ وول یہ اِڈٕ دوٗ دکلینڈر تہ امیک حال وچھتھ دِتن بتھِ بتھِ، تہ ٕپتہ لوگن ژھاڑُن زِ یہ وچاپھ اتُر کمی چھ کوٗرمت۔ تمٕ تُل سورے گرٕ ووڈی ووڈی تہ ٕ ووٚنی اَسس خوتن جی ژھوپہ کرناوٕنچ کوشش کران۔

'تل ووٚنی کرٕ ژھوٗپہ تہٕ چےٚ چاے۔ اِڈٕ دوٗ دمت آسہ کانٛسہ ہنٛدی دٕسی الغاَبہ۔ ووٚنی چھ سہلے۔ یہ کیاہ نعوذ باللہ قوران اوسا۔ آوٚنی گونکہ لالس اوس کتابن کور کرنس لگان۔ اِڈٕ ووٚنی وچھوتمہ دوہ بدل کیہنٕہ'

'وُچھ سہ کوٗس بلاے چھِ مے باگنی آمٕژ۔ چانہِ امہٕ ٹٕل پاس آسنہ کھوتہ اوس انپرٕ آسنُے جان۔ یہِ چھنہٕ ژھوپہ کرنی لایق کتھ۔ بہ ہیکہ نہ توٚت تام ترٕلیش تہ اَسس لدتھ

یوّت تام نہ امہ کتھ ہنذ پتہ لگہ زِ یہ اثر کمی کوٗر۔'

یِیلہ غلام نبی کنہ تہ صورتس منز ژھوپہ کرنہ خاطرٕ تیار گو نہ خوتن جی کھرٕ شرارت تہ یِل دِتھ دژ ایہ کمرٕ منز نبر۔نوش اُس پننس کٹھس منز شرٕ زٕ ہتھ شرٕ کنین ژامرٕ۔تس اوس اندازٕ زِ یہ اثر ما آسہ تسنٕد یو دۄیو نادان شرٕ بو منز کانٛسہ اُکی کوٗرمت تکیاز بییہ اوس نہ گرس منز کانٛہہ تیتھ نادان زِ کلینڈر رزالہ ہے۔سو اُس شرٕ بن ہنٛدر پاوٕنچ کوشش کران تاکہ تم گژھن نہ الغاٮٔبہٕ وٕنی زِ یہ پھرٕ اڈچھ تموے کوٗرمت۔ خوتن جی ژایہ نوشہ ہنٛدس کمرس منز:

'توبہ تقصیر۔۔توبہ تقصیر۔ یِنے چھنہ زٕ کتھ تہٕ مانان۔اُخر کلینڈر ے چھا کنہ بییہ کینہہ۔گوڈ خبر کمی کوٗر یہ اثر۔خبر یمو شریو ما کوٗر۔'

'نسہ اما جی یم کتہ ہیکن یژھ کاٗم کرتھ۔اُخر یمے نادان چھہ۔پتہ وونی گوٗمت تہ زن آسہ مگر پاپا جی نے چھنہ کینٛہہ تہ سمجھان۔'

ہشہ نوشہ آسہ لوتہ لوتہٕ کتھ کران تکیاز ہرگاہ ماشٹر جی بوزہے تیلہٕ چھنہ پتہ زسہ کیاہ ونہ ہے۔ خوتن جی وۄن نوشہ کُن۔

'ہتو فہمیدو ژٕ پاویمن شرٕ بن ہنٛدر۔خبر کانٛسہ اُکس ماژلہ کینہہ نیرتھ۔اِدٕ اُمس گژھن صحبس تام مغز ٹھنڈ تہ گژھس مشتھ۔'

فہمیدن تہ کوٗر ہشہٕ ہنٛز کتھ ستی اتفاق تہ بچھ دۄشوے زنہ ژھوپہ دَم کرتھ۔مگر ماسٹر غلام نبی اوس نہ اُکس منٹس تہ ژھوپہ کران۔تس اُس کلینڈر رزالن وول بد کڈنچ سخ بانٛبر تہ باسان اوس زِ ہرگاہ تس کلینڈر رزالن وول اتھی لوٗگ تیلہ ماگژھہ تسند ذٕسی ازاتھ شرٕ۔یِیلہ شام ووت تمی کوٗر سارنے گرٕ باژن آلوتہٕ کرن پننس کمرس منز جمع۔زِ یُٹھ نیچو، نوش،خاندارنی ،کوٗنس

نیچو تہ کور۔ سأری گے جمع تہ ماسٹر جین وۄن شرارتہ سان:

'ازہسہ چھ سخ اتر گۆمت۔ کلینڈر چھ زالنہٕ آمت۔ یہ اوس نہٕ محض کھیٖنہ کاغذ ورق تہ تمن پیٹھ کڑتام نمبر بلکہ اوس یہ برابر اکھ وری یتھ پأٹھی لاپروأہی سان زالن چھنہ کانٛہہ گفہ کتھا۔ پیٹھ چھس ینہ وألی سأری ریتھ ڈٕ دِمتۍ۔ مےٚ ونو جل جل زیہ اتُرکمی چھُ کوٚرمت۔'

'ہے پاپا جی مےٚ ہسا دۄپ خبر کیاہ چھ گۆمت۔ تلسہ تژ اوکتھا۔ اِد گوٚمت آسہِ کانٛسہ ہندی ڈٕسی الغأبہ۔'

زٕھی نیچوٕ ی وۄنس مصلحت کس انداز س منز۔ کوٚنس نیچوتہٕ کوٚرأسی لاپروأہی سان پننین فونن ستۍ گنڈان۔ مگر خوتن جی تہ فہمید آسہ سخ پریشان تکیازِ تمو اوس دگرِ پیٹھ ماسٹر جین حال وچھمت۔

'ہے۔۔ ینہ سہ چھنہ کانٛہہ معمولی کتھا زِ کتھ کھیمو۔ مےٚ وۄنمو نا توہہ زیہ چھا کہ وٕری یک سوال۔ ہرگاہ ازاتھ بوٚج تلنہ یہٕ نہٕ پگاہ زالہ کانٛہہ نوٕری یک کلینڈرتہٕ یتھ پأٹھی روزوٕ ری یاوٕری یا دزان تہٕ بہٕ روز تماشہ وچھان۔ یہ چھنہ معمولی کتھ۔'

ماشٹر جین لاجہ زور زور کریکہٕ دنہِ۔ شور بوزتھ گواپارشوٚ نگتھ شریو منز اکھ ہشارتہٕ آویپور ترِتھ۔

أچھن مرنہ دوان دوان وچھن بڈٕب دۄ دمت کلینڈر رہتھ شرارتہ سان پرٛژھان:

'مےٚ ونو جل جل زِ کلینڈر کمی زول۔'

'دادا جی۔۔ دادا جی۔۔ بہٕ۔۔ بہٕ ونے یہٕ۔۔ یہٕ۔۔ کلینڈر ک۔۔ ک۔۔ کمہِ ستۍ آسہِ دۄ دمُت''

خوتن جی دژ ڈبکس ژ ٔنڈ تہ نوشہٕ گو پتم شہہ پتھ تہٕ بروٗ ٹھم بژ ونٛھ۔ خوتن جی کر یایہٕ اُچھو کھوریو ہاٗوتھ لتس ژھوپہ کرناونچ کوشش۔

'نکہ لالا نیرُ ژ شونگہ اَپار کنہٕ۔ ژکیاز آ کھاڈٕ ننٛدر وتھتھ۔ نیر لکس شوٗ نگ باٗیس نش، نیر تلا نیر۔'

'نہ سہ نہ۔ یہ شونگہ نہٕ۔ ولا پکہ یوٗ رکی۔ ونہ مےٚ جلدی یہ کلینڈر گمی زول'

سارنے گو دَم۔ خوتن جی اُس زبو ژاپان تہ نوش اُس سکارف چاٗنٹس دتھ کتھ تام پاٗ ٹھی وچھان۔ لتس اُس ساٗ ری سے پاٗنس تھَر۔ نکہٕ لالہ آو بڈ بس نزدیک تہ لاٗ جن دلیل ونٛنٕ۔

'اُدی ۔۔ اُدی ترٛ ووےٚ ۔۔ مےٚ ٹی۔ وی۔ مےٚ ۔۔ مےٚ دوٗپ بہ ۔۔ بہ وُچھ چھوٹا بیم۔ بیلہ مےٚ ۔۔ مےٚ ٹی۔ وی ترٛ وو۔ تتھ منٛز گو ۔۔ ب ۔۔ ب ۔۔ بوٗ ڈ ٹاس تہ ۔۔ تہ اُکس جایہ ہیوتن نار ۔۔ تہ تمی نارٕ ۔۔ نارٕ ستی آسہٕ کلنڈر دوٗ دمت''

ماسٹر جیس گو انداز، زِ تیلہ چھ ٹی۔ وی تہ دوٗ دمت۔ سہ گو یکدم تھوٗ دوتھتھ تہ کوٗ رن ٹی وی آن۔

اتہِ اوس اکہ انڈ وٗ رلڈ ٹریڈ سنٹرس تہٕ پینٹا گنس دٕ ہہ ووٗ تھان تہٕ بییہ انڈٕ سعودی ریفا ئینری منٛز نارٕ لمبکھ نیران تہ منٛز باگ اوس اینکر ایرانس پیٹھ سپدن والہِ حملچ پیشن گویی کران۔



# گُلہٕ گاندھی

کنہِ جنگ اوس جاری پبلٹ تہٕ ڈِہی گولہٕ تہٕ اُسی زورٕ شورٕ سان وسان۔ دوشوے
طرفو اُسی زخمی ایمبولنس تہ پرایویٹ گاڈین منز ہسپتال ہنہ یوان۔ ژوپاسے اُسی ''گلہٕ
گاندھی زندہ باد'' نعرہ گرزان۔ گُلہٕ گاندھی اوس پانہٕ آپریشن تھیٹرس منز موتس سٟتی ہملہٕ دِل
کران تہٕ ڈاکٹر اُسی تس بچاونچ کوشش منز آوُری۔ ہسپتال کس آنگنس منز اوس گُلہٕ گاندین
لوکہ چارُک یار سُلہ پنڈت اتھن منز اکھ سند ہتھ یتھ پٹھ رتہٕ سری حرفو 'گل محمد بٹ، نوِ
زمانک ــــــ' لکھتھ اوس۔ خبر نوِ زمانک پتہٕ کیاہ اوس رتھ لارتھ آسنہٕ کنی اوس نہ
صاف پرنہٕ یوان۔ سلہٕ پنڈت اوس اخبار والین ونان۔

گُل محمد بٹ اوس شریف پوربک (یتھ ووٗنی گاندھی پور تہ ونان اُسی) موقدم تہٕ ژھوٗ
منز واُحدپوٗرمت لیوکھمت یمی گُنوہ شبتھ پنژاہ عیسویس منز میٹرک اوس کوٗرمت۔ یہ گیاو
اُزیک وبلایتہٕ پرتھ آمت۔ امہِ موکھ اُسی گل محمدس ساری یزتھ کران۔ سُہ اوس بڈٕ نرم
طبیعت تہ شرافت اُسس حدٕ کھوتہٕ جادہ۔ لڑایہٕ جگڑس اوس نہٕ زانہہ تہ ساتھ دِوان تہ گامکی
مسلہٕ اوس صلح مشورہ سٟتی کران رفع دفع۔ گل محمدس اوس لوکچارٕ پیٹھ عادت سُہ اوس جمعہ دوہ
صبحس ریڈیو پیٹھٕ گاندھی کتھا ضرور بوزان۔ یہ اوس تمی سند پسندیدہ پروگرام۔ ینہٕ تمیٚ اَتھ

پروگرامس منز گاندھی جی سنز کتابہ ''میانبن تجربن ہنز داستان'' منز سۂ اقتباس بوزمت اوس یتھ منز گاندھی جی چھ ونان زِ یِلہ سۂ ساوتھ افریقہ ہس منز ریلہِ منز بون آوژھنہٕ صرف یمہِ موکھہ زِ سۂ اوس ژمہ رنگی کرٛہُن تہٕ امہِ واقع ستۍ گوتس سارنی کرٛہنبن لوکن ستۍ سپدن واجنہِ بے یزتی ہند احساس، تنہٕ اوس گل محمد اتھ پروگرامس سخ لور تہٕ کنہٕ تہِ صورتس منز اوس نہ گاندھی کتھا بوزنہٕ رۄس روزان۔ یینہٕ تمۍ پروگرامس منز گاندھی جی نہِ کتابہ ہند سہ اقتباس بوز یتھ منز گاندھی جی عدالتچ سو دلیل چھُ ونان یِیلہِ کیس ہارنکہِ خطرٕ باوجود سہ جس بڑ ونہہ کنہِ پوٚز چھ ونان تنہٕ اوس گل محمد گاندھی جین دیوانہ بنیومت تہٕ گاندھی جین اہنساتہٕ ستیا گرٛاہ فلسفہ اوسس خونس منز شرٕ وٚپیومت۔گل محمد اوس اکثر محفلن منز تہٕ وانہٕ پیٛنچن پیٛٹھ گاندھی جی نہ کتھہِ بوزناوان۔ یِیلہِ تہِ زانہہ دون درٚبن پانہٕ وأنۍ دپودۄپ گرٛھِ ہے گلہ موقدم اوس یکدم گاندھی جی نہ اہنسا فلسفُک وعظ پرٛتھ نوان تہ اکثر اوس یمن درمیان صلح کرنس منز کامیاب تہِ گرٛھان۔گلہ موقدمُن یہ رویہ وُچھتھ آسی ووٚنی سأری تس گلہ گاندھی ونان تہٕ سہ اوس اتھ پیٛٹھ خوش تہ گرٛھان۔گلہ گاندھی اوس نہ صرف پننسی یوت گامس منز مشہور بلکہ اوس سأرسے پرٛگنس منز سارنے لوکٹبن کیو برٛبن ہنز زبأنۍ پیٛٹھ أمی سند ناو۔ ووٚنی اوس گلہ گاندھی دوردور گامن منز تہٕ مرٛ دیادی گی کرنہٕ گرٛھان تہٕ نیاے أنز راوان۔گلہ گاندھیُن ونن اوس زتس چھُ کہیالٹہِ گاندھی جی خابس منز آمُت تہ شانن تھاپھ تھاپھ دتھ وۄنمت:

'' گلا! ژٕ ہاچھکھ پزۍ پأٹھۍ رُت انسان۔ اہنسا ہا چھ خوشحال زندگی گزارنک بہترین طریقہ۔ ژٕ تھاوپننۍ کأم جأری۔ چون ناو روزِ ہمیشہ زندٕ''

وقتس ستۍ ستۍ گو گلہ گاندھی سبٹھاہ مشہور تہٕ اکثر محفلن تہٕ مجلسن منز آسہ أمی سنز

مثالہٕ دنہٕ یوان۔ بڑی بڑی سیاست دان اُسی پنہٕ نبن تقریرن منز اُمی سنٛد ذکر کرتھ تعریف
کران۔ بجہ بجہ سرکاری تہٕ غأر سرکاری تنظیمہٕ آسہٕ گُلہ گاندھیس پنہٕ نبن پرٛوگرامن منز شرکت
کرنچ دعوت دوان۔ گُلہ گاندھی تہٕ اوس اہنساواُڈک پرٛچارکرنس منز بروٚنہہ بروٚنہہ آسان تہٕ
لوکن تام یہ کتھ واتہٕ ناونہٕ ستی اُسس بڑٕ خوشی گژھان۔ از بروٚنہہ کینٛہہ دوہ اوس گلہٕ گاندھی
اُکس غأرسرکأری پرٛوگرامس منز شرکت کرنہ خأطرٕ یونیورسٹی طرفہٕ مدعو کرنہٕ آمت تہٕ اُمس
ینامہٕ دنُک تہٕ اوس فأصلہ کرنہٕ آمت۔ از صبحے گاندھی کتھا بوزتھ دراو گُلہ گاندھی نٔوس قمیضِ
یزارس پیٹھ سدرِ ہنالأ گتھ پرٛوگرامس منز شرکت کرنہٕ خأطرٕ تہٕ پنن لوکچارک یار رُسلہ پنڈت
تہِ ٹلن ستی۔

پرٛوگرام اوس بڑٕ شاندار یتھ منز بڑی بڑی دانشور، اخبار نویس تہٕ طالبِ علم تہٕ موجود
اُسی۔گُلہ گاندھیس آیہٕ یزتھ افزایی کرنہٕ تہٕ اکھ سند دنہٕ یتھ پیٹھ سونہری حرفو "گل محمد بٹ
--نوِ زمانُک گاندھی" لکھتھ اوس۔گُلہ گاندھیس تہٕ آو تقریر کرنک موقعہ دنہٕ۔ اُمی اُمس
امہِ خأطرٕ تیاری تہِ کرٕمژ تہٕ گاندھی کتھا پرٛوگرامس منز بوزمتی کینٛہہ اِقتباس تہٕ اُسن یاد تھأومتی
۔یم اقتباس پیش کرتھ کوٚر گلہٕ گاندھین جان تقریر یُس پرٛوگرامس منز موجود لوکو بڑٕ پسند کوٚر
۔ پرٛوگرامس منز اوس اکہ مباحثُک تہِ سنٛز کرنہٕ آمت یمیُک عنوان اوس " گاندھی سنٛد فلسفہ
اُہنسا چھا ازتہِ لگہٕ ہار کنہٕ نہٕ" اتھ موضوعس پیٹھ تہِ سپد جان بحث تہٕ بولن والو کوٚر پننہِ پننہِ
رایہ ہُند کھلہٕ اظہار۔ اُڈیووٚن زِ یِیلہِ ہر طرفہ کمزورن تہٕ لاچارن پیٹھ ظلم کرنہٕ ییہ اُہنسا کتھٕ
ہیکہٕ کارگر سپد تھ۔ ازکس نیوکلیایی زمانس منز اُہنساوادس ستی زندہ روزن چھنہٕ ممکن۔ یتھ
زمانس منز زندٕ روزنہٕ خأطرٕ چھ سیرِ ہند جواب کنہٕ ستی دِین ضروری۔ از ییژاہ انسان

شرافت ہاوِ تیژ اہ چھس بُتھی پیٹھی لتہٕ مونڈ کرنہ یوان ۔ہتھیارن ہنز مان مأنی چھ ازبک زمانہ یکسر جنگی مأدانس منز تبدیل کوٚرمت تہٕ أہنسا اختیار کرتھ زو بچاون چھنہ ممکن ۔لہذا چھنہٕ أہنساواد أز کہِ زمانہ اکھ کارگر فلسفہ۔

اہنساوادکس حقس منز بولن والو دِژ گلہ گاندھین مثالہ تہ وۅنکھ زِ جنگ چھنہٕ کنہِ تہِ مسلک حل ۔جنگ چھ فقط تبأہی تہٕ برباأدی۔ أہنساواد پانٕۄتھ رلتھ میلتھ زندٕ روزنُے چھ وقتک تقاضہ۔ نالس تھپھ تراونہٕ کھوتہٕ چھِ دامنس تھپھ کرٕنی بہتر۔ ونیک تام چھنہ لڑایہٕ ستی کانٛہہ تہ مسلہ اند ووتمت۔لسُن تہٕ لسنہ دِبن چھ زندگی گزارنک بہترین طریقہ۔یوت تام نہ نفرت اۄک طرف ترأوتھ أکسے میزس پیٹھ بہتھ کتھ کرنہٕ ییہ توٚت تام ہیکہِ نہ کانٛہہ تہ مسلہ حل گژھتھ۔دنیاہ چھنہٕ طاقتہ کس بل بوتس پیٹھ کھڑا بلکہ چھ، تہٕ روزِ صرف تہ صرف مایہٕ تہ محبتس پیٹھی ڈٔرتھ۔ لہذا چھ أہنساواد أز تہ اکھ کارگر فلسفہ تہ بروٚنٛہہ کن تہ روزِ۔

خأر بحث اوس بڑٕ جاندار تہ سأری دراے اکھ نتہ بیاکھ راے ہیتھ گرٕکن۔محض اکھ راے ہیتھ یمیک نہ عملی زندگی پیٹھ کانٛہہ تہ اثر پیٚنہ وول اوس تہ تھی پأٹھی زن از تام سپدن والین مباحثن ہند عملی زندگی پیٹھ کانٛہہ اثر پیومُت چھنہٕ۔

بہر حال گلہ گاندھی تہ دراو سُلہ پنڈتس ستی گرٕکن ۔یام تہنز گاڈی جامعہ مشیدِ نزدیک واٚتژ تتہِ گےٚ کُنی چھگ ۔نوجوانن تہ پلسہ والین درمیان اوس کنہ جنگ شروع گومت۔ پلسہ والو أس نہ از تہ جامع مشیدِ منز نماز پرنہٕ دِژمژ تہ جوانو اوس مشتعل گژھتھ کنہِ پتھراو لوگمت کرن۔

ساروے ژھنٛنی گاڈِ منز ووٚٹھ تہٕ ژلی کوچو منزی ۔گلہ گاندھی تہِ سلہ پنڈت تہِ ژلی پان بچأوتھ

اکہِ کوچہ ٔکنٕز ۔گلہٕ گاندھی چھ برونٛہہ برونٛہہ تہٕ سلہ پنڈت چھ پتہ پتہ ۔دوشونٕی آیہ دوان دوان زبو کھستھ ۔کوچو منٛزٕ ژلان ژلان دراو گلہ گاندھی اکہ کوچہ گلہِ کنٕز مین روڈس پٮ۪ٹھ مگر کوچہ وتو نش بے خبر آسنہ کنٕز پھسیو وسہ دون دربن منٛز باگ۔ اکہ اندٕ اُسی جوان کنہ چلاوان تہ بیہ اند پلسہ وأنی پبلٹ تہٕ ڈہی گولہ۔گلہ گاندھی گو سمنٛزس ہُنہِ مشدِ ہندجن ہیوروزتھ۔ کھنٛی تہِ اوسس نہ فکرِتران زأخرگژھے تہ گرژھِ کوٗن ۔سلہٕ پنڈت اوسس کوچھ گلہ منٛز کربکھ کربکھ دوان مگر سہ گوزن تہِ روزتھ۔ أتھی ٔستی آیس دۄ چھنہ منٛگہ ٔکنٕز تہ کھورِ منگہِ آس پبلٹ شل۔ رتہٕ گگر پھٹس تہٕ بے ہوش گرٕ ھتھ آو پتھر لاینہ۔ جوانو کر ہمت تہ نعرِ دوان دوان واتہ نو وکھ ہسپتال تہٕ ووٕنی اوس آپریشن تھیٹرس منٛز موتس ٔستی لڑان ۔تام دراو ڈاکٹر صأب تھیٹر منٛز نبر تہٕ اخبار والو وۄلُس نال۔

ڈاکٹر صأبن کوٚر بڑٕ مایوسی سان اعلان۔

''گلہٕ گاندھی زخموں کی تاب نہ لاکر چل بسے''

جوانو تل کنے عالمِ آب تہٕ لاگِکھ گلہ گاندھی زندہ باد کی نعرِ دِنٕی ۔بمارن تہٕ تیمار دارن گے چھلہِ چھانگر۔ژیرتام اوس کنہِ جنگ جأری تہ نعرِ بأزی تہِ اُس گرژھان۔ شامس آو ریڈیو پٮ۪ٹھ اکھ سرکأری اعلان نشر کرنہ۔۔۔

''گلہٕ گاندھی سندس فوت سپدنس پٮ۪ٹھ روزہ پگاہ سرکأری تہ نیم سرکأری ادارن منٛز چھٹی ''



# زہو

’’ہتا یارٕ کیاہ چھوتوٚ ہؠ ونان۔ انسان چھ میژ ہنٛد بنیومت تہٕ میژ مٔنزٕ ے چھس شڑ پُن۔ اٰخر میژِ ہٕستی گژھیا انفیکشن۔خبر کیاہ اتھ چھُن کوٚرمت۔‘‘

بڈٕ بڈٕ اٰسی نہٕ یہ کتھ مانان تہٕ کیہہٕ نیاز اویازا کرنک اٰسی دوان مشورہ۔نوجوان اٰسی یمن کتھن توٚہم پرستی ونان تہ تس ڈکٹرس ہاونہٕ باپتھ ونان۔ عام راے اٰس یہے زِ میژ کھینہٕ ہٕستی چھس انفیکشن گوٚمُت۔

پزٕ ے اوس تمس لوکچارٕ پیٹھے میژ کھینک عادت۔ ووٗنی یوٚ دوے سہٕ بالغ تہ اوس مگر میژِ پھلی ہن اوسس ضرور چندس آسان۔ عادت تہ بیہہ۔چھِنا دپان ہن ہن گجس مگر پننی ہن ژٕ جس نہٕ ,تس تہ اٰس سوے بٲش گمٕژ ۔ یہ اوس پرانہ زمانہ گژھان۔ مأِلس ماجہ ما اوس اٰزکی پأٹھی شُرس سننک عادت تہٕ نہ اٰسکھ فرصت۔اِد ماجہ ژھنیاوشُر آنگنس مٔنز دبد ِنش ترٛاٰوتھ تہ پانہٕ درایا یہ ڈلس نتہ لجایہ گرٕ کامہ ہٕستی إٓور۔ دبد اٰس نہٕ پانہٕ ہبکان تھوٚدوتھتھ تہ شُرس کیاہ کرِ ہے۔ جاےِ کھوتہ جاےِ اٰسس ہوٚنس نش رأچھی کران تہ بس۔اِد شُر کوس اٰلی ہتھ ئلی ہتھ اوس

دوہس کھوان تتھ گُس اوس سنان۔ دپھ ازکی پأٹھی اوسکھ نہ معمولی چیز وٕستی دوہے دوہے دودتہِ کران۔بڈٕ أسی وِنان زمیٔژ چھِ دوانکہِ دودتکیا زانسان چھ میٔژ ہنٛدے بنیومت۔تو ے تہٕ أسی میٔژ ہٕستی اتھٕ صاف کران۔سوکتہٕ أس صابن، شمپو تہٕ ہینڈواش بیترِ۔اِدٕ یاربل کٔڈیاکھ کولہ بٹھس ربہ پیٹھو تا تمہٕ ہٕستی دژاکھ اتھس پھش تہٕ کھیل ختم۔صحت تہٕ اوسکھ،نہ کمر دود، نہ الرجی ،نہ شگر تہٕ نہ تھاءرایڈ۔ووٕنی ہرگاہ کنہ ساعتہ کانٛسہ یڈ دود کریان تہِ تتھ گیاو ٹیوٹھ چایہ کاڑٕ پیالا چیوٚن اللہ اللہ تہٕ خأر صلاح۔مگر یہ اوس عجیب تہٕ پننہ نوعیتک گوڈنیک واقعہ۔سأری أسی پریشان تہٕ گامس منز اوس بس یوٚہے مسلہ زیر بحث۔

تمس گےٚ زبوٕ زیٹھان یوت تام سو دودسہ لدہوٕنی سنٛدی پأٹھی أسہ نیبر نیرتھ الونٛد گےٚ۔بس گوفتنہ شروع۔گرٕ ھنا۔أخر زبوٕ چھ حدس تام أستھ تہٕ فتنہ گوژ ڈووٕنی ییلہِ یہِ حدے نیرِ تیلہِ چھنہٕ کتھے۔یام سہٕ نیبر اوس نیران شُری أسی تس ہوٕن ہا ہوٕن ہاونتھ ریٔشہ تلان تہٕ بڑٕ أسی تس لنٛش لوٚبے ہوان۔تس ووٕتھ وٕبود رتہٕ سونچان اوس:

''بہ ما چھس پزے ہوٕن بنیومت۔زبوٕ ے چھم ہوٕنی سنٛدی پأٹھی الونٛد تہِ۔۔'

تمی دژ نرین زنگن نظر مگر ہوٕنی جتھ گیس نہ نظرِ۔تس أس ژم ٹھیک۔

'نہ۔۔نہ۔۔۔بہ کتہ چھس ہوٕن۔بہ چھس انسان۔مےٚ نرِ زنگہ وارکار چھِ۔'

تمی دُیت پانس دلاسہ مگر وہمس کیاہ کرِ۔ییلہ تمی خابس منز پانس ہوٕن بنان وچھ تمی کھیہٕ ووٕتھ تہٕ ہشار گژھتھ گووٕنی زیادے پریشان۔بیہٕ لوٚگ سونچنہ۔۔۔زبوٕ درأیم نیبر،ووٕنی ییم سأری سے پانس جتھ تہٕ پتہٕ نیرم شاید لوٹ تہِ۔کمر گژھم ہوٚل تہٕ زہن بنن بروٚنہہ زنگہٕ۔یی سونچان سونچان لوگ تمی اتھو ہٕستی پننس بتھس سارن۔تس باسیو پنن بتھ زنتہ زٕٹھیومت۔

سہٕ گو یکدم شیٖشس بروٗنٛہہ کنہ کھڑا تہ پنٕن بتھ وچھتھ ترٲون پھربکھ :

'نہ۔۔۔نہ۔۔۔بہٕ چھس انسان۔ بتھ چھم ٹھیک کلہٕ، کن تہٕ أچھ تہٕ چھم سیوٗد۔۔۔آ۔۔۔بہٕ چھس نہ ہوٗن۔'

بیٛیہٕ پیٛیس پنہٕ زبوٕ کُن نظر یتھ لال أسی پریڈان تہٕ شہہ کھالنہٕ والنہٕ ستی اوسس ہیوٚر بون گژھان۔

'مگر بے چھس پزے ہوٗن بنیومت۔ اِدٕ چھس بہٕ دوٗن زنگن پٮ۪ٹھ پکان، زبوٕ ہے چھم بالکل ہوٗنی سندی پأٹھی الوٗنٛد تہٕ لال تہٕ وسان۔'

تمی سنٛز وِیموحرکژ وٕ ستی گے سأری گرِکی پریشان تہٕ أخرکار آو یہ فأصلہ کرنہٕ زِ یہٕ نمون ڈاکٹرس نش تاکہ پتہٕ لگہ زِ امس کوس بیمأری چھ۔ یام سہٕ ڈاکٹر صأبن وُچھ سہٕ تہٕ گو حأران۔

''توبہ تقصیر۔۔۔توبہ تقصیر۔۔۔أمس کُس سہٕ تاوٕن چھ پیومت۔ توٚت تام کتہٕ أسو یوت تام امس یوٗت حال بدگوٚو۔'

ڈاکٹر صأبن کوٚر تمس دورِ پٮ۪ٹھے معاینہ تہٕ ووٗنن زِ أمس چھ وچاپھ انفیکشن گوٗمت۔ یہ تھأویوٗن أکس الگ کمرس منٛز بند کرتھ تہٕ تورٕ گژھ نہ کانٛہہ اژن تہٕ نہ گژھ کانٛسہٕ امس سمکھنہٕ دِین۔ تکیازِ یہ چھ اکھ لاگ دار بیمأری تہٕ امس نزدیک بہنہٕ ستی ہیکہ یہ بیمأری پھہلتھ تہٕ وو باہیکہ ؤتھتھ۔ دٔپھ سہٕ تس لوگکھ پی۔ ایس۔ ایے۔ سہٕ آو گرِکس أکس لوکٹس کُٹھس منٛز بند کرنہٕ تہٕ دروازس آو قلف کرنہٕ۔ بتہٕ تھال یا چایہ گلاس اوس دروازٕ تلے اندر رکن ترٲؤتھ دروازٕ بیٚیہٕ بند کرنہٕ یوان۔ سہٕ اوس ووٗنی دوہ رات اکے کتھ سوٗنچان سو گے یہ زِ یہ زبوٕ گژھ کنہٕ پأٹھی ژھوٹٕنی تاکہ سہٕ گژھ ہے آزاد۔ پٮ۪ٹھ گیس میٛژ تہٕ بند تہٕ تمہٕ ستی آوس

زیادے مژر۔تس آو خیال۔

'خبر لبہٕ ستی گکھر اونہٕ ستی ما ژھوٹہ میأنی زبو۔آ۔ آ۔تہ چھُ ممکن۔'

تمیٔ لوگ زبوِ ستی لبن پھیش دین۔یتھ پأٹھی یاجوج ماجوج زبوٕ ستی دیوار پھیشان چھِ۔ ووٗنی گو فرق چھُ یہٕ زِ تم چھ دیوار موکلاونہٕ باپتھ پھیشان تہٕ یہ چھُ زبو گالنہ باپتھ۔تم چھ کوستام خطرناک ذُریات تہٕ یہ چھُ توتہِ انسانے۔خأر لبہِ پھیشنہٕ ستی ژھوٹیے نہٕ زبو کینہہ البتہ میٔژ کھینچ ٹٹھ مورے یَس۔ یہ کتھ روز کیٔشن دوہن گامس منز گتھ کران تہٕ وانہٕ پینچن پیٹھ آیہ تمی سنٛز کمی تہِ محسوس کرنہٕ مگر چھنادپان ئو کتھ نون دوہن ، اتھ مسلس تہِ گو بالکل تی۔ سارنے گو سہ مُشتھ حتا کہ گرِ کی بأژ تام أسی نہٕ ووٗنی تس جاۂ سنان۔ وقتہ بے وقتہ أسس بتہ میوٗنڈ چایہ پیالہ دوان تہ بس۔مگر تس أس دوہ کھوتہٕ دوہ بیقرأری ہران۔یارن دوستن سمکھن تہ وانہ پینچن پٹھ بہتھ زیوٹھ بحث یاد پیتھ اوسس تلواس ووتھان۔ بتھس اتھ زٕ دتھ اوس ژالہ اوش ہاران تہ یہ ڈٕلی زِ تہٕ وبدا کھ اوس دوان۔تس اوس دوہس راتس اکے خیال وأنج کوٗران ز یتھ زبوِ گوٗ ژھ کانہہ وکانہٕ گرٛھن تاکہ سہ ُ نیر ہے نبرٕ۔ وارا سونچنہٕ پتہ آو تس اکھ خیال۔تمی نیو یکدم کمرس منز موجود أنہ پھٹرٕ أو تھ تہ اکہ کھنجہٕ ستی نین پننیٖ زبو مُلہ موٗنجے ژٕ ٹتھ۔



# کارڈ

’’ہے تمہ موکھ نساوؤنمے نۂ،   یہ ہسا گرژھ پتہ آسنۂ‘‘

’’خبر کیاز گرژھ پتہ آسنۂ ۔۔؟   بہویار پانس ژھو پہ کرتھ‘‘

مےٛ کھٔرُ سخ شرارت۔ ہنگہ منگہ زہر بادس زنگ ژھننۂ۔ مےٛ پٹنۂ پریشانی تۂ یہِ گوم بیٛیہِ پاسۂ اگادِ۔ بہ دپان گاڈِ منز گوٚ ژھ نہ ہر صدا گرژھن دیومےٛ رژھ کھنڈ سکون ییہ ہے۔ اِدِ گو ہٕن ہنز شہمتھ۔

’’ہے۔ ہے۔ ہے۔ ہے۔   ژٕ ہسا چھکھ بڑٕ عجیب انسان۔ زنتہِ مےٛ کاٗنہہ لکھ کڈٔ مے۔ ونہُ یار سیوٚ دسیوٚ د‘‘

’وُچھ سہ گٔمی بلاے روٗدُس بہٕ۔‘

یِی سونچاں سونچاں ترٛ ایہٕ مےٛ زِ بڑٕ ونہمہ سیٹھٕ کس ڈنڈس پیٹھ تۂ ترٛ ووُم کلہٕ۔

ٕمےٛ اوس دوہس دفتر پتہ دفترتۂ افسر پتہ افسر پھیران پھیران گیوٚ رآمت۔ ازٕ اٗسم اٗٹھ دوہ گٔمتِ اٗکسی زنگہ پیٹھ۔ گوڈٕ چھنہ مےٛ فکرے تران زہنگہ منگہ، کتھ کنٕ گو میونے ناولسٹہ منز غاٗب۔ اٗخرمے از پنداہ وری واٗتی چنڈی نوان۔ ماٗلس تہ اوسم کھنڈٕ کلوتۂ توٚ ملہٕ ٹھیلہ تران۔ بُڈبس جنت گارس اوس پننے گرِ نیرن، اِدِیوٚت ووں تیوٚت دپھ فی رہتۂ اوسس نۂ ٹھیلہ ہیتھ

سٹوروانہ ییچھن پہوان۔ مگر ووٗنی چھ مجبوری تہ، اَہن سہ ییلہِ زمینس ژور حصہ گے تہ اَبی اولس
منز تہِ رٔٹ بنگلو جاے ووٗنی کتہ پوشہ۔ بلاے ژھنُس تو تہ اوس فی رہتہٕ ییتھ ووں تتھ توٚ ملہ
ٹھیلہ تران تہ ڈکھ اوس لگان، کھنڈٕ کلو تہِ اوس خارٕس شرس منز اکار بکار یوان۔ ووٗنی اوس
تمیک تہِ سہلے مگر ازے یہ راشن کارڈ قدمہ پتہ قدمہ ضرورت لگان چھُ۔ شُرِس ایڈمشن تہ
راشن کارڈ، ریلیف تہٕ راشن کارڈ، سکالرشپ تہٕ راشن کارڈ، موٹڈ فنڈ تہٕ راشن کارڈ۔ گوڈٕ
ووت مےٚ اَمس منشِس دَلس از زٕوٗری ونان زِ میٚتہِ بناوتہٕ بی۔ پی۔ ایل کارڈ، حرام
دُمٹھس ہے رُیٖز چھس گرٕھان۔ اَشناون تہ رشتہ دارن چھ کالہٕ پیٹھ صبحس تام انت دیا کارڈ
دوان۔ دپھ سہ عام انسان سنز روزنہ باتھے باخدا۔ چلوژھنٕز ہے اتھ بی۔ پی۔ ایلس لعنت
ووٗنی کوٚر رہم لسٹ منز ناوے غائب۔ اہنہ یارٕ ییلہ نہ بہٕ ییٚتیگ چھس تیٚلہ کیا اسمانہٕ وٚتھسا۔
پیٹھٕ ییٚلہِ اَسی جدبُڈ بب ٕسندی پیٹھ ییٚتکی اَسی از کتہِ پھوٚلس بہٕ ہنگہٕ منگہٕ زمینس۔ ووٗنی آ
ہن یم افسرتاون زدتہِ کتھ بوزان۔ ژٕ شوٗنی پہرن چھکھ بوم آسان۔ اَٹھو دہو پیٹھ
پھڑاوہم زنگہٕ۔ گوڈ چوکی در، پتہ موقدم، پتہ سرپنچ، پتہ منش۔ بوٹِن تام پییم سلامہٕ کرنہِ۔
اَخرس ووٗنی تحصیلدار۔ خبر چھاسو بلاے کڑھ آسہِ۔

لرِ بہتھ نفرن دژٕ مےٚ ییٚہ کھوٗنی رِکل۔

''ہیاونہ یار جل جل۔ گاڈی ہا ہیرٕ ن کیمپس نزدیک واتِہٕ''

مےٚ کھوٚت مینگن تہ یاشاہ کرتھ والس گُنی چپاتھ گردن پھیرٕس ہور کن تہٕ بتھس تریس
اونگجہ۔

کولہٕ پاگل دلہٕ۔ ژٔے کوٚ ڈتھ مےٚ بسہِ کھسنہ پیٹھ پنٛڈی۔ ونہ یارٕ۔۔ ونہ یارٕ۔ کیاز

ِونے۔۔ژکیا مخبر چھکھا، بہ ہا کرے گنہِ"

سہ تہ اوس موٗٹ دروٗٹ تہٕ اسہ ملنووگاڈمنزٕ ے گُنے گنٹہٕ کار۔ڈیورن ٹھہراٗوگاڈٕ ی تہٕ سوارِ لجہ رٹورٹھ کرنہِ۔مےٚ تہ دتی تس ٹوٗسی پوٗنشہٕ تہٕ تمی تہ تراویم ٹھولہ تارٕ۔بہرحال دیت سواریوٚ ژھبن تہ سہ ُ نیوکھ بیس سیٹس پیٹھ تلتھ۔

ووٚنی اٚسی ساٚری پرٕ ژھان زِ توہہ کیاہ تصرف گوٚو۔مےٚ دوٚ پمکھ اٚمی سے پاگلس پرٕ ژھو۔بہٕ اوسس گاڈمنزٕ ژھو پہ کرتھ بہن یژھان ادٕ ہنگہ منگہ گیم یہ لعنت اگادِ۔اٚکی بزرگن پرٕ ژھ تس زاٚ خرگو کیاہ توہہ۔

تمی ووٚنس "ہے بابا مےٚ ہساوٚن اٚمس گوڈٕ پنن ناو تہٕ پننہ گامک ناو، ووٚنی ونیامس ژٕ تہ ون ناو بیہ کتہ چکھ روزان بس اٚتھی پیٹھ وولیوٚ یہٕ"

'اہنہ یارٕ یہ کیا مام چھا زبہٕ ونہ ہس پنن ناو تہ پننہ گامک ناو، اٚمس کیاہ مےٚ تہٕ میاٚنس گامس ئتی۔توٚہی تراٚیو مےٚ ییلہ اٚمس پھاٹناوبہٕ منہگہ"

مےٚ ووٚن رٹورٹھ کرن والین زِگلناوان گلناوان۔اکہ سوارِ پرٕ وژھ تس:

''اہنہ یارٕ ژٕےکیا ضروری اوسے اٚمی سند ناو تہٕ امی سند گامک ناو بوزن۔ ہنگہ منگہ ژچوٕ پانس زچہٕ"

''ہے ژٕکیاہ سہ ونان، اٚکس اکھ سند ناو پتہ ہسا گرٕ ھ ازپے آسُن۔اٚخرکنہ جایہٕ ہے ہنگہ منگہٕ زندٕ زُون ہندِ لسٹہِ منزٕ ناوٕ ژٹتھ نیوکھ پتہٕ گُس پریز ناوٕ۔"



# عمر قاؔد

جج صائبن وأج کھوورِاتھ عأنکھ نستہ پیٹِس پیٹھ تہٕ تمہِ پیٹھی مےٚ کُن نظر تژ اُوِتھ

پرٕ ژھُن:

'ژےٚ چھیا پننہِ صفأیی منز کیہنہٕ ونُن؟

مےٚ ژھُن کلہ بوٚن کُن، کُرتنہِ دامنہٕ ستی ووٚتھرووم اوٚش تہ کوٚرم عرض:

'نہ جناب نہ، بالکل نہ کہنٛی۔ مےٚ چھنہ کانٛہہ تہ صفأیی پیش کرنٕی۔ مےٚ دیو جناب پھاسہ ہنٛد سزا تہ مےٚ کرو یمہ تاوُنہ منز آزاد۔ آزاد جناب آزاد۔ خدایہ سنٛد خأطرٕ دیوٚ مےٚ پھأسی''

مےٚ لگی ہکہٕ تہٕ آس کچہیر منز وکڑاوُنہ۔ میون بیان بوزتھ گے سأری رٕہتھ۔ میأنی وکیلن دِتی بُتھس اتھٕ تہٕ ژھنن کلہ کھوڑ۔ جج صأبن وُٛن رژھِ کھنڈِ دَم دِتھ:

'یہ تھأوِیوٚن تا حکمِ ثأنی عدالتی تحویلس منز''

جج صأبن گُر عدالت ملتوی تہ بہ آس تحویلس منز سوزنہٕ۔

تمہ دوہ آیہ مےٚ تتھ جیل کٹھرِ منٛز کھلہ ننٛدر زنتہ میانہِ وانٛجہِ پٮ۪ٹھ بوٚڈ بار لوتیومت اوس۔ بہ ما گژھہ ہانہ صبحس ژیر تام ہشارے اگر نہٕ تمی خابن بییہ مےٚ پنٛڈی کڑیاو۔ سہٕ خاب اوس میانہ خاطرٕ مصیبت بنیومت۔ یام مےٚ أچھ پٮ۪ٹھ أچھ أس گژھان زٕ داروغہ أسی دوٚیو طرفو اظہار گژھان تہ مےٚ دوٚن نرین تھپھ ژھنتھ أکس بڑس مأدانس منٛز واتناوان۔ مأدان اوس لکوٚ ستی بٔرتھ آسان۔ سفید فام، سیاہ فام، ژھوٚٹی قد، زیٛٹھی قد، دستأری، ٹوٗپہ وألی، داڑِ وألی، ٹیٛکہ وألی، زنہ۔۔ اَجہ برقعہ دتھ اجہ وور یانے۔۔ لکہ ارساتھ اوس آسان جمع۔ مگر بتھی سارنے ہوی۔ تمِ داروغہ زٕ یم یورچ کانٛہہ تہ کتھ بوزان أسی نہٕ، أسی مےٚ أکس کرسی پٮ۪ٹھ بہتھ نفرس بڑٕ وٕنہہ کنہ پیش کران۔ اتھی ستی اوس بیا کھ نفرا اکھ کاغذ فایل ہتھ یوان تہٕ میون فردِ جرم بیان کران۔ یہ خاب اوس فی دوہ ہیُوے آسان صرف اوس اکھ چیز بدلان۔ سہٕ گو فرد جرم۔ اکہ دوہ اوس مےٚ قتل بار آسان تہ بییہ دوہ فساد۔ ترٛیمہ دوہ کانٛسہ دھوکہ دنک جرم تہٕ ژورمہ دوہ پننس منصبس ستی بے ایمأنی ورتاوٕنی۔ افسر اوس فرد جرم عأید کرن وألس نفرٕ سنٛز دلیل بوزان تہ بہٕ اوسس کلہ بوٚن کن ژھنتھ ژھوپہ کرتھ بوزان۔ پتہ اوس سہٕ افسر مےٚ پرٛژھنہ بغأرے جرمانک یا سزٕہک حکم صأدر کران۔ بہ اوسس برابر صبحچہ بانگہ تام اتھی تاونس لگتھ آسان تہ یام سزٕہک اعلان اوس سپدان بہ اوسس ووٚٹھ کھبتھ ہشار گژھان۔

از تہ سپد بالکل یی۔ یام مےٚ جیل کٹھرِ منٛز تتھ سترنجہ پٮ۪ٹھ زنگن واش کوٚڈ تہ سو کملہ زٔٹ ہیٛژم پٮ۪ٹھ مےٚ پےٚ ستی ننٛدر۔ مےٚ اوس ناعدالتس منٛز جرت مندانہ بیان دتھ دیماغ لوتیومت تو پیم جلدی ننٛدر۔ مگر یام مےٚ ننٛدر پے تمے داروغہ زٕ گے دوٚیو طرفو اظہار تہ بہ واتنووہس تتھی مأدانس منٛز تمسی سفید پوشاک لأگتھ نفرس برٕ وٕنہہ کن۔ کاغذ فرد ہیتھ آو نفر تہ

کوٚرن فرد جرم عأید۔ أزی کہ پھر آو مےٚ پیٹھ پنٛز تڑیم کوٚر ماجہ ہنٛدس شکمسے منٛز قتل کرنکہ خطرناک جرمک الزام عاید کرنہٕ۔ مےٚ گے یہ الزام بوزتھے نارٕ ژھٹھ نیرتھ تہٕ مے دُن امہٕ الزامہٕ نش کلہ مگر فرد جرم عاید کرن وألی سنٛدِ اشارٕ آیہ میأنی خاندارنی تہٕ سوژون رنٛتن ہنٛزاڈٕ گڈ کوٚرمےٚ بڑ وٚنہہ کنہ کھڑا کرنہٕ۔ تمو دوشوے دُیت مےٚ خلاف بیان تہٕ بہٕ گوس رٕ ہتھ۔ چونکہ از کوٚرمےٚ الزامہٕ نش انکار تہٕ مےٚ آو ثبوت پیش کرنہٕ لہٰذا پرٛژھ مےٚ أزی چہ لٹہٕ أمی افسرن:

'ژےٚ چھیا وونی پنہٕ صفأیی منٛز کینٛہہ ونن؟'

مےٚ أس نہ کینٛہہ ونٛنہٕ وٕچ گنجأیش روزمٕژ مگر ہمت کرتھ وٕنمس:

"گوڈٕ چھنہٕ مےٚ فکرتڑان زسأری خطا کیازٕ چھِ مے کھالنہٕ یوان۔ بأے سنٛد مارنہ پیٹھ بے ایمأنی، اپٕز، دھوکہ دہی، رشوت، قتل و غارت تہٕ ماجہ ہنٛدس شکمس منٛز کوٚر دفن کرنس تام یوس تہٕ کانٛہہ غلطیا چھ سو چھ مے ڈٕکس مٕڈتھ۔ تیلہ کیا میونے قربان کٕڑ اوسا لوٚ نگ لیوٚ ژ زِ قابل قبول اوس نہٕ۔ چلو تہٕ مانو۔ وونی ہرگاہ بٕہ ڈٕولمت اوسس تیلہِ کیازٕ آس نہ بٕے تسنٛد دُسی مارنہٕ تہٕ زیوٗ ونے گرٛ ژھ ہے فتنے ختم۔ اکھ گوم نم ژم گألتھ تہٕ پوٚ زاپز کرِتھ بستی بساونک مصیبت تہٕ پتہٕ گوم وونی یمہِ مقدمک تاون۔ أخر یہ گوا انصاف یہے گو قہر"

میون بیان بوزتھ گے سأری ہے بنگہ تہٕ پورمأ دانس منٛز گوارأتُن دب۔ سارٕ وے ژھنٛز دندس تل اوٚ نگج تہٕ داروغہ تام گے رٕ ہتھ۔ کرسی پیٹھ بہتھ افسرن دیت ڈٕکس اتھٕ تہٕ کلہ یون کن ژھنتھ لوگن کہتام سونچن۔ کینٛہہ کال گرٛ ژھتھ تل تمی کلہٕ تھوٚ دتہٕ مےٚ کن اکھ ہمدردانہ نظرتڑ اوتھ دِتن حکم:

'یہ زبان درازتھ أویون تادم حشر عدالتی تحویلس منٛز'"

مےٗ کھے ووٗھ تہٕ گوس ہشار۔ بأنگی اوس صبح بانگ پران۔ بہ وۄتھس تھوٗد، زنگن کوٗ ڈم واش تہٕ دلہٕ کہِ خبر کمہِ کنجہ منز زایم نماز پرنچ ویژھے۔ مگر سہٕ کتہٕ اوس وضو کرن کیت آب تہٕ سوکرٕھ جاے نماز۔ اتی آومےٗ خیال زدلکی حال زانن وألس کیا چھ بدنہٕ کس پأراوس کرُن۔ سہٕ چھامےٗ ہیوآدم زنیبرم سجاوٹھ وچھتھ کھے دھوکہ۔ مےٗ ترٛووجیل کٹھرِ ہندس لرٕھ برٕتس سیمنٹس پیٹھ سجدٕ۔ مےٗ چھنہٕ پتہٕ زبہٕ کتس کالس اوسس سجدس منز۔ گھنٹہ، دوہ، ؤری کنہٕ صدی نتہٕ ما تتہٕ پیٹھ ییلہِ مےٗ سارٕوے سجدٕ کریاو۔ نیبرٕ کنہٕ گے کربکھ:

"ہو۔ ہتو وکڑ منہِ لدا۔ تھوٗ دوتھ ژےٗ ہاچھے وکیل صأب سمکھنہ آمت"

بہ وۄتھس تھوٗ دتہٕ وکیل وچھم بجہٕ کاغذ فایلہٕ جوراہتھ جیل کٹھر ہندس دروازس نیبرٕ کنہٕ کھڑا۔ بہ گوس تس مقابلہ أندری کنہٕ استادٕ تہٕ تٔمی ووٗن ڈیکس ژٔنڈِتھ:

"ژےٗ کس اَتر کوٗرتھ یہ راتھ عدالتس منز۔ مےٗ اوس چون کیس اتھ حدس تام دفاع کوٗ رمت زجادٕ کھوتہٕ جادٕ لگہ ہی ژےٗ عمر قأدک سزا تہٕ زوبچہ ہی۔ ژٕ کس پاگل چھکھ ز ژےٗ کوٗرتھ پانے پننہِ خاطرِ پھاسہ ہند سزا تجویز۔ ژےٗ مٲچھی مغز ڈٕلی متی۔ میأنی سأرے محنت ژھنتھ کولہِ۔"

"نہ وکیل صأب نہ، بہٕ چھس نہٕ پاگل۔ بہ کوٗت تام روزٕ یہ عمر قأد وبتراوان۔ أخرمےٗ نے ووٗنی یادٕ ے چھنہ زمےٗ کر پیٹھ ووت یہ سزا اتلان۔ یہ عمر کر گرٕھ ختم تہٕ بہ گرٕھ یمہِ قأد منز آزاد۔ نہ نہ مےٗ چھنہ ووٗنی سکتھ۔ بہ گرٕھ ووٗنی آزاد گرٕھن"

میأنی کتھ بوزتھ گو وکیل ترٛین تہٕ ترٛوہن۔ شاید ترس نہٕ میأنی کتھ فکر نتہٕ مالوگن ڈلہ کاو۔

'ژٕ کیا پاگلأ زی چھکھ ونان۔ کس عمر قأد یمہ منزٕ ژٕ آزاد گرٕھن چھکھ یژھان۔

ژےٚ نے ونہ کہنٛی تہ سزا دنہ آوے تہ ژے پانے پننہٕ خاطرٕ سزاے موت تجویز کوٚر تھ۔ عمر قاۂد کیتھ؟'

وکیلن پرٛ ژھ مےٚ حاۂران گژھتھ تہ مےٚ ژٔول ٹھہہ ٹھہہ کرتھ اُسُن نیرتھ۔

'وکیل صاب ژےٚ تری نہ میانٛی کتھ فکر۔ ترٛ ٹھ پےٚس ٹاکارٕ دشمنس ییٚکی بہ یتھ قہرس لوگس تہ تیتھ عمر قاۂد لیو کھ نم نصیبس ز امہ منٛز چھنہ کانٛہہ موکلن پایے نظر گژھان۔ مرٛ مرٛ تہ چھس نہ بہ امہ عمر قاۂد منٛز موکلان۔ خبر ونٛی ماگژہ میانین مشکلن حل تہ بہ گژھ آزاد۔ واے بہ کرگژھ آزاد۔۔۔'

وکیلس توٚرنہ شاید بے تہ کہنٛی فکر مگر تمی کوٚر روٚتھ کمجار تہ تسندس بتھس پیٹھ گے زنتہ کامیاۂبی ہندی آثار نمایاں۔ مےٚ توٚرنہ فکر زامس کمی چیزن دُیت یہ کامیاۂبی ہند باس۔ تمی ترٛ ووز یوٚٹھ ووٚش تہ وونن:

'اچھا۔ اچھا ٹھیک چھ۔ مےٚ چھ وومید زٕ ژٕ گژھکھ آزاد۔ چلو نوس تاٚر تخس پیٹھ وچھوز خدالیس کیا آسہ کرن۔ چلو بیہہ خدالیس حوالہ۔'

وکیل صاب درٛ اوہشاش بشاش تہ مےٚ گے پریشاۂنی اگادِ۔ مےٚ اٚس پتہ زو کیلس ٹرٛ نہ میانٛی کتھ فکرِ۔ سہٕ کتہ ہیکہ ہے میانہ وٚنٛدُک نار محسوس کٔرتھ۔ یوٚ دوے میانہ درٛچ دگ کاۂنسہ محسوس کٔرمٕژ آسہ ہے تیٚلہ کتہ آسہ ہا بہ یتھ مقدمہ کس تاونس منٛز ہیٚنہ آمُت۔

'خبر امس وکیلس کُس ثبوت لوٚگ اتھی۔ وونٛی گوٚ ژھ نہ یہ الہ کلس تلہ کل کرن تہ بہ لگہ بیہہ تاونس۔ کہٕ تام کہٕ تام گیایم صدین ہند عمر قاۂد منٛز موکلن باتھ۔ خبر کس اتر چھ امس وکیلس کرن۔ یہ الہ کلس تلہ کل کرن وول رودنا اولہ پیٹھے مےٚ پتہ۔'

بہ گوس سخ پریشان تہ دوہ کھوتہ دوہ گے یہ پریشانی ہران۔مےٚ گے نندر غاءب تہ میانہ نندر ءستی گوسہُ خاب تہ غاءب یس مے گرٛ گرٛ پریشان اوس کران۔

صبحے گودروازس ٹھس ٹھس تہ داروغن گوٚ ڑتھد آلو:

'ہتو وگڈ منہ لداووتھ تھوٚ دتہ کرسرانا دیانا۔ ازہا چھوے عدالتس منز تاریخ۔ پیٹھ سپد ازچانہ کیسک فاءصلہ۔ ووتھ پرنمازا تہ منگ خدایس آزاٚدی۔'

بہ گوس یہ بوزتھ تھوٚ دوتھتھ تہ اندری کنی گیم خوٚشی۔مےٚ دوٚپ از چھ مےٚ آزاد گژھن۔ مگر ءستی پیوو مےٚ تس وکیلہ سند اسُون بتھ یاد تہ بہٕ گوس پریشان۔ خبرسہُ وکیل کُس نو وفتنہ وونہ از۔مےٚ تژ وو کٹھر ہندس سیمنٹس پیٹھ سجدٕ۔

'میانہ خدایہ دتہ مےٚ ونی یمہ عمر قاٚدنش نجات تہ کرتم آزاد۔'

بہ اوسس توٚت تام سجدس منز یوٚت تام داروغن آلو کوٚر تہ بہ آس بکتر بند گاڈِ منز عدالتس تام واتناونہ۔ بہ کوٚرہس کچہیر منز کھڑا تہ لج شنواٚے۔میاٚنی وکیلن کوٚر بحث شروع:

'یور آنر، میون موکّل چھ اکھ ذمہ دار سماٚجی فرد۔ آ، تسند دس چھاتھ شر گوٚمت مگر تمہ واقعہ ہک چھ تسندس دماغس پیٹھ تیوت اثر پیومت زتس چھُ ووٚنی دماٚغی توازن بگھڑ یومت۔ آ، یور آنر، آ۔ میون موکّل چھ پاگل گوٚمت۔نتہ کس باشعور انسان کرپنہ باپتھ پھاسہ ہند سزا تجویز۔ میون موکّل چھ جناب پاگل گوٚمت تہ سانہ قانونہ مطابق چھنہ پاگلس سزا دنہ یوان۔ بہٕ چھس عدالتس گذارش کران زمیون موکّل گژھ بری کرنہ ین۔ شکریہ، یور آنر۔'

مےٚ گے یہ بوزتھ کھورو تلہ زمین نیرتھ۔مےٚ توٚر فکر زجیل کٹھر ہندس دروازس نش کیاز

کملایا یہ امی تاون زدن وُٹھ ۔ مےٚ دژ کرٚ یکہ:

’جناب یہٕ چھس نہ پاگل ۔ پاگل چھ یہ وکیل ییس مےٚ آزاد گژھنہ نش پتھ رٹنچ کوشش چھ کران ۔ جناب مےٚ کرو یمہ عمر قاۓد منزٕ آزاد ۔ یہ جناب تھوٚ کس ونی یہ عمر قاۓد تلان تلان ۔ مےٚ جناب دیو پھاسی تہ مےٚ کرو آزادی عطا ۔ مےٚ جناب تل وونی واریاہ سزا ۔ وونی کرو مےٚ پیٹھ رحم تہ مےٚ کرو آزاد ۔ مےٚ جناب لیکھو پھاسی ۔‘

میون بیان بوزتھ گو بییہ عدالتس منز اراتن دب ۔ جج صاۓبن دیت قلم ڈیکس تہ لوگن کہتام سونچن ۔ رژھی کھنڈی تل تمی کلہ تھوٚ دتہ کاغذس کہتام لیکھنہ پتہ ونن:

’ملزمس چھُ پزٕی کنٕز دماغہ ڈۆلمت تہ قانون چھنہ پاگلس سزا دنک اجازت دوان ۔ لہٰذا اچھ ملزم بری کرنہ یوان ۔‘



# آورٕنۍ

بۂ اوٚسس نکس تھپھ کرِتھ تیز تیز پکان تہٕ سوچان اوسس مے کوٚر راتُر۔
مے پڑ ہے نہٕ یوت ژیرِ نکہ لالنہ ماتامال نیرن۔ مے اُس پتہ زِ اسہِ چھُ آورینہٕ کٔنی نیرن۔
ووں اوس میون سہلے مگر واے نکہ چھم ستی۔ ووں گوٚژھ خداخاطرٕ کرُن۔
کیہنہٕ کال پتھ اُس آورینہ منٛز رات کیٛتھ ژیٛشا دزنچ کتھ گامس منٛز گتھ کران۔
گامہٕ کیو کینٛژو بزرگو یم رات کیٛتھ زَل کرنہِ نیران چھ یا صجس سلہ ووتھان چھ اوس امہِ کتھ
ہند تصدیق کوٚرمت۔ کینٛژو بُجہٕ ماجو تہٕ اُس سلہِ سحرس آورینہ منٛز ژیٛشا دزان وچھمژ۔ گاٖمکۍ
پرٕ ہِتۍ لِکھۍ متۍ اُسۍ اَتھ توہم پرستی ونان تہٕ مذاق بناوان۔ مگر گاٖمکۍ زِٹھۍ اُسۍ یتھ کتھ پیٹھ
متفق ز آورینہ منٛز چھ کینٛژہ کال پتھ روت کیٛتھ ژیٛشا دزان آسان۔ ماجہ آسہٕ شربن رٲچھ
کران تہٕ بزرگ اُسۍ نوجوانن نصیحت کران تہٕ آورینہ کٔنی جاےٚ ژیٛری نہٕ نیرنک مشورٕ دوان۔

مے تہٕ اُس موج ونان زاتھ آورہنہ منز چھ ہمیشہ تصرف دار اوسمت۔ییلہ بٹہ بأے یتی اُسی تم اُسی پرٛتھ برٛسوار دوہ ٹھہر کڈان۔ اُڈ ہن شرٛہن بأ گراوان تہٕ اُڈ ہن کترِ ٹاکس منز شیرتھ آورہنہ ہنز بونہِ ہندس کھوکھرس منز تھاوان۔موج اُس ونان زییلہ کأنسہ شرٛس آورہنہ ہند تصرف گژھان اوس سہ اوس ترہہِ بھگوان ترٛہہ بھگوان گُری گری کربکہ دوان تہٕ پیتہ اوسس پریمہٕ جو پھوکھ دوان اِد زَن تہٕ اوس نہٕ شُرٛس کھنٛز تہِ گۄمت آسانہٕ۔گامہ والیوٕ اوس اُمس تصرف دارس ناوے تراہہ بھگوان کوٚرمت۔وونی اُسی وہ پنٛژہ وُری گمتی زِ تراہہ بھگوان سٕند نیب نشانے اوس نہٕ ،تہٕ لوکن ہند خیال اوس زبٹہ باین ستی چھُ تراہہِ بھگوان تہِ خبر کوٚت ژٕولمت۔ویسے تہٕ اُس آورہنٛز تہٕ امیک اوٗندپوٚکھ بڑ خوفناک تہٕ اپأری نیرنہٕ ستی اوس باسان زیہ علاقہ چھُ زنتہٕ دِیان۔اکھ کھوہر بوٗنی یتھ اکھ زٕوری بزٕونہہ اُخری سبز لنٛڈ تہٕ ہوٚ چھمٕژ اُس تہٕ وونی اُس سورملتھ گوسوأنی ہیوکھڑانہ رات گیٚتھ زنتہٕ اُنتھِ رُس ہنگ کرِتھ سیاہ دوٕ ہیو آسمانس وہوأڈی کران۔اُنٛدی پکھی پھرٛستن تہِ اوس دوٕدُرژامت تہٕ رنگ سیاہ گوٚمت تہٕ برمجہٕ کلس یُس بونہِ نکھے اوس،اوس کریڈن نال ووٗلمُت۔اتھ شایہ اُس اکھ پراَسرار خاموشی آسان تہٕ اپأری پکن وألی اُسی پأنی پانے تیز تیز قدم تلان تہٕ آورہنہ ہند علاقہٕ منز جلدی جلدی نیرن یژھان۔

اکثر ییلہ موج اچھ کتھ اُس کران بہٕ اوسس لتس چونٛٹ مُران تہٕ اوس سبٕبس نِو علمک تہٕ نوبن نوبن ایجاداتن ہند پے دِتھ یہ باورکرنچ کوشش کران زیہ سأرے گےتوہم پرستی تہٕ یم کتھٕ چھ بے بنیاد۔مگرسوکتہ اُس مانن واجنی۔

' اِد جھزن کھسنہٕ ستی کیاہ گو ۔۔۔تصرف دار چھ توتہِ آسان۔تیلہِ کیا زِچھ آورہنہٕ

مٔز راتھ کیتھ ژیٹھا دزان آسان تہٕ صحبس نہٕ چھتتہ ژٕنہٕ آسان، نہ سوٗر تہٕ نہٕ اُڈجہ"۔

موج اُس مے ونان زٕ ژٕ کوتاہ تہٕ بوٚ ڈ گرٕ ھکھ مے کیٚت چھکھ ژٕ ونتہٕ شرٕ ے تہٕ مےٚ وۄنمے ز ژیری اُزٕنہٕ امہٕ آورٕنۍ کنۍ زانہہ تہٕ نیران۔ بہ اوس اسنہٕ ہناتراوان تہٕ ماجہ مٔز کتھ مذاق بناوتھ نیران۔

مگر، آورٕنہ ہنٛد ماحول ونہٕ کمن یوتاہ ژیری یادپہنہٕ ستی آسہٕ مےٚ تٕرٕ پھٹان۔ مگر نکس اوسس نہٕ امیک باس دوان۔ خیال بدلاونہٕ باپتھ اوس بہٕ نکس ستی کتھ کتھ کران۔ گھےنانہٕ متعلق تہ گھےماس متعلق پرٕ ژھان۔

"مامہٕ لالہٕ کتہٕ اوسے تتہٕ۔ سہ اوس جوٚم تو رمت۔ تتہٕ اوٗس کُتام موٗدمت"

یام نکہ لالن یہ کتھ وٕنی مے پےتم بٹہٕ یادتہ میون خیال ٹھہریو بیہٕ آورٕنہ مٔز۔ ییلہٕ بہٕ لوکٹ اوسس تہٕ ییلہ کانٛہہ بٹہ سورگواس گژھان اوس تہٕ اُسس آورٕنہ واتہ ناوان اُسی ساری شُری اُسی آورٕنہ نکھہٕ لوکٹس ٹھنگس پٹھ کھٕستھ تماشہ وچھان۔ مے چھ کالک بتہٕ یاد ییلہٕ پریمہ کاکُن مول گزریو تہٕ سورے گام بٹہ کیو مسلمان گے تہندس آنگنس مٔز جمع۔ ماشٹرو کوٚرسکول بند تہٕ گے پریمہٕ کاکنس مأدس دھاسنسکار کرنہٕ۔ اسہٕ شُربن تہ آو موقعہ تہ اُسی بیٹھی ٹھنگس پٹھ۔ پریمہ کاکنس مألس اُسی مسلمانے تلاُن تراوان تہ ساری رسم پننہ بٹہ مذہب مطأبق پوٗرٕ کران۔ خبر یمن مورٕدٕ دفن کرن والین کتہ اُس مورٕدٕ زالن والین ہنٛدبن رسمن ہنٛز پتاہ؟ مے چھٕ یاد ییلہ کانٛہہ مسلمان مران اوس بٹہ تہٕ اُسی تمن اکنہٕ تہٕ ولنہٕ یوان۔ اِدٕ بتہٕ نے انہی نکھ توتہ اُسی شریک روزان۔ تہ یوٚہے پریمہ کاک اوس اسہٕ شُربن مرگزار پٹھ لارکران۔ بہٕ اوسس یی سوٗنچان یام اُسی آورٕنہ نش واُتی۔ مےٚ گے عأرقہٕ ژھٹھ نیرتھ ییلہٕ

مے آورہنہ منز نار وچھ دزان۔ مے أسی نہٕ کھورے پکان تہٕ أچھن زنتہٕ بیٹھم ژھاپٹھ۔ أتھی ءِستی وۄن نِکن:

'ابو! یہ کُسو یوت ژیری ژنہٕ زالان؟'

نکہٕ لالنہٕ امہٕ کتھ ءِستی آیہ مے ہمت ہش تہٕ سوچم شاید چھ پزے کس تام ژنہ زالان۔ مگر یوت ژیری کیاز زالہٕ کانٛہہ ژنہٕ ستہٕ آورہنہ ہنز بونہٕ گوڈس تل۔ مے گو یقین زِ گامکی زٕھی چھِ پوٚزے أسمتی ونان۔ پزے ہے کینٛہہ تھام دزان چھُ۔ یام یہٕ نکس تھپھ کرتھ آورہنہ نش ووتس مے وچھ تتھے پأٹھی اکھ زِنی بنادزان۔ یتھ کنٛہ ژیٹھا آسان چھ تہٕ اکھ کفنہٕ ولتھ نفر امکہٕ ہتھ نارس أندی أندی نژان تہٕ تژاہہٕ بھگوان تژہہٕ بھگوان کرٛ بکہ دوان۔ مے گو پوٚر شک زِ یہ چھ سے تصرف دار یُس گامہٕ وألی تژہہٕ بھگوان ونان چھ أسمتی۔

یام یہ تژاہ بھگوان ژیٹھا یہ چکر دتھ پھیورتہٕ بُتھ گوس اسہٕ کُن مے پژ زنو یہ نارٕ گاشس منز۔

'میانہٕ خدایا! یہے پژ یمہ کاک چھُ۔ مگر یہٕ ہے أزبٕ ونہہ پنژہ ہٕ ؤری جوٚم اوس ژوٚلمت۔ یہ کتہ یورتہ بیہ کفنہٕ ؤلتھ"۔ مے کوٚر دل دۆڈ تہٕ نکس چیرٕ تھپھ کرتھ کڈِم ژیٹھا یہ کُن قدم تارٕ تہ کوٚرمس کھۄژی کھۄژی آلو۔

'پریمہٕ کاک۔۔۔ ہے پریمہٕ کاک'

أمی بۄزنہٕ کینٛہہ، نتہٕ مادتن بوزتھ کنہٕ ڈۄل تہٕ زانہ خدا۔ مے کڈی بیہ اکھ زٕ قدم تہ کوٚرمس بیہ آلو ٕ

''ہتہ مرا پریمہ کاک''

پریمہ کاک ٹھہریوتہٕ مے کن ترٲون ووکھٕ نظر۔ أمس آسہٕ أچھ خونی زنتہِ آسس یمن منٛز ہتہٕ بژٕ ژیٚشتایہ دزان۔ رژھ کھنڈ مے کن خۆشمہ ہۆت وچھتھ تروٲمی زورٕ زورٕ اُسن تہٕ مے باسیو وبۄنی ، پھرٕ بس ، بٕرٕ مجہ کُج تہٕ ژیٚشتا تہ چھ پریمہ کاکس ءستی اسان۔ بہ گوس رٕہتھ تہ رمس رمس پھۆٹم عارق۔ نکن ٲرمیأنی تھر محسوس تہٕ پننی اتھٕ میانہ اتھٕ منٛز کڈتھ کرن مے دۄشوٕنی اتھن تھپھ تہٕ لۆگم تھلہ تھلہ وچھنہِ۔ مے رۆٹ نکہٕ پانس ءستی تہٕ یۆہے بوولہٕ ہیٚو رۄٚدس پریمہ کاکس کن وچھان۔ تٔمی موکلووٲستھ تہٕ ژیٚشتایہ أندی أندی تیز تیز چکر دِتھ گومے برونٛہہ کنہِ کھڑا۔

’ہیو گُلہ کاکنہ سُلا ! ژٕ اوسے ناماٗلی وۄنمت۔ تمس أس نامے وصیتھ ٲرمٕژ زِ مے زاٗلی زِ پننہ نوٗاتھو۔

أتھی ءستی تروو پریمہ کاکن بیہ زورٕ زورٕ اُسن تہٕ دتن ژیٚشتایہ أندی أندی بیاکھ چکر۔ یوت کال اوسس بہ یاد پاوان زماٗلی ماأوس مے زانٛہہ کیہنہ وۄنمت تہ مے پۆ یاد۔ مرنہ وزِ اوس ماٗلی جنت گارن زبان بند گرٕھنہ بٕرٕ ونٛہہ شاید یِی وۄنمت۔

’پریمہ پنڈتا بہ ہادراسے۔ زا لہٗ وۄنی پانے پنٕن پان؟

تمہ ساعتہ کۆرا سہ قیاس زِمول چھ وۄنی وۄڈشۆ وڈونان تہٕ اتھی ءستی ییلہ تمس زبان بند گیے اتھ کتھِ گُس سنہِ ہے۔ یوت کال ووت پریمہ کاک بیہٕ مے نش تہٕ وۄنم۔

’ہیو سُلا کاکس ناگرٕھ ہے نہ مے ءستی کۆرمت وعدٕ مُشتھ۔ مے ہاچھ پۆرٕ پرٕھ زِ ضرور آسہ نے وۄنمت۔ کھووۄن نے نا ۔۔۔ سُلا ونہٗ وۄن نے نا۔۔؟‘

اتھی ءستی تروو پریمہ کاکن بیہ اُسن تہٕ آو ژیٚشتایہ أندی أندی بیاکھ چکر دِتھ تہٕ گو بیہ مے

بڑ ونہہ کنہ کھڑا۔ مے کوٚ ردِل تۂ وۄنمس:

’’ہے پریمہ کاکھٕتمٕی جنت گارن ہے وۄن بلاشک، مگر اسی توٚ رنہ فکرِ‘‘

’’آ۔۔آ۔۔ تمس کتہ گژھ ہے وعدہ مشتھ۔ مگر توہی لوکٹ ۔۔ہہ ہہ ہا ہا ہا‘

کتھ اڈٕے ترأوتھ تڑۄ و پریمہ کاکن بیہ اُسن۔ مے کرٕہمتھے تہ پڑژھمس:

’مگر ژٕکُس چھہن۔ یتھ ژیشٹا یہ منٛز زالان‘‘

پریمہ کاکن تڑۄ وجادے زورٕ اُسن تہ ژیشٹا یہ منٛز وٕڈھ لایان لایان دژن زورٕ کریکھ:

’’ پٕنٛز پڑھ ‘‘



# ژٕ ے زٲو یہ ژٕ ے زخم

دسیمبٕر مٲدانس اکھ ٲلپہِ رنگہ خوبصورت مۄرت ژٕ کنجل پنجرس منز تہٕ تکونہ کنین ژٕ بن کنجن پیٹھ ژٕ ے سٔرنی زخم رِسان زنتہ خبر کمہ وٲنسہ پیٹھ رِسان آمتہ تہٕ وونی ناسور بنیمتی ۔ پدٕ بوتلہ اکھ لکہ ارسات وو پدان تہ تس اندی اند طواف کران ۔ ۔ پدٕ بوتلہ وو تلن والین لۄکن ہند جلوسہ تیۄتاہ بڑان زٲنتھے نہ۔ سٲری تسند بوٗ زخمونشہ پرِیڈن وول خون چیوان۔ سٲری تس اگادِ گمتی زنتہ کنہ مورٕدِ جسمس ریٚیہ لٲرتھ گمٕژ ۔

غلام قٲدر گوو وٗٹھ کھیتھ ہُشار: 'افو خدایا۔ یہ کیاہ وچھ مے ۔ خدایا رحم۔'

شادٕ اُس ہُشارے۔ نصف راتھ اُس گمٕژ مگر شادس اُس نہ نندر آمٕژ۔ ییہ ہس تہ کتھٕ کنی۔ یِس کور رِجلدے مٲلی سند مرنک توقع آسہ تس کتہ ییہ نندر آ ۔ ۔ شادس اُس خبر زِ از نتہ پگاہ نیر تسند مول یہ دنیاہ ژٕ ٲوتھ تہ سہٕ ڈوکھ ژٕلہ نیرتھ یِمٕ تس موج مرنہ پتہ زندگی ہنٛد بن مشکل کھوتہ مشکل حالاتن منز تہ ہمت دِژ۔ از نتہ پگاہ چھُ دنیاہ ژٕ ٲوتھ ہرکانسہ نیرن مگر شادنس

مائلس اوس کینسر سُتہ اٰخری سٹیجس منز۔ ڈاکٹر واوس جواب کوٚرمت تہٕ تس گرے خدمت کرنُک مشورہ دیت مت۔ خدمت کُس کرہس؟ زُیٹھ نیچوتہٕ نوش اُسس پرٛاران زکرتہٕ گرٛ گرِوٹہ اچھی تہٕ تم گرٛھن آزاد۔ آکھٕنس نیچواوسس شاںٛد دتھ۔ تس اوس ناونہ خاندر کرنے نتہ ما آسہ ہے سُتہ مائلی سندس مرنس پرٛاران تاکہ ستہ ہیکہ پنن سورے توجہ پننین شُرین کُن دتھ۔ شادس اُس وانجہ دگ تہ کالہ پیٹھے اُس لرِ پھرنی دوان۔ تس اُس مائلی سنز سوسارے سخت یادپیوان یوس تمی خاندارنہ ہنٛد مرنہ پتہ شُری پالان پالان تجمٕژ اُس۔ پھرپھر اوسس یاد پیوان زٕ کتہٕ پھردتن بوٚچھ نہ آسنک بہانہ کرتھ فاقہ تاکہ شُری کھین یڈ برٕتھ۔ تمہ پھیرٕ غلام قادرس کن بُتھ تہ ووش ترٛ اٰوتھ پرٛژھنس:

’وائے! کیاہ وچھتھ خابس منز۔ خبر مائلس گوٚژھ خارے آسُن۔‘

غلام قادرس تہ اوس باسان زخبر کیاہ دلیل آسہ مگر پنن خوف ژورتھوتھ ونن شادس زنتہ لاپرواہی سان:

’کہنٛہ نہ۔۔ خارے آسہِ۔ خبر کیاہ افراتفری وچھم۔ خبر ژٕے ما اٰستھ کالہ بتہ پھلِی ڈونے تھمتی۔‘

شادن ترٛ وویٚہ اکھ زیوٗٹھ ووش تہ یڈ ہیور کن پھرتھ لوگن تالوس وچھُن۔ یتھ پیٹھ شیشہ دارِ ہنٛد پنجرٕ منزی اژن والہ زُنہ گاشہٕ ستی مختلف قسمچہ شکلہ بنیمٕژ آسہ یمن منز ترٛ کنجل شکلہ جاےٕ پھن نہ آسہ۔ یمہ شکلہ آسہ دارِ الوند پرِ دکہ ہورِ یور کرنہٕ ستی زنتہ رقص کران تہ شادٕ نہ بےبسی پیٹھ اسن کھنگالہ ترٛاوان۔ تس وٕتھ تلواس تہٕ بیاکھ ووش ترٛ اٰوتھ وٕ جن لیٛف بون پھن۔ غلام قادرس پے تسندس وچھس کُن نظر۔ تس باسیو زنتہ زُنہ گاشس منز سونہری ڈلس زٕ پمپوش

پھلی متی چھ۔ تس آو خابس منز وچھ مژمُر ژِہند خوبصورت اُلچہ رنگہ بدن اچھن بروٗنہہ کُن تہ پھُٹرس سوے تژیش یوس تژیش ہمہ راونہ خاطرِ جلوسکی لوٗکھ مُرژِ انڈی انڈی گتہ گیوٗر کران اُسی۔ بےٚ زُوتانس ژاس زُوتہ شادس نزدیک۔ یتھ تھون تس وچھس پیٹھ اتھ۔ شادُن بدن اوس نیٚبری کنہٕ یخ ہیو مگر انڈ رٕ اوسس نارُوہان۔ تس اوس نہ ونکیٚن پننہ ماذِ آسنُک کانٛہہ تہ احساس مگر غلام قادرس اوس پننہٕ نزٕ آسنکی احساسن انڈ رٕ طوفان برپا کوٚرمُت۔ سہٕ اوس شادنس وچھس اتھ ءِستی گنداان تہٕ تس ماذِ آسنُک احساس ووتلاونچ کوٗشش کران۔ مختلف احساسن ہنٛدس طلاطمس منز کوٚڈ شادن نزٕ بن زنگن واش زنتہ تالوٗژ ٹتھ وس واجنی ہر کانٛہہ تژٹھ پننس سینس منز شژٕ پراونہ خاطرِ تیار اُس۔ ییلہ پننہ نے وجودِنش ووپدن واٗلکیمی پننہ نے وجودکین زخمن ہند خوٗن چیٚین تکونس منز ہیٚنہ آمُت وجودنے خودسپردگی ہند اعلان کرِتہ اِدکیاہ۔ نزِ ءِستی لُج تس لرِشونگتھ نکس زیر تہ ژٕجس ودن کریکھ نیرتھ۔ شاذِ پھیر ولی ولنکس کُن تہ تژاُونس بب اُسس۔

’موج لجی بلایہِ۔ موج لجی ناوس۔ ووغدمی زُو۔ بلایہِ لگے۔‘

نکہ اوس دشہ گنڈی گنڈی خاندرِ پتہ برابر اُٹھِ وِہری زامُت تہ یہ اوس یمن دوشونی بأژن کُنہ اچھی گاش۔ ماجہ چھُ پنن شُر پننہ زِکھوتہ ٹوٹھ اُسی تھے غلام قادرس تہ اوس یہ دپزِ تہ نکس منز ے زُو۔ مگر ونکیٚن کھٔژ غلام قادرس نکنہٕ سخ شرارت تہٕ سونچان اوس زامس تہ ہأون ونکینے۔ شادن پاٗونکس دودچاٗوتھ نندرتہ پھیر غلام قادرس کُن یُس ونہ تس شانن، لرِکانٛین تہ ببہ ٹینڈ بن زیر زیر کران اوس۔ غلام قادرن رٔٹ شاذِ نالہ متہ تہٕ رٔژھی کھنڈی آے دوشوے بدن ووسنس۔ اکس اکھ منز شژٕ پنچ تژیش گے ہُران۔ شاذِ اُس غلام قادرنہ کوچھِ

منز زنتہ آبہ رُس گاڈِ ہنڈی پاٹھی ژھرتہ ژھرٹھ کران تہ غلام قادرتہِ اوس تس سر پھ سندی پاٹھی پان ولان۔ دوشونی ہند بن دلن ہنز دُبہ راے گے ہُران تہٕ دوشونی ہند بن شہن ہنز کھسہ وسہ گے بے قابو۔ برنزی تارٕ گژھتھ پے شاہٕ مورہٕ گاڈِ ہنڈی پاٹھی بے حبس تہ غلام قادرتہِ آو زنتہ نرٕ زنگہ پھٹتھ گلہ پیٹھ بون لاینہ۔

دسمبز مأدانس سوے اُلچہ رنگہ خوبصورت مُورت تتھی ترٕ کنجل پنجرس منز تہ تس انڈی انڈی تسند بو پدٕو تلہ وو تلیومت جلوسہ گتہ گیور کران تہ تکون کین ترٕ بن کنجن پیٹھ رسہ ونبن چھو کن ہند خون چیوان۔ وونی اُسی تکونس پیٹھ کنی موجود لوکٹس گول پنجرس منز بیٚیہ ژٕ سٕرنی زخم یمن باقی ترٕ بیو زخمو کھوتہ ژورے پھن خون رسان اوس مگر تمن دون زخمن کُن اوس نہ جلوسہ منز کانٔسہ تہ نفرٕ سُند توجہ۔

غلام قادر گوو وٕٹھ کھیتھ ہُشار: 'افو خدایا۔ یہ کیاہ وُچھ مے۔ خدایا رحم۔ رحم خدایا۔'

شاہٕ اُس ونکین تہ ہشارے تہ ووش ترٕ اُوتھ پرٕ ژھنس:

' کیاہ دلیل۔ واے! مألس گوژھ خأرے آسُن۔'

غلام قادرن وونس بیٚیہ لاپرواہی سان:

' کہنی نہ۔ خأرے آسہ۔۔۔خبر ژےٚ اُسی تھا کالہ یتہِ بتہ پھلی ڈُوی متی۔۔۔؟'



## گٹہ زۆل ژاپاں وُنتہِ چھُ گاش

گاش پھولنے گرِ نیرُن اُس تس مجبوری یۆ دوے زن یہ زہرس نۆ ودنس برابر اوس۔ جاۓ دور اوسس نہ گرژھُن ۔ یمے مکانہ اُٹھ ڈ ہہ ترٛ اُوتھ اوس خدِج دبڈِ ہُنڈ گرٛ۔ مگر بۆ ڈ مسلہ اوس یہ زِتس اوس مین روڈس پکن یہ زن راۓ ژ ہندس اتھ پتہٕ مس پٔہرس منز ملکُ الموتس پان پُشر اونہ کھوتہ کیہنہ تہ کم اوس نہ۔ مگر کرِ ہے تہ کیاہ۔ خدج دبڈِ بغیر اوس نہ تسندس مصیبتس بیٚیہ کانٛہہ تہ علاج۔

خدج دبڈ اوس اللہ تعالیٰ ہن دست شفاعت عطا کۆرمُت۔ ہتھ لیڈی ڈاکٹر تہ اکھ خدج دبڈ۔ یام سو خلاصی ہندس داۓ دس منز ژھرٹ ژھرٹ کرن واجنہ زنہِ مُیانہ ٹھولس زُودنہ والہِ خدایہ ' ونتھ اتھِ اُس لاگان تام اُس شُری سنز ودن کربکھ کنن گرژھن تہ ودن

وان اوس اسن وانس منز تبدیل گژھن۔ خدج دبد ہند ینہٕ ستی اوس چرنگ دنہ واجنہ زنانہِ بُتھس رنگ پھیران تہ بچنچ ستھ گژھان۔ یام خدج دبد دروازِ اژِ ہے ساری اُسی خدالیس کن شکر پران تہ پھر بکھ تژ اون۔ خدج دبد اُس یہ دپِزِ تہ امہ گاچ مسیحا تہ خالے اُس کانٛہہ گو بہ کھور زنان ہسپتال تی پیوان۔ سُتہ ییلہ خدج دبد الغأبہ کنہ ساعتہ اوِر یور گمژ آسہ ہے کانٛسہ رشتہ دارس نش یا کنہ آستانس پیٹھ شب کرنہ۔ ویسے تہِ اوس نہ اتہ گو بہ کھور زنان پیاونا ونہ خاطرِ ہسپتال ننک رواج تہ اندری پکھی تہ اوس نہ امہ قسمک کانٛہہ ہسپتال۔ وونی ہرگاہ مجبوری پیٚیہ ہے تیلہ اوس وُہ پنژہ ہہ میل دور ضلع ہسپتال گژھن پیوان۔ خدج دبد اُس نوشن کور بن نصیحت کران زپژیسنگ دوہ واتنس تام گژھ کأم کرِنی تہ پتی میٚین دوہن تہ گژھ لوٚ ژ لوٚ ژ کأم کرِنی۔ ونان اُس زامہٕ ستی چھ استخوان نرم روزان تہ بچہ تھنہ پیٚنس منز چھنہ پتہ مشکل گژھان۔ نوشہ کور تہ آسہ برابر نون رتھن خدج دبد ہنٛدس ونس پیٹھ عمل کران اِدُ ونبک تام اُس نہ خدج دبد زانٛہہ تہ کنہ شایہ کانٛہہ زٔنی پہاونانس منز ناکام گمژ۔ پیٚٹھ اوسس بیاکھ بوڈ صفت یہ ز پانہ کونہ آسہ ہے مران تہ ہرگز اُس نہ کانٛسہ نکار کران۔ دپان اُس:

'یم اتھ گژھن میٚژ بُزِ۔ ازے کانٛسہ اکاربکار لگن تی چھُم زینن۔۔'

دپھ سواُس خداین زنتہ امی خاطرِ تھُر ءمژ۔۔۔ بے بسن تہ لاچارن ہنز ستھ۔

جبارن کوٚر جگرِ دوڈ تہ دژ او نیٚبر۔ کرہے تہ کیاہ ۔۔ ونی اوسس ئری پیٹھی گوٚمت۔ کالہ پیٚٹھ اوس تژ ییہ پھرِ دروازس تام وأتتھ واپس پھیورمت۔ خاندارنی اُسس دادِ ستی چرنگ دوان تہ کوربو دو یوٚ آسہ ودن ودن اچھ وڈ زلامژ۔ زٹھ کوٚر اُس ماجہ شانٛدس پیٹھ تہٕ کنٛس اکھ اُس وُٹس منز دم پھٹی گمژ تہ ددرایہ اوس اوٚش وسان۔ جبارن کژ یاو کالے

یراد زِسہ گڑھ ٹکہ تہ انہ خدج دبہ نادتھ مگر ییلہ نیٚبری کنی کتہ تام ٹاس زِ تڑے گے سہٕ ہیٚوک نہ درواز نیٚبر نیرتھ۔ سونچان اوس خبر گامس ما آسہ گیرِ گوٚمت تہ سہٕ لگہ اُتنہ بلایہ تٔت۔ پیٚٹھ دُیس نہ خاندار نہ تہ تِتھیٚن حالاتن منز نیٚبر نیرنہ۔ کوربن دون اوس نہ فکرے تران زتھہٕ دس مائلس پزیاتھز موج بچاونہ خاطرِ تِتھیٚن حالتن منز گرِ نیرن کنہ پان بچاونہ خاطر گرِ بہن۔ ییلہ رأژ ہنز ڈایہ بجیہ شمس گوداٗ دس منز تیز ر۔ تیز رتہ اوس تمس کالہ پیٚٹھے مگر ووٗنی ہیٚوک نہ تمہ برداش کرتھ تہ لاجیٚن زور زورِ کربکہ دنہ۔ کوربوتُل ہوٗلی باروتہ کتھ تام پاٗٹھی آسہ مائلس کُن وچھان۔ جبارس گو نہ برداش تہ باٗنگی سند بانگ پرنہ بڑوٗنہے کرن ڈبکس ژ نہ رِکھ تہ دراو خدج دبدِ نادس۔ پریشانی منز رؤ دنہ تس لالٹین ہتی تلن تہ یاد۔ انہ گٹ اُس زبردس تہ جبار اوس دچھٕن کھوور نظرِ دی دی تیز تیز خدج دبد ہٕندس مکانس کُن پکان۔ تمہ اُسی ونہ کڑ تام قدمے کڑی متی زتمی وچھ کو کروائلی سندس دکانس نکھ بجلی پولس ہتی بندوق بردارسی کُن نشانہ رٹتھ کھڑا۔ جبارن نی یکدم نرِ زِ ہیٚور کُن تُلتھ تہ گواکی سے جایہ ربود۔ ہاٗبتہ ہتی کھڑس نہ کانٹہہ تہ کتھ ہٹہ۔ زیو گوس لو بُڑ تہ ساٗری سے پانس وٗژھس تھراے۔ جبار رود بندوق بردارس کُن مدے گنڈتھ سونچان زونی ییہ یہِ مےٚ بڑوٗنہہ کُن تہ چپاتھ تڑاٗ وتھ پڑژھیم کس چھکھ تہ کوٚت چھوے گڑھن۔ سہٕ اوس پانسے ہتی جواب سونبراوان ۔۔۔

ُسر خاندارنی بیمار ہیں۔۔۔ خدا صی ہُند دود ہیں۔۔۔ اب وارنی لانا ہے'

مگر بندوق بردارن کٔرنہ واریاہس کالس کانٹہہ تہ حرکت۔ جبارن دڑ دوٚ چھن کھوور نظرا تہ گوٚس نہ بیٚیہ کانٹہہ تہ نظرِ تہ واٗنج ذٔر کرتھ لوگن بندوق بردارس کُن پکن۔ پوٚر اوس خیال تھوتھ زِ کرتہ کڑ گرِ ونہِ یہ :

'ڈھہرو سالا بھنڈ چود۔۔ کھڑے رہو'

مگر کنہ اڈ گے نہ کانہہ تہ آواز۔ جبار ووت بجلی پولس نزدیک تہ اتہ وچھن کوکروائی سندسُ

ششتر جال پولس نکھ کھڑا ایتھ سہ ُ فی دوہ اپأری نیرنہ وز وچھان اوس۔اور یور دژن نظر۔ کنہ

اوس نہ کانہہ۔ پھر بکھ تر وون تہ دراوبڑ وڈیہہ کن۔ ونہ اوس سہ ُ نأیدوانس نشی ووتمت زتس گے

گاڑ ہنز آواز کنن۔ 'آ۔۔یہ آسہ بکتر بند۔ ووٗنی آیہ شوٹھس شہمتھ۔' یی سونچان سونچان

اوس جبار کنہ کنز ژلیخ وتھ ژھاران مگر کوچہ اوس واریاہ دوٗر۔ ژوپأری نظر دتھ ییلہ نہ کنہ کنز ژلیخ

وتھ اتھی لجس سہ ُ ژاونأیدوانہ کس تھرس تل ژھپیھ دنہ۔ ہونیو کھےکنی کھڑ بکھ تہ سڑکہ پیٹھ

وستھ تلکھ ہوٗلی بارو۔ متی متی أسی تھرس کن یوان تہ اڈ وتے واپس ژلان۔ جبارس أس

لگاتار گاڑ ہنز آواز کنن گژھان لیس رژھ رژھ تیزان أس۔ جبار بیٚوٹھ وانہ تھرس تل

کھوکھت کرتھ۔ کلہ روٗٹن زبن دون منز تہ کوٹھی ژچأرن سپنس ستی۔ منٹ داہ مرِ گے تہ گاڑ

ہنز لایٹ پے جبارس پیٹھ۔ تمی ژھُن کلہ کوٹھیٚن منز تہ ٹوٗبن بریٚور وچھتھ کوترِ سندی

پأٹھی اچھ۔ گاڑی گے شوون کرتھ نیرتھ۔ ہوٗنی ژلی ہورِ یورتہ رژھ کھنڈ گے ژھوپہ مگر جبارن

کوٚڈ نہ کلہ نیبر۔ پراران اوس ونی نتہ ونی کڈنم کھکھر۔

'مگر یم کتہ بُہرن مےٚ نزدیک ینس۔ یم کرن دورے فایرنگ تہ صحبس وچھن پتہ

لکھ زیہ چھُ جبار اوسمت'

جبار اوس یی سونچان زہونیو کوٚ ربیہ تھرس اندی گیرِ۔ جبارس اوس نہ دِرہ کرنس سنب

تہ جُرتھ تہ نہ اوس یہ تھیٚن حالاتن منز مناسب۔ اوٚڈ گھنٹہ کھنڈ گژھتھ ییلہ ہوٗنی تھکی تہ بیٹھی اند

کُن جبار دراو وارِ وارِ وانہ تھرتل نیٚبر دوٚ چھُن کھو وردژن نظر تہ لوٚگ تیز تیز خدج دبد ہندس

مکانس کُن پکنہ۔ خوفہ ستی اوس نہ سہٕ کہنٛی تہٕ سوچنٛتھ ہیٚکان فقط اوس پننس تقدیرس وَدان کنہ پننس زُوس۔

'واے کتھ تاونس لوٚگس بہ از۔ ونیامس اولے اسہِ چھ زِ کورِ سیٹھا مہ کرنٛچ نچھ۔ کر خدالیس پیٹھ توکل۔ اہنسا کانٛتیاہ ہے نچِوُ رُس چھتم مودیا۔ کانٛتیاہ چھ بالکلے نٔے پوتری اِدِ پتہ کیاہ گو۔ پیٹھ ہرگاہ ونی تژیم تہٕ کوٗرے اُس پتہ کیاہ کرو۔ ازی کہ زمانہ تژےٚ کور پالنہ تہٕ نکھ والنہ چھا سہل۔ واے خدایہ ونی ہے زوے بچہ ہے اِدِ پتہ یہ آسہ ہے تہٕ تہٕ۔ خبر شمہ آسیاو نہ زندے کنہ۔۔'

پانسے ستی کتھ کران کران ووت جبار خدج دبد ہندس دروازس پیٹھ۔ کھوٗژی کھوٗژی دتن وارِ وارِ دروازس ٹھس مگر کانٛہہ گو نہ ہشار۔ دو یہ تژ ییہ پھرکورن دروازس ٹھک ٹھک مگر کانٛسی دتس نہ جواب۔ زور ٹھس دنس یا آلو کرنس بُہر یونہ۔ سونچان اوس ہرگاہ زورِ کربکھ دمہ بلی ہے دوٚچھنی کھووری کانٛہہ اوس پتہ یمہ پرہانٛژ ہیٚنہ۔ تس اوس اوترک سہٕ واقعہ ذہنس منٛز ییلہ ستار جون سیٹھ داد چہ سختی کنی نصف رانٛژ میڈکل وانٛلس گرِ گیاو دواپھوٗل ژھارنہ۔ اِدِ کپانٛرِ تام گوٹاس تہٕ سیٹھس بلبیہ سانٛری دانٛدی بژنزس منٛز۔ جبارن ہیوک نہ خدج دبد زورِ آلو کرتھ توٗت تام بیوٹھ دروازس چونٹ دتھ یوٗت تام بانٛگی صبح بانگ پٕرِ تہٕ خدج دبد ہند خاندار دژ اومشید بل۔ یتھے تمی درواز مژُ رجبارن کرس سلام۔

'ہتا جبار اژ کہو کران یوٗت سلہ سانٛنس دروازس پیٹھ۔'

'خاندار نہ حض چھم دود۔ خدج دبد آیاس نادس۔'

جبارن وۄنس تھانٛتھر ہوٚت تہٕ ژاو اندر۔ خدج دبد اُس نماز پران تہٕ جبارن کوٚرس

فری یاد۔تمہ تڑ اُونمازاتی تہ دڑایہ جبارس ہتی ۔وتہ گُرخدج دبد جبارس سخ بےٓ واُری:

'ہتا جبارا۔۔ ژ چھکھا پاگل۔ یتھس حالس منز چھاصجس تام پڑاران۔ ژے کیاز کوٗرتھ نہ مےٓ کالے آلو۔ اہنہ سو بچاُرہے مرنس آسہ پیمٗژ۔نہ بانہ۔۔ ژ نہ باچھکھ کہنی ؛

جبارونہ ہس ز کتھ حالس منز نیرہا گرِ نیبر مگرتس پھوریو نہ کیہنہ۔ جبار ژاو خدج دبد یئٗتھ درواز س اندرتہ دوشوے کورِ آلیس بارو دوان دوان زنگن ولنہ۔خدج دبد پڑاران اُس شمہ شُریڈ منز ہیتھے شہلے مژ۔



# ہۆلی بارو

جان دیدِ تُج پھۆلتس پێٹھ تھاونہ آمژ پُڑج تھۆد تہ کوکرِ ژھنٔز بون ووٗٹھ۔ قدم زٕ ژٕے کڈتھ تجیٖن اسمانس کُن أچھ، پان زیٖٹھ روون تہ ٹینٛڈ بن پێٹھ وٕتھتھ کڈن پکھن ٹاس تارٕ۔ پانس ڈِنن دتھ پھِرن کھوورِ أنٛدی پتھ کُن گردن تہ ژٕ آون پھۆلتس کُن نظر۔ تیٖرٕ گوٚنٛد ہیٚو اکھ پۆت اوس پھۆلتس ڈٕندرِ پێٹھ تولہ بار کران۔ تولہ بار گوس نہ سیٚو د تہ آو بون لاینہ۔ بونہ کنٛز لۆگس لرٛژھ منٛز گو تہ۔ لرِ پھرُن دتھ ووٗتھ تھۆد تہ لوکٹیٚو لوکٹیٚو قدمو دوریو کوکرِ کُن۔ بباکھ پۆت اوس پھۆ تہ منٛز نیٖبر نیرنہ موکھ ژھرٹہ ژھرٹ کران۔ گاسہ بو دِ پێٹھ اوس پھو تہ کس ڈٕندس پێٹھ کھسنٛچ کوشش کران مگر کھستھ اوس نہ ہیکان۔ بیلہ دویہ ژٕ یہ پھرِ کوشش کرنہ پتہ تہ پۆت پھو تہ منٛز نیٖبر نیرتھ ہیوک نہ جان دیدِ تل بڑا احتیاط سان تہ ژٕ وون

پتھر۔ یہ اوس کمزورے پہن تہ لوگن وارِ وارِ کو کرکن پکن۔ یو سہ لو تہ لو تہ قدماقدما اُس کڈان تہ کرٔتھ کرٔتھ گرٔی گرٔی اُس امس کمزورجگر کھاٹنٔس آلو کران۔ گوڈنیک پۄت اوسس زنگن النہ تہ ولنہ یوان مگر تمۍ سند توجہ اوس ائ سے کمزور پۄتس کُن۔ تام ووت سہٕ تہ کو کرنش تہ کو کر دزٲیہ پتھرس دگ دگ دوان بڑ ؤنہہ کُن۔

آنگن اوس نہ جاےٚ بوٚ ڑ۔ یمے مرلہ داہہ مرٚ آسہ ہے تہ جان دبد ہنٛدس علاقس منٛز اوس نہ یہ بوٚ ڑ آنگن تکیا زاتہ اوس اکثر گرن زِ زِ ترٛےترٛے کنال کھلہ ڈلہ آنگن۔ کمے کال بڑ ؤنہہ اُسی اتھ گامس منٛز سٲری آنگن یلے۔ کس کیاٚ رٔی اوس پکان تتھ اُس نہ کانٛہہ رکاوٹھ۔ اکثر اسی لوٚکھا کھاکی سند آنگنہ منٛزی پکان تہٕ ستی اُسی تھدِ کرِبکھ دتھ گرٕ والیٚن تہ خاٗر پاٹھ پرٛژھان۔ گرٕ وٲلی تہ اُسی وتہ پکہ ونس ٕستی مایہ بورت خاٗر پاٹھ کران تہ چایہ بتس تہ ماز رتھ کران۔ کانٛسہ اوس نہ کانٛسہ ہند آنگنہ منٛزی پکنہ ٕستی بُتھ وۄ رہیٚو گرٛژھان۔ مگر یلہ از بڑ ؤنہہ زِ ترٛےوری موقدمن آنگنس دیوار دُیت زنتہ آو سٲری سے پھش تہٕ ونی چھ تقریباً سارنی ہنٛدی آنگن دیوار گنڈتھ تہ کانٛہہ چھنہ کانٛسہ ہند آنگنہ منٛزی پکان۔ نہ چھ کانٛہہ کانٛسہ خاٗر پاٹھے پرٛژھان تہ نہ چھ کانٛہہ کانٛسہ ماز رتھے کران۔ ونی یمس نہ دیوار دنٕس سُنب طاقت اوس تمۍ تہِ چھ تو تہ ترٛ شہ ہرین ہنٛز پلی یار دتھ پنٕنی ہن سٲمتھ تھاٚمٕژ۔

جان دبد ہنٛد بو تہ چھ آنگنس انٛدی انٛدی پلی یار دژمٕژ یتھ جایہ جایہ ژھینی مٕژ پلو زچہ تہ پرٛ اُنی وتھرٕ نی پلوالوٚنٛد چھ۔ اکہ طرفہ چھس گاٗنی واٗری گین جاے تہ بیٚیہ طرفہ ہمسایِن ہنٛز خام جایہ ہنٛز پۄت لب یمہ کس سائیس تل گاوتہ وۄ ژھ گنڈتھ چھ۔ یمنے لرِ چھ اکہ انٛدی ہٕج ورِ دو پھ ہنا یتھ موہربو نال چھ وۄلمت۔ اتی ہنا دۄر پہن چھ باٹھ ہرِ پوٚنشہ وہراٗوتھ یمن پیٚٹھ

دوورِ یومُت پتجہ ٹکر ہناتہ چھُ۔ جان دبدِ ہٕژ رووِ پُژلونچہ گنڈتہ تملہ موٹھ پھرتڑاُتھ کوٗرن کوکرآلو۔ کوکرآیہ تملہ پھلین کُن دوران دوران تہ پوٗتی تہ آیہ تس پتہ پتہ۔ پوٗتی اُسی کوکر کُن وچھتھ تملہ پھلی تلنچ کوشش کران مگرتلتھ اُسی نہ ہیکان۔ جان دبد اُس پوٗتین کن وچھتھ وِسان تہ سونچان اُس زہرگاہ امہ ٹھول گانڈٕ آسہن نہ کرِی متی برابرآسہنس پانژ دُچہ تہ اکھ پوٗت۔ وائے پوٗتی کھیوٗل آسہ ہس پتہ پتہ۔ تو تہ کڈ باین بچارِ پانژ پوٗتی۔ اکھ موٗد زیوٗونے، اکھ کھیوکاون تہ بیاکھ نیوٗ راتھے گانٹہ ژھٹ دتھ۔ ییٖ سونچان سونچان تُج جان دبدِ اسمانس کُن نظرتہ گانٹھ وچھن تھدِ گول گول چکرکران۔

'ہے پیٚیہ یم اُچھ وستھ۔ وٕنی نکھایتہ پٔنی وانج۔'

کوکرموکلاوی تملہ پھلی کھیٚنتھ تہ کرٕتھ کرٕتھ کران درایہ ورِتل نیچہ مژ تچھنہ۔ گانٹہ دٕژ ژھٹ تہٕ جان دبدِ تُل ہولی بارو۔

'ہوٗل۔۔ہوٗل۔۔۔ہے ژےنارٕ ترٕٹھ پٚینٕی۔ وٕنی کس چھکھ پتہ۔۔یتہٕ روداچون کرٕیژ۔'

کوکرتہِ تُل کرِبکہ نادتہ گانٹھ ژٕج پیٚٹھی واپس۔ جان دبد دٕژ بیٚیہ ہیور کن نظرتہ گانٹھ گیس نہ نظرِ۔ تمہ ترٚ وو پھربکھ تہ ہیوتُن اندراژُن۔ یام تمہ اکھ کھوربژاندس اندرژون تام دِژ گانٹہ بیاکھ ژھٹ۔ کوکرژٕج شورکران کران باٹھ بوٚ دس کُن۔ اکھ پوٗت گو ماجہ ستی دوران دوران تہ دٕژن باٹھ بوٚ دس تل ژھیپھ مگرکمزوراکھ ہیوٗک نہ تیز دوٗرتھ۔ یوٚت تام جان دبد واپس پھیرتوت تام اُس گانٹھ تس جونٹہ دتھ دوروا ژمژ۔ جان دبد تُل کرٕبکہ نادتہ اکی سےشہس پیٚٹھ کڈن گانٹہ ؤہوہہ مرٕمگرگانٹھ اُس چھوٗرارےکرن وول پوٗت پٔننین ظالم

پنجن مژ دبأوتھ موقدم سنٛد آنگن بونہ تھرِس پیٚٹھ بیٹھ مژ۔ جان دبہ آوٕ ہوأ رکری کری پوٚس
کھستھ مگر کانٛسہ کرِس نہ ژھر ہمدردی تہٕ۔ ہمسایے أسس دارِ وہ بیٚوٕ کنٛی تماشہ وچھان تہٕ حرام
کوٚڈ نہ کانٛسہ دارِ کنٛی کلہ نیٚبر۔ خبر تمن اوسا گانٛٹہ ہنداہ بتھ کنہ جان دبہ ہنٛد بن پوٚتین ہنٛزے
أسکھ پھوشان۔ تہٕ زانہِ دے۔ پوٚژ اتھس کیٚتھ ہیتھ پھیر جان دبہ واپس تہٕ وأژ باڑھ
بوٚ دس نش۔ گاو تہٕ ووژھ تہٕ أسی شُر کنیٚن ژامتی۔ اوٚشی بگھی أسس پھٹان تہٕ بر ہکہ دلہٕ کوٚرُن
کوکرا آلو تہٕ کوکرا آیہ باڑھ بوٚ دِتل نیرتھ۔ جان دبہ چھ آلو آلو کران مگر پوٚت دژا ونہ نیٚبر۔ جان
دبہ نیمرو وکلہ تہٕ دژن باڑھ بوٚ دس تل نظر مگر پوٚت آس نہ اتھ۔ باڑھ بوٚ دِتُلن تھوٚد مگر کہنٛی نہ۔
صرف اکس واجہ گُلس پیٚٹھ نچہ تیر ژومبرٕ تہٕ بس۔



# وانٹہٕ کُل

راجہ موٗنڈ چھ وانٹہ کلس تل ڈیرٕ ترأوتھ۔ نہ چھ کانٛسہ گںٛل دوان لاینہ تہٕ نہ چھ جاناوارس وانٹہ کلس کُن وچھنہٕ دوان۔ وانٹہ ڈوٗنی چھ پانے پتھر پیوان تہٕ ہکرٕی کولہ مٔنز لاینہ یون۔ لکھ چھِ یمے لتھناونہ آمتی ڈوٗنی لیمبہٕ زألی دِی دِی ژھاران تہٕ کھالان۔

یہ چھ پرٛیچ کتھ زِ وانٹہ کل اوس کلہم پأٹھی سارنے لکن کیوٚ جاناوارن ہنٛدِ توجہک مرکز۔ گامہ نبر پہن اڈٕ بٹھس پیٹھ واریاہ تھوٚدتہ چھجل مگر نہ أسس کھسنچ باتھ تہٕ نہ اوس امیک سایہ سیوٗدز مینس پیٹھ پیوان۔ گاہکی لوکٕ کیوٚ بڑٕی، زنہ کیوٚ مردتہ کہیا جاناوارأسی اتھ دوے دوہس گتہ گیوٚ رکران مگر راتس أسی اِمکی حالات مبہم تہٕ خوفناک آسان۔

زُنہ گاشس مٔنز زنتہ کُنتام مقدس آستان تہ گٹہ پچھس مٔنز زنتہ پاتال پیٹھ شنہس

تام شاپھ دتھ شہمار۔ زُنہ پچھس منز آسہ پنہ وتھرو پیٹھ صاف شفاف نورٕ زژ ہشہ پریو
وو تھان زنتہ اوس آنہ خانس منز کافور کِبن ژانگین ہند زۄل یوان کرنہ تہٕ گٹہ پچھس منز پنہ
وتھرو پیٹھ وُزملن ہندی پاٹھی نارٕ بزیہہ وو تھان تہ باسان اوس وُنی کرِ ساٗرسے گامس زۄل۔
سحر پھٕلی تھے اوس یہ منظر غیب گژھان تہٕ گامہ والین کیو جاناوارن اۄس راٗ ژہند خابکی
پاٹھی مشتھ گژھان تہ وانٹہ کلس اٗندی اٗندی اۄس بیہٕ مااٗلہ لگان۔

وانٹہ کلبک ڈۄن اۄس نہ گوڈ پھٹانے پتہ یۄ دوے پھٹہ ہے تہ مشکلن اٗسس
سرٛنہ پتبس سنمب گوجہ پیٹھی کھنی کھنی نیران۔ مگر یۄت تام اکہ گوجہ پیٹھہ پتہ بیاکھ پیُوٹھ
نیران اوس تۄت تام اوس اٗسس آسان آب آمت تہ پتہ اوس بیاکھ پیوٹھ کھنبس برٛمزہ
میٹھان۔ دۄیمہ طرفہ یُس وانٹہ ڈۄن اٗتھی اوس لگان سُہ کھنبس اوس زبردس مزٕ لگان تکیاز
تتھ اٗس والنہٕ باپتھ سخ محنت آسان کرٕنی پیمٕژ۔ چونکہ وانٹہ کل اوس واریاہ تھود تہ کھسنچ
باتھ تہ اٗسس نہ لہذا اٗسی بڑی تہ لوکٹ شُری کاوِن نظر تھوتھ آسان زِ کرپے یکھ توٹہ منز ہ ڈۄن
تہ اٗسی تلو۔ یام کاوس ڈۄن اوس پیوان ساٗری اٗسی اتھ تلنہ باپتھ لاران۔ اڈ بٕن اٗسی اڈوتے
دب لگان تہ کہیا اٗسی ڈۄنس پتہ دوران دوران بٹھس ڈُلہ گژھان تہ بونہٕ اوسکھ کولہٕ منز غوتہٕ
گژھان۔ وونی ہرگاہ ڈۄن وانٹہ کلہ کہ دۄیمہ طرفہ سٹرس پیٹھ پیہ ہے تیلہِ اٗسی ڈۄنس تچھ
ژھننہٕ خاطرِ لوکٹ کیو بڑی، زنہ کیو مرد اکھ اکس پیٹھ پیوان تہٕ یہ ڈٕپی زِتہِ اٗکس اکھ پلو
ژٹان۔ ڈۄن تلن وول اوس پتہٕ دور پہن بیتھ کنُے زۄن بڈٕ سکون سان پیٹنہِ پیٹنہ گوجہ
کڈان تہٕ لطف تلان۔

جوان جوان لڑکہ تہ کورِ آسہ نہ جادٕ پہن کاوٕ ڈۄنبن پتہ روزان بلکہ اٗسی بجہ بجہ گبلہ

ہتھ پانہ ڈٗونی وانیج کوشش کران۔ وانٹہ کلی چہ لنجہ تام گبل واتہٕ ناوٗنی تہ اوس نہ سہل۔ داہ گبلہ لأیتھ أس اکھ گبلا ڈٗونی لنجہ تام واتان تہ تمہ باپتھ تہ اوس گوڑ زیوٗٹھ تھک پیوان کڈن تہ تریشہ وأرچینٛ پیوان۔

ڈٗونی کلس آسہ بہ یک وقت واریاہ گبلہ لاینہ یوان تہ یێلہ ڈٗون وسہ ہے تتھ پٹھ أسی اکہ کھوتہ زیادہ لوٗکھ پنن حق زانان تہٕ بعضے آسہ اتھ بنیادس پٹھ لڑایہ گژھان تہ گبلوٚ ستی أسی أکس اکھ رَتھ والان۔ ووٚنی یُس نرِ زیوٗٹھا حقہ یا ناحقہ ڈٗونس تھپھ ژھننس منٛز کامیاب گیا وسہ اوس بڑ فخر محسوس کران تہ پانس باقیو کھوتہٕ تزُک تہٕ طاقتور سمجھان۔ یمن حالاتن منٛز اوس وانٹہ کلس أندی أندی دوے دوہس ہملہٕ دلِ آسان تہ شام گژھتھ اوس بیہ رأژ ہنٛد پھربٹھ کروٗن عالم نمودار سپدان۔

اکہ دوہ صبحے أسی ونہ کژ تام زٔنی وانٹہ کلس أندی أندی جمع گأمتی تہٕ أسی کتھ کران ز رجب بٹن ووٗن :

'اتھ وانٹہ کلس چھنہٕ ونبک تام کانٛہہ کھستھ ہیوکمت۔ فقط أس میأنی مأ لی جنت گارن اکہ لٹہ کوشش کرمژ تہ سہُ تہ اوس اَکے لنگ چھأنتھ بون لاینہ آمُت تہ تمہِ ٹاسہ اوس نہٕ ووٗتھمت''

رجب بب اوٗس گامک أمیر تہٕ بارسوخ مہنیو تہ أمی سنٛز کتھ أس حتمی آسن۔ مگر از گوسورے خلافِ روایت۔ یێلہ رجب بٹن ووٗن ز وانٹہ کلس ہبکہ نہ وُنی کٛینہ تہِ کانٛہہ کھستھ سُلن کوٚر أمس چیلنیج تہٕ ووٗنن ز سہ ہبکہ یہ روایت پھٹرأوتھ۔ کتھ زیٹھیہٕ تہ لگھ گیے دون دڑبن منٛز تقسیم۔ اڈیو دبت رجب ببس ساتھ تہ اڈو گرُ سُلس زیر زیر۔ رجب بٹن لگوو شرط زِ اگر

سُلہ وانٹہ کلس کھسہِ اکھ گیے تم ڈوٗنی ساٗری اُمسے یم یہ چھانہ تہٕ بیہ گواٗزی کہ پڑھ سُلس وانٹہ گُل انعام۔سُلہ آوووٹہِ تہٕ کوٗرُن شرط منظور۔

تُمی ژٕھنی یکدم چینہِ ژٹ تہٕ پوژھ کڈتھ تہٕ لوگن وانٹہ کلس کھسُن۔کیہنہ لوٗنڈٕ اُسس شابش شابش کران تہٕ کیہنہ بزرگ اُسس یُتھ فراڈ نہ کرنہ باپتھ ونان۔سلہ کھوٗت وانٹہ کلس ہیور ہیوٗرتہٕ رجب بب ہیوٗتن ووشلُن۔سلہ چھ وانٹہ گُلس کوم ژھنتھ وانڈرٕ سندی پاٗٹھی ووٹھ ووٹھ ہیوٗرکن کھالان مگر یتہِ سہٕ زٕسوٗت ہیوٗر چھ کھسان تہٕ چھ اکھ سوٗت رکنہِ وسان۔گاٗمی گامس منزٕ ووٗتھ ہوٗلی باروزِ سُلہ کھوٗت وانٹہ گُلس۔سورے گام گو وانٹہ کھہس منزٕ جمع تہٕ اتھی ستی آیہ راجہ موٗنڈ تہٕ۔سو تڑہریہ تہٕ لوگُن وچھ ژٹن، سُلس دِتی بون وسنہٕ خاطر سوال مگر تُمی مونس نہٕ، تس اوسنا وانٹہ گُل زیٹن۔لوٗنڈ گیے ہس دوان تہٕ سلہٕ تہِ گو ہیوٗرہیوٗرلمان۔کاو اُسی لنجہ پتھ لنجہ ژھرٹہ ژھرٹھ کران تہٕ سُلس گُن وچھتھ اُسی بارودوان۔شایدس اوسکھ باسان اگر سُلہ برابر وانٹہ کلس کھوٗت سہ نیہ ساٗری ڈوٗنی چھاٗنتھ تہٕ تم شوٗتھ گرژھن رزقہ رُس۔باقی جانا واروتہِ تُل سخ شور۔تمن اوس گبلن ہند عادت گوٗمت مگر انسان اوسکھ نہ وُنس تام وانٹہ کلس کھسان وچھمت۔سلس پھوٗٹ رُمس رُمس عارق یوٗت تام سہٕ وانٹہ کلی چہ گوڈ نچہ لنجہ تام ووٗت۔لوٗنڈٕ اُسی ژرِپوٗپ تہٕ شُرٗنہِ کران۔کیہنہ گیے رجب بس نستہِ تل ڈانس کران کران۔ رجب بس اوس کرٗہن کاوگومت تہٕ سونچان اوس ئلہِ راوُرم برُتھ پنن وبقار۔وانٹہ گُلکی پنہ ؤتھرتہ اُسی زن سُلس اُچھ مژرتھ وچھان تہٕ سونچان اُخر یہ گُس کلہ ژوٗٹ چھ یمی ناممکن ہیوٗت ممکن بناون۔

وانٹہ کلچہ گوڈ نچہ لنجہ تام واتان واتان اوس سُلہٕ ژھنتھ پیوٗمت۔مگر اُندری اوس

خوش۔ واٹنہ کل زینن ماأس کاٹہہ سہل کتھا۔ یام سلن واٹنہ کلچہ گوڈ نچہ لنچہ تھچھ کرنہ باپتھ واٹنہ
کلس کوم یبلہ ترأ و واٹنہ گلی دژ پانس زنتہ ڈنن تہ سلہ آودژ وپھ گرتھ بون لاینہ۔ یونہ کنہِ جمع
لکن لوگ شاپھ تہ سأری گیے زنتہِ وٹسی، کأنسہ کھوت نہ شہہ تہٕ نہٕ پھوٚرکھ کربکھ۔ أتھی
ژھوپہِ منزٕ ژٕج راجہ موغڈ تھدِ کربکھ نیرتھ:

''یہ کمیو مارنو میون یتیم۔۔۔خدایو۔۔۔'

''ڈبہ ڈاس گوٚ وااتھ واٹنہ کلس۔۔خدایوو۔۔۔

تنہٕ چھِ راجہ موغڈ أتھی واٹنہ کلس تل ڈیرہ ترأ وتھ۔



# پڑ زنتھ

روخسانہ اُس پنہ نس کمرس منز شیشس بروٚنہہ کنہٕ بِہتھ پنن اڑ گوٚر مڈ گوٚر بُتھ وچھان۔ وأنجہ اُسس پرگاٚلی گژھان تہٕ سونتہ شرانبن ہنٛدی پأٹھی اوسس اوٗش دارِ وسان۔ پنن سہ مأری موٚنڈ بتھ اوسس یاد پیوان تہٕ تُس بُتھس اُس اتھوٚ ستی ساران تہ یہ ڈٟلٕ زِ تہٕ اُچھوکنہٕ اُس خوٚن ہاران۔ پنن شُری پانہ پٹھک ویوٚ د بُتھ راوُن ماچھ کانہہ سہل کتھا یمکی تمام نقش انسانہ سندس ذہنس منز شرٕ و پیمتی چھ آسان تہٕ یمٕ کہ ہرکنہ سنبر وہ گنہارک انسانس پے چُھ آسان۔ روخسانس ہرگاہ از تہ جان شکل وصورت اُس مگر سہ بُتھ یتھ ماجہ، ماسو، پوپھوِ تہ ماموکہیالٹہِ موٚنہ تہٕ میٹھی اُسی کری متی اوسس نہ دریٛنٹھی گژھان۔ یادِ وۄ ترکی خزانہ یتھ بتھس منز شرٕ وِ پتھ اُسی سہ بُتھ ہنگہ منگہ راوٕن اُس نہ کانہہ لوکٹ کتھا۔ یہے دگ اُس روخسانس اندری کوٚران تہٕ سو اُس وونی زنتہ دیوانہ گمژ۔ از آوتس ہسپتالہ واپس ینہ پٹھک سورے بنن تہ گدرُن زنتہ شیشس منز بوزنہ۔

ینہ روخسانس سہ مأرۍ موند بُتھ رۄوتنہ اُس سو پھرِ پھرِ شیشس وچھان تہ بار بار شیشس وچھنہ ستۍ اوس تس مژرۍ مژرۍ پانس تہ پنن پان راوان تہ حیران گژھتھ اُس شیشس منز پننس پانس پرٛ ژھان:

'ژٕ چھکھا سوے روخسانہ ؟ نہ - نہ - ژٕ کتہ چھکھ سو روخسانہ یوس ژۄدأہم زۄن ہش اُس تہ محلّہ کین تمام لڑکن اُس اکی نظرِ سینہ منز دل نوان کڈتھ۔'

'ژٕ چھکھا سوے روخسانہ؟ نہ - نہ - ژٕ کتہ چھکھ سو روخسانہ یس پتھ خاندانس منز سارنے ہنز نظرِ آسہ تہ ہر کانٛہہ گوٚبرِ موج اُس پننہِ پننہ نوشہ ہنز شکل چأنس بُتھس منز وچھان۔

'ژٕ چھکھا سوے روخسانہ؟ نہ - نہ - ژٕ کتہ چھکھ سو روخسانہ یس ناوِ نمس پتھ بہتھ شام وقتن ڈل چہ زونہِ تہِ اُس شرمندہ کران۔

روخسانس اوس پنن پان راوان تہ اُس گہے دوے دوہس تہ گہے رأتی راتس ڈلہ بٹھِس تہ گہے زبرون بالہ دامنۍ پان ژھاران۔ گہے کھلہِ وُتھرن پنن پے پرٛ ژھان تہ گہے یارِ گُلبن پنن نیب منگان۔ پمپوشس اُس دۄن اتھن ہندس گنبدس منز رٹان تہ پرٛ ژھان:

'ژٕ چھُ کھا مے پرٛ زناوان؟ بہ ہا بہ - بہ چھس نا روخسانہ؟ '

گہے اُس دۄن اتھن ہندس کرٛنجلس منز آبہ تھوٚنب رٹان تہ تس پرٛ ژھان زِ سہ چھا تس پرٛ زناوان۔ نشاط تہ شالہ مارکین پھئوارن اُس تھلہ تھلہ وُچھان تہ پرٛاران زتم کرن تس ناو دتھ آلو تہ سو لبہ پنن پان مگر کنہ تہ جایہ اوس نہ پنن پان بدس یوان۔ لۄکن اوس شک زِ روخسانہ گے پاگل مگر تس اُس آش زِ اکہ نتہ اکہ دوہ پرٛ زناوِ تس زبرونک بال، ڈلک پمپوش،

حضرت بلک پریگ، یونیورسٹی ہندسرِ کل، پننہ محلچ بونی تہ تس ییہ پنن پان اتھِ۔

روخسانس گیہ تمہ ساعتہ پننس وجودس ستی تہ نفرت ییلہ تس پننہ ماجہ جچہ پٹھ ینہٕ پتہٕ پرزناونہٕ نش انکار کوٚر۔ تس اُس نہ روخسانس ستی سپدیمتہ وأرداتچ پتاہ تہ نہ اوس تس ونہ آمت زروخسانس آیہ پلاسٹک سرجری کرنہٕ۔ امہ کھوتہٕ کیاہ قیامت آسہ زیمہ ماجہ خبر کیٚژ پھرروخسانن بُتھ اوٗش وانہ چھوٚلمت اوس سوے موج اُس ازتس پرزناونہٕ نش نکار کران تہ وبداکھ دی دی اُس پننس خانہ دارس پرٛژھان زتسنز سو ماٚرۍ منز کور کوٚت ژھٔنی تمہ۔ یہ حال وُچھتھ اُس روخسانہ دم پھٹ گژھان تہ پننس کٹھس منز دروازس تور دِتھ اُس اُنس وچھان تہ پننس پرٛ اُنس تہ نٔوس بُتھس مقابلہ کرنچ کوٗشش کران۔ تس اوس نہ وونی تمہ ماٚرۍ منڈِ بُتھک تیوت پھیران یوٗت تس پننہ ماجہ ہُنٛد نہ پرٛزناون تلواس تلان اوس۔ ساٚری اُسی روخسانہ ماجہ سمجھاوان زیہ چھ سوے کوٗریس تمہ دوہٕ تہ دانہٕ رچھمٕژ چھِ۔ مگر سو اُس تسندس بُتھس کن وُچھتھ زنتہ باور گژھان تہ زورٕ زورٕ اُس کربکہ دوان۔

’ نہ۔نہ۔ یہ چھنہ میأنی روخسانہ۔ بہ کیاہ پاگل چھسا زپننٕ کوٗر پرٛزناون نہ۔ مے دیہون پننٕ خانہ موج کوٗراٗنتھ تہٕ یہ رانٹس کری ہون یتہِ دفع۔‘

روخسانس اُوس یہ بوزتھ دم گژھان تہ کہیالٹہ کوٗرن زہر کھٚنک یرادٕ مگر ہمت گیس نہٕ تہٕ سوٗنچان اُسی زِاکہ نتہ اکہ دوہ پرزناوِتس پننٕ موج تہٕ رٹبس نالہِ متہٕ۔ بس یوٚہے خیال اوس تس پان مارنہٕ نش پتھ رٹان۔

روخسانہ اُس پننہ ماجہ پنن پوٚت کال یاد پاوان تہ تتھ منز اُسس پنن پان یاد پاوناونچ کوشش تہِ کران۔ گہے اُسس دسگیر صأبنہ آستانچ ڈش یاد پاوان تہ گہے مخدوم

صأبنہ ہیٖر ہندس پٹھؠ مس پأیس پٹھ بہتھ شہرک نظارہ اُچھن بروٗنہہ کُن انان۔ تسنٛز ماجہ اوس یہ سورے یاد پیوان مگر افسوس روخسانس اُس نہ پڑ زناوان۔ روخسانس اوس ہیہہ ہوٚ گرٛھان تہ سونٛچان اُس زِ پڑی ماچھنہ سو روخسانہ۔

ازتہ اُس روخسانہ ہتہ واد کوشش کرنہ پتہ پننہ ماجہ یہ باور کرنس منٛز ناکام گمٛژ ز سوے چھ تسنٛز کورتہ چیز ییتھ اُس ودان ودان پننس کمرس منٛز شیشس بروٗنہہ کنہ بیٹھہ مژ۔ اتھ ہستی پیوتس سہُ بدقسمت دوہ یاد ییلہ سو یونیورسٹی گرٛھنہ باپتھ بس سٹاپس پٹھ گاڑِ اُس پڑاران تہ تمہ تیز ژلہٕ ونہ گاڑِ منٛز لأے کمی تامتھ تیزاب بوتلی تہ تس وژھ بُتھس کھر بس۔ یہ یاد پیتھ گیے تمس بدلیے حالت۔ زنتہٕ ڈٲلس ہوش۔ گہے زورٕ زورٕ بارو دوان تہ گہے اسن کھنگالہ تراوان۔ کمرک ڈرٛسنگ ٹیبل ٹُلن دوٚیواتھوتہٕ کوٚڈنس ٹاس۔ المارٕ منٛز کی سأری چیز ژھٕنِن دوسرأ وِتھ تہٕ اتھی منٛز آوامہِ منٛز سہُ پڑون البم تہِ پتھر لاینہٕ ییتھ منٛز تسندی لوکچار پیٹھکی فوٹو أسی۔ روخسانن وچھ پننہ ماجہٕ ستی پنن فوٹو۔ البمس دژن تھپھ تہ دوان دوان وأژ ماجہٕ نش تہ تروونس البم بروٗنہہ کُن۔ زونن فوٹو وچھتھ پڑ زناوبم موج۔

''وچھِ موجی یہ چھ نے چون تہ میون فوٹو۔ یہ چھ ناژے تہ مے یکہ وٹہ تُلمت ییلہِ ہاے أسی سأری بادم وارِ أسی گمتی۔ تلیے وچھ وارٕ، وچھِ''

تس رود نہ خیال زسہُ اوس تسند پرون فوٹو تہ وونی اوس نہ سہُ تس ستی رلان۔ ماجہ دژس فوٹوس تھپھ تہ مونہ گرتھ روٚژن سینس ستی۔

ُہتے رانٹسی۔۔۔ یہ میانہ روخسانہ لالن فوٹو کتی کوٚڈتھ۔ ژے کمی دوپیے اتھ ستی اتھ لاگُن۔

تہٕ اتھی ستی لٲگن روخسانوٚ گرٕ گرٕ بارو دِنیٚ ۔روخسانن ژھٹ باکھ تہ پھیرنس چاکھ دتھ کڈن نمبر دو تہ بیٹھ ناوِنمس پتہٕ ۔زوٚن اُس تابانہ۔ روخسانن وُچھ آبس منٛز پنٕن بُتھ تہ پرژھنس:

''ژٕ چھکھا روخسانہ؟ نہ ۔ نہ ۔ ژٕ کتہ چھکھ سو روخسانہ۔ تیٚلہِ پرزناو ہی ناپنٕنی موج''

اتھی ستی آو روخسانس آبس منٛز زنتہ پنٕن پرٛوٚن بُتھ بوزنہ۔سو گیے سبٹھا خوش تہ ہیوٚتُن سہٕ بتھ اتھس منٛز رٹہٕ نچ کوشش کرٕنی تاکہ سہٕ ہاو ماجہ تہ بیلہ سو پرزناوِ بس تس ییہ پنٕن پان بدس۔ آبس لٔجی گرایے تہ بتھ گو غاٗب۔ روخسانن لٲے پتے دوٚڑھ تہٕ ہیوٚتُن پنٕن بُتھ ژھارُن ۔یُس نہٕ تس ازتام تہِ اتھ آو۔



# پیوٚنڈ

تس اوس نہ پھبرن لٲگتھ پکن تگان۔ عادت ما اوسس۔ جبارن تہ کوٚرس نہ زور۔ کرہس تہ کیازِ۔ تمی اُس ناسوأتھی رختس منٛزے پھبر نہ رُستھے، جین لٲگتھ تہ مستس ٹکھ دتھے پسند کرٕ مژ۔ مگر ٲلی کاکس اوس نہٕ یہ برداش گژھان۔

''اٰخر ہمسائے کیاہ ونن۔ سانہ گامہ چھَنہ ونیک تام کانٛہہ تہ نوٚش کور پھبر نہ رُس نبر درامژ۔ اِدٕ گرمہ کرائے تہٕ اُسی تن تو تہ چھَنہ کانٛہہ ژٕنی پھبر نہ رُس نیرن۔ مے وۄنمے أمس گودپُن پھبرن لاگ۔ نتہ ہرگاہ ننگے پکُن چھس تیٚلہِ گو بدل کنہ جایہ ڈیرٕ کرُن تہٕ پتہٕ یہ خوٚش گژھس تہِ لاگِتَن۔ اٰخر ہمسائے گری منٛز چھُنا لسن بسن''۔

ٲلی کاکن وۄن جبارس ژکھِ ہوٚت تہٕ بتھ چوٚنکھرٕ اُوتھ پتہٕ لوگن تموک چیٚون۔ جبار گو پرٕیشان۔ فکرے اۄسس نہ تران زمول کتھ کنٛی سمجھاون۔ سُہ ونہِ ہے مإٔلس زِ تس چھ سوامی زختہٕ کنٛی ٹارِ کھرٕژہ مژ، مگر ہمت گیٚس نہٕ۔ تس پیٚوٚ ویا دیلہ گوڈ نچہ لٹہِ تمی سو پہلگام پٹھ اُڈو تام

گرُس کھائڑ تمے ساعتہ نیوتمہِ جبارس دل۔ سوأس زنتہ جنتچ ہوٗرتہٕ ییلہ سوآڈۂ ولدرِ بٹھس پٹھ آبس گنڈان أس زنتہ أس دۄ دسل روٗسۍ کٹ ترلیش چھنہ وژھمژ۔ ژکہ اوس نہ جبارس تہٕ تسنٛد پھبرن لاگن پسند۔ دِلچ کتھ ژورِتھاوتھ وۄنن مألس۔

''کاکاژ ہاپچھکھ ٹلی پریشان گژھان۔ ہمساین کیاہ چھ سأنس گرس ہتۍ۔ اِد اسہ یہ خوش گژھہ تہِ کرو۔ أسۍ چھاکأنسہ ہنز پہرِ بہتھ۔ سانہ لیچہِ متہِ ترأوۍ تن وَے''

''نہ۔۔۔ نہ۔۔۔ میأنس گرس منز چلہ نہٕ یہِ۔ مے چھ یتھ گامس منز پننہ أیہ سیوٚ دساد زندگی گزأرمژ۔ زانٛہہ چھم نہ نوشہ کورِہنٛدۍ ڈٔسۍ ؤکرنہاونہٕ آمژ۔ اِدتوٚہۍ کڈِوے أٹۍ أٹۍ۔ نہ۔۔۔ نہ۔۔۔ اگر أمس یتہِ روزُن چھُ تیلہ گوچھبرن لاگُن نتہٕ گے برٛاونی۔''

ٹلی کاکن کوٚرژھوٚٹس منز پنُن فأصلہ صأدر۔ جبار گو یہ بوزتھ ہے بنگہ۔ ماجہ کُن اوس ٹلی ٹأرۍ وچھان شاید أسس آش زہمیشکی پأٹھی رٹیم موج کتھ تہٕ وُڈبم پکھ۔ مگرتمہ تہِ وۄن نہ خانہ دارسندس حکمس کانہہ جواب، شایدأس سوتہِ تی یژھان یہٕ تسند خاندار یژھان اوس۔

''مگرأمس ناچھُنہ پھبرن لأگتھ پکن تگان۔ أمس کتہ چھُ پھبرن لاگنک عادت۔ أمس چھِ پھبرن لأگتھ وۄٹہ کھوٚرۍ لگان تہ ہوٕریور چھ یوان لاینہٕ۔ أخرأمسے خبر کتین نل نکھ پھُٹن۔''

جبارن وۄن مألس سمجھاوان۔ مگر ٹلی کاک کتہ اوس مانن وول۔ تس کھوٚت زیادے جکھ:

'تیلہِ گوٚژھہ ناتمی دوہ سوٚنچُن یمہ دوہ میم صأب گرِأنتھ۔ ونیاوے ناسفید پلوس ناشبہ کرِہنۍ دٔج۔ ییلہ أمس میم صأبہِ موختہ بنن توٚگ، پھبرن کیاز تگبس نہ لاگن۔''؟

ییلہ جبارس باسیوز بلی کاک نامانہٕ نہٕ کیھنہٕ تمی دیت یل تہٕ نیران نیراں وۄنن ''ادسہ یہ خوش گڑھو تہٕ کرو''۔

ٲلی کاکن لاگناؤ موخۃٕ خاندارنہٕ ہنٛد پھبرن۔ دوے دوہس اُس موختہ ہوٕر یورلاینہ یوان۔ دوٕ یہ ترٛ یہ لٹہ آیہ پتھرتہٕ لاینہٕ۔ مگر ٲلی کاکن دُتُس نہ ہرگزتہٕ پھبرن نبر کڈنہٕ۔ شامس ییلہٕ جبار کامہٕ پیٹھ واپس آو موختہ آیس چایہ پیالہ ہتھ۔ اِدتس اوس نہٕ ونہٕ تہٕ پکُن تگان۔ یام سو جبارس نکھہٕ وأ ژلتس لۆگ وۄٹہ کھۆرتہ یاشاہ گُرتھ آیہ جبارس پیٹھ لاینہٕ۔ جبارس دۆ د چایہ پیالہٕ ستی بُتھ۔ تس کھژسخ شرارت۔ سُہ گوتھۆ دوتھتھ تہٕ پھبرنس دتنس نالہ پیٹھ دامنس تام ترتہ نوٕنس یو ہے گاوُن ہوٕ بنأوتھ۔

نہ روزسو میم صأب تہٕ نہ موختہٕ۔



# مریم

تمس أسی شُری عیشا عیشا ونتھ ریژھِ تلان، تۂ سہٕ اوس دِل ملول گژھتھ اند کُن بہتھ ژالہ اؤش ہاران۔ پتہٕ اوس کوچہ منٛز کس نلکس تل بُتھ چھلتھ گرٲژان۔ تمس أس پتہٕ زہرِ گاہ سہٕ أتھی حالتس منٛز گرٕژاوموج گژھِ پریشان تۂ پتہٕ دیہ رٲتی راتس لرِ پھرٕنی۔

یہ اوس کہیا پھرِ سپدمت۔ییلہِ سہٕ گوڈٕ گوڈٕ سکول گوتہ کمی تام وۄن زیہ چھُ مالہِ رُستے ماجہ زامت، شُری گے حأران زأ أخر کاثہہ کتھٕ ہیکہ مالہ رُستے ماجہ زٕتھ۔تموما اوس کُن فیکُن بوزمت۔دَپ سہ ژکہِ نادان تہ بیہہ۔ پتہ ییلہِ ماسٹر جین اردو پرناوان پرناوان حضرت عیسیٰ سنٛد واقعہ شُرٕبن وۄن تمولوگ تس عیشا عیشا ونن۔سہٕ اوس یہ بوزتھ وُدن ہوان تہ گرٕ ژلتھ یوان۔ییلہِ گوٚڈنچہ پھِرودان ودان ژٕلتھ آو ماجہ پرٛژھنس:

'ہے ہے میون گوٚبُل۔۔میون جگُل، چے کمی لوینے۔بہٕ کلس کھش۔۔میون ٹوٚٹھ۔۔ میون یال۔۔'

''شُلی چھم عیشا عیشا ونان تہ لیٚژھِ تلان''

مریمس گو یہ بوزتھ دم ۔ کوچھ مٔزرٹھ کرِ نس میٹھی تہٕ اؤشس ژُجس دار، یوٚت تام ہکی
لکس ۔ پتہ اُس رأتی راتس لرِ پھرٕنی دوان تہ اُچھ پٹھ گیس نہ اُچھ تہ ۔ سو ما اُس موج مریم
تہ کلہ تھود تلتھ ون ہالکن زبہٕ چھس نہ بدکار تہ نیچوتہ ما اوس عیسیٰ زتس کن اشارٕ ہأوتھ ونہِ ہالکن
زأمی سے پرٔ ژھو ۔ سو اُس اکھ موج ۔ ۔ صرف اکھ موج ۔ وُ دِتھ اُس پنن بوس لوٗ ژراوان تہ
کأنسہ نش تہ اُس نہ پنن حال اظہار کران ۔

اسحاق اوس ونی ہنا بوز وکھ گومت تہ ماجہ اوس نہ شُرین ہندس ریٚژھ تلنس متعلق
ونان ۔ مگر اُندری اوسس یوہے ہیہہ ہیو گومت ۔ مٔزری اوس سونچان زبڈس کدلس پٹھ کھستھ
دِمہٕ ڈری یا وس وٕ وٹھ تہٕ اکے لٹہ موکلاوِ سورے قصہ، مگر اُتی اوسس ماجہ ہند خیال یوان یوس
ژھاین تہٕ گراین وچھان اُسس تہٕ پان مارنک خیال اوس ترک کران ۔ مٔزری اوسس جیرٕ
یوان تہ سونچان اوس زگرٕ لأرتھ ژھنہٕ ماجہ نالس تھپھ تہ پرٔ ژھس زمے کُس چھُ مول ۔ مگر تہِ
کرنچ تہِ اُسس نہ ہمت گژھان ۔ ونی اوس سہٕ شُرین ستی ژوان ژوان تہ تنگ آمت تہ
یوہے خیال اوسس کٔران زٕ اُخرمے مول چھُ تہ کُس ۔ اُتی اوس سونچان تیلہ ما چھُس بہ
پزے عیسیٰ ۔ ۔ ۔ !

'نہ ۔ ۔ نہ ۔ ۔ بہٕ کتہِ ہکہٕ عیسیٰ اُستھ ۔ اِدٕ چھم موج مریم مگر بہٕ چھس نہٕ عیسیٰ ۔ مگر
تیلہ کُس چھس ؟

اسحاق اوس جگرس مٔزیوٚ ہے للوٗن نار ہبتھ تہ پنن پان بدِ کڈنچ دگ اُسس تلواس تلان ۔
از اُس مریم بسترس لأرِتھ گمٕژ ۔ سخ بیمار اُس باسان اوس ووٕنی ووتھِ نہٕ سو ۔

اسحاق اوسس کھورن تھپھ کرِتھ تھلہِ تھلہِ وچھان تہ ڈونٹھ ہوئ اۄش پھیری اُسس بتھس
پیٹھ ڈُلہ گژھان۔ مریمن ترٛاۆ ونیچوئ سندس بتھس کُن نظر تہ تمۍ سنٛز مایوس نظرِ باسییس زنتہ
سوالن ہندی نیزٕ لایان۔ حالانکہ اسحاقس اوس نہٕ ونکین کانٛہہ تہِ سوال ذہنس منٛز۔ تس اُسی سخ
ابتر حالات تہٕ پننس پزٕ زنٛس متعلق سونچنک اوس نہٕ سوالے۔ سہٕ اوس صرف ماجہ متعلق
سونچان۔ تمۍ سنٛز سختی اُسس یاد پیوان تہٕ وٕنچہِ آسس کھنجہ گژھان۔ مگر مریمس باسیوو زنتہِ
سہٕ تس پزٕ ژھن اوس یژھان زامانت دنہ بروٗنٛہہ ونتہِ مےٚ زبہٕ کُس چھُس۔ تمہٕ ہووتس کلہٕ ستی
پانس نزدیک ینہ باپتھ۔ اسحاق گوتس نکھ تہٕ، مریمن وۆنس:

''تمہ دوہ رأ ومےٚ جنگلس منٛز وتھ۔ ییلہ بہٕ دون بالن درمیان تتھ کھوتس منٛز
وأژس، مےٚ وچھ سہٕ اکس جایہ بےٚ ہوش گژھتھ پیومت۔ تس اوس سورے بدن زٔلنہٕ
آمت۔ شاید اوس بالہٕ پیٹھ ڈُلہٕ گومت۔ بہٕ گیس تس نکھ تہ کوٚرمس آلو مگر تمۍ کٔر نہ کانٛہہ تہ
سوسرا ے۔ مےٚ گوشک زیہ چھُ مودمت۔ بہٕ گابرییس۔ مےٚ نیو پنٛن بُتھ تس نستہ نزدیک تہٕ
کوٚرُم محسوس زِ تس اوس لوتہ لوتہ وُنہِ شہہ کھسان۔ مےٚ دِتی تس لرِ پھرٕنی تہٕ کوٚرمس واریاہ
پھرِ آلو مگر تس آو نہ ہوش۔ سہٕ اوس سخ ہندریومُت۔ مےٚ وول کلہٕ پیٹھ پنٛن شال تہ وۆلمس
چھوکہٕ لد بدنس۔ مےٚ دژ کرٛکہ زکانٛہہ گوژھ مےٚ مدد کرن تاکہ بہٕ ہکہٕ ہن سہٕ بچأوتھ مگر
کانٛہہ آو نہ۔ تتہٕ اوسے نہٕ أندی پکھی کانٛہہ سہٕ کُس بوزِ ہے میون آلو تہ مےٚ کرِ ہے مدد۔ مےٚ
گو نہٕ سہٕ اتی ترٛاون برداشت تہٕ لاگِمس کھورن پھش دِنی۔ یۄت کال گو واراہ ژیر تہ دوہ
تہ ہیوتُن لوٗسن۔ مے گو سخ گبراتھ مگر مےٚ اوس زنتہ کُنہ تام چیز مجبور کران تہ بہٕ اُسس تس
حبسن منٛز انچ کوٚشش کران۔ ییلہ دوہ لوٗس تہ جنگلہ کیو کُلیو منٛز ہیوتُن انہِ گوٚٹ پھٹُن مےٚ

بڑ وٚنہہ کنہٕ گوٚ وا کھ جنٛدٕ موٚ تا کھڑا۔ بہٕ وٕ ژھس کھوٚ ژی کھوٚ ژی تھوٚ دتہٕ وٕنمس :

''یہ نفر چھُ بالہ پٮ۪ٹھ ڈُلہٕ گژھتھ زخمی گوٚمت۔ اَمس چھُ شہہ کھسن مگر حبس چھُس نہ یوان۔ ژٕ کرتہ مےٚ اَمس بچاونس منز مدد۔''

سہٕ جنٛدٕ موٚت آوتس نزدیک تہٕ کرنس نبضس تھپھ۔ رژھ کھنٛڈ ژھوپہٕ کرنہٕ پتہ وٕ تھ سہٕ تھوٚد، جنٛدٕ منز کوڈُن اکھ ژوٚنٹھ تہٕ مےٚ گُن پلناوِتھ وٕنُن :

'اَمس تر اویمہ ژوٚنٹک رَس چیر تھ اَسس منز تہ پتہ کرُس وُشنیر، یہ گژھ ٹھیک۔'

یہ وٕنتھ دراو سہٕ جنٛدٕ موٚت پننہٕ وتہٕ۔ مےٚ کوٚڈ تتھ ژوٚنٹس رَس تہٕ سہٕ تر وومس اَسس منز تہٕ وٕنی اوس تس وشنیر کرُن۔ سہٕ اوس پزٕے سخ ہنٛد ریومت مگر تتھ جنگلس منز کتہِ انھابہٕ نارٕ جوش تہٕ تس کرہاوشنیر۔ مےٚ کرٕ ژھرتہٕ ژھرٹھ مگر مےٚ گوٚ نہٕ کنہِ تہِ انٛد نار یا کانٛہہ کوٚٹھ نظریتھ منز گاش دزان آسہ ہے۔ تس بچاونہ خاطرٕ اوس تس وشنیر کرُن ضروری۔ واریاہ سونچنہٕ پتہ کڈٕ مےٚ پانس پلو تہٕ تس تہٕ کڈٕم، پتہ رٕٹُم سہٕ پانس ستی نالہٕ متہٕ تہٕ پٮ۪ٹھ تر ووم پنٕن شال۔

صبحس ییلہِ بہٕ ہُشار گیس سہٕ اوس دور پہن یارِ کلس ستی ڈٕوکھ دِتھ کلہٕ کھوڑ ژھنتھ۔ سہٕ اوس سخ گابریومت۔ مےٚ وٕنی تس کلہٕ بوٚن گُن ژھنتھ سأرے دلیل۔ بہٕ اَسس نہٕ تس ستی اَچھ ہبکان رٕلاوِتھ تہٕ سہٕ تہِ اوس نہٕ مےٚ گُن سیدِ سیوٚد وچھتھ ہبکان۔ تمی وٕنٕ ن :

'بہٕ کرنہٕ بجایہ پزٕ ہی ژٕ ے مےٚ مرنہٕ دِین۔'

'مگر بہٕ کتھٕ دمہٕ ہے ژٕ ے مرنہٕ۔ ۔ بہٕ چھُس نااکھ زنان، میأنی کأم چھ زندگی دِنٕ۔ پٮ۪ٹھٕ وٕ ن تمی جنٛدٕ متی یہ علاج۔ خبر سہٕ کُس اوس؟

'چون تہٕ میون دشمن تہٕ زندگی ہند یار'

تمۍ وۄن بتہٕ چونکھرٲوِتھ۔ مےٚ تۄرنہٕ تسند وننک مطلب فکر۔ تمۍ کرمے اتھس تھپھ تہٕ تمہ ناڈٕ منز کھاٲلتھ واتناوٕنس پنٕنس ڈیرس تام تہٕ پانہٕ دراو پۄت کھورِ واپس۔ مےٚ پزٕ ژھمس زٕژٕ کۄت گرٕشکھ وۄنی تہٕ تمۍ وۄن؛

'توبہٕ کرنہ'

''بس تمہ پتہٕ نوٕرتی پیوکھ ژٕ تھنہٕ''

مریمن ترووزیٚوٹھ ووش زنتہِ کلہٕ پیٹھ بۄڈ بار پتھر ترووٚن۔ زنگن کۄڈُن واش تہٕ أچھ کرن بند۔ اسحاقن دِژ وون وون زور کرِتھ:

''یہٕ چھُس نہ عیسیٰ مگر موج چھم مریم''





# ثواب

دُپہرک وق اوس تہ وئڈٕ کالہٕ باوجۆ داوس نبری کنۍ اصل تاپھ مگر بہٕ اوسس کنوبون جگر دتھ تہ گلوبنٛد وٕلتھ اندرٕ کنۍ بہتھ ۔ سارتر سنٛز ''بینگ اینڈ نہ تھنگ نبس'' کھونہ منٛز رٹتھ أتھی تلاشس منٛز زِأ خرامہ کیہنٛہ نہٕ منٛز کیاہ دراو؟ أتھی ٮ۪تی ترٛؤ وخانہ دارنہٕ درواز تہ نس تالہٕ لدتھ وۄنُن ۔

''ژے نیری یموے کتابو منٛز ۔لُکھ وأتی خبر کۆت تہ ژے چھے نہ خبرے اختاب کھۆ تاہ کنہ نہٕ ۔بتہٕ موقہ تہِ گو۔ ووتھ کھبہٕ ووٚنی بے تبیہٕ کرکھنہ ژٕ کہنۍ ۔''

مےٚ دِژ کتابہ ورقس کنٛجس تل پھُٹ ، تہٕ طاقچس پٹھ تھأوتھ ژاس دانہٕ کُٹھس منٛز بتہ کھبنہ ۔ بانن دب تارٕ دتھ تھووخانہٕ دارنہ بتہٕ موٚنڈا بوٚنٹھ کُن تہٕ مے لوگ کلہ بون کُن ژھنتھ کھبون ۔یۆ دوے تمہِ پانس تہِ بتہ شۆ رمگر بتہٕ کھبنہ کھوتہٕ جاڈٕ أس سوکتھے کران ۔ کتھٕ کیاہ دپ ساشوٚٹھس أس گرٛٹنہِ کڈن تہٕ پرنہِ چھانن ۔خأرے وۄنمس نہ کہنۍ ۔ زونم زاگر

بہ کیھہٕ ونہٕ یہٕ گیہٕ بمبرٕ گنس ئنز لاینز۔

بتہٕ کھبتھ دراس بہٕ نبر، گاسہٕ لوٕ وٕکنس ئتی وہرأوتھ بیوٹھس تاپس۔ ''کیھہٕ نہٕ'' اوس ونتہ مے

دماغس منز نژان تہٕ بعضے اوسم باسان زمے رودنہٕ وونی کلہٕ کھوٕ پرس منز کیھہٕ۔

اتھی ئتی پژٕ بأنگی پیشنج بانگ تہٕ بہ اوسس مشید ہنٛدس پرٛہنکس توٚت تام مُدأے

گنڈتھ یوٚت تام تمیٚ أخرس پٹھ کرٛکھ دژ لاالہ الا اللہ۔ مے آو بیہٕ اکہ لٹہِ دِمباغس منز کیھہٕ

نہٕ ووتلتھ تہٕ ہوٚتنس خبر کوٚت واتن۔

''ووتھ تھوٚد توتہِ دِووٕنی نماز سجدے۔ یمہ کتابہ وسنے نہ ئتی۔ تتہ چھے گُنز سے

پانس جواب دُبن۔ أخرونکھ کیاہ خدایس۔ آنگنس منز مشید اُستھ تہ چھکھ نہٕ ژٕ نماز پران۔

أخر گرٕکس خانہ دارس چھا یی شوٚبان''

خانہ دارنہِ نیوو أکسی شھس پٹھ زیوٹھ وعظ پرٛھتھ۔ بہٕ کیاہ ونہس۔ سونچم زِ

یتھس معاملس منز سوال کرن یا انکار کرُن گو کفر۔ ووٚن گو کفرس کُس چھُ کھوژان دِپھ سا

حکمہِ کفر گژھہ نہٕ لگن۔ أڈی أٹے کڈن۔ تام آوا کھ پانژألی کاوتہ بیوٹھ تتھی مشیدِ ہنٛدس پرٛہنکس

پٹھ یُس تتہ پارے اوس دوان۔ کاون لاجہٕ زورٕ زورٕ کرٛکہٕ دنہٕ، تہ اوس مشید آنگنس کنٛ

وچھان زنتہ اوس وُنہِ راوان زُکس کُس ژاو مشیدِ۔ بہ سینوس رژھ کھنڈ کاوٕسژن کرٛکن تہ

مے باسیو ویہ چھونان آو ۔۔آو۔۔آو۔

مگر کأشُرٕ کاوکیاز دِیہٕ اردو پأٹھی کرٛکہٕ! مے آو خیال زِ شاید چھُ یہ بٹھوتھِ بالہٕ پٹھ

آمت تہٕ توٚے چھس کأشرِ کھوتہٕ جادہ پھن اردوہس کُن تژاے۔ خأرمے کیاہ چھُ اتھ

سنن۔ آلو تہ چھ کران اِدٕ کأشری پأٹھی کری تن یا اردو پأٹھی۔ بہٕ وٚتھس بانبرٕ بانبرٕ کوٚرم وضو تہ

دراس مشید کُن ۔ یام بہ مشیدِ آنگنس منز ووتُس مے وُچھا کھ کاوٕ بچہ وُ پھ تلنچہ کوشِشہ منز پانس لرِ پھرنی دوان تہ أمس لرِ ژھ منز لیوتھ گومت۔ مے گو أندرِ کینٛہہ تھام تہ دۄ پم یہ کاو بچہ تھاون مشیدِ ہنزِ دوسہ پٔٹھ خبر ہۄن ماکھسیس۔ یُتھے مے کاوٕ بچہ ژلن ہیوٚت کاون دِژ کُنی ژھٹھ۔ اکھ نین ٹۄپ تہ بیہ وأنی کلس تہ زِل۔ مے تُج اکہِ اتھہِ لورِ ہنا کاوس نش پان بچاونہ خأطرِ تہ بیہ اتھہِ تُلم کاوٕ بچہ تہ تھووم دوسہ پٔٹھ۔ یہ کأم کرتھ ہیوٚت مے مشیدِ اژُن مگر اکھ جان زانن وول نمأزی یمِس پانس تہ ژیراوس گومت تہِ اوس یہ ڈیٛکِ زِ تہِ جماعت رٹنہٕ باپتھ دوران، وۄتھ مے کُن:

"ہے ژے چھے رتھ پریڈان۔ ژے پھٹے وضو۔ نوٚ ووضوٕ یہ بنأوتھ اِد اژ مشیدِ"۔

مے نیو کلس کُن اتھہٕ تہ کوٚرم محسوس کہ ڈیکس چھُ پزی رتہِ پھیوٚ رہیو آمت۔ بہ دراس بانبر ہۄت تہ آس دُبارٕ وضو بنأوتھ۔ یام بہ مشیدِ دروازس ژاس تام پھِر مولوی صأبن سلام۔ خأر مے لأج ییتھے پہن نماز تہ پٔرم کُنی زٕنی۔ نماز پٔرتھ دراس تہ مےٚ وچھ مولوی صأب مشید آنگنس منز پراران۔

"وقتچ نماز چھے تخس رنٛدو
وقتچ نماز چھے بندگی
بے وقت نماز چھے فریب تہ پھنٛدو
بے وقت نماز چھے شرمندگی"

"نماز گژھ باجماعت پرٕنی، یہ کُنہ زٕنی نماز پرٕنی چھنہٕ کنی لگان۔ باجمات نماز پرنس چھ ستتھ ثواب تہ کُنے زۄن نمازِ پرنس چھُ اکوے ثواب۔ کأژاہ تہِ مجبوری أسی تن نماز

گژھ باجمات پرٕنۍ"

مولوی صائبن تہٕ نیوٲ کہٕ ہے شہس پیٹھ وعظ پھِش پرٛتھ تہٕ بہٕ اوسس گردن نوٗمرتھ بوزان۔ اَخر حکمہ گُفرس اوسس ناکھوژان۔ بہٕ گوس دِل ملول۔ گرٕ وٲتتھ بیوٹھس بیپہٕ گاسہ لاٗوس پیٹھ ڈبکہٕ تاپس۔ سوٗنچان اوسس افسوس اَمی کاوِ بچن اَری کنستتھ ثواب اتھ تل۔

تھدِ گے کربکھ محمد یوسف ولد علی محمد۔ بہٕ آس پھٹمتتوٕ کوٗٹھو بروٗنہہ کُن۔ رُمس رُمس اوٗسم عارق پھٹان۔ زبوٗ گولو بڈٕ تہٕ ہوٚٹ گوخشک، مے وُچھ بُتھ چونکھڈٲوتھ نفراتر کرہتھ تہٕ اَمس لرِ چمکدار کرسی پیٹھ بہتھ بیا کھ نفر اچھٕ سفید پلولاٗ گتھ اتھس کیتھ روٗ پہ سنز مشق تہٕ سونہ سنٛد قلم۔ بہٕ ٹلس دوٕ یودار وغوتہٕ یکدم ڈٕ ہس ترکرِ پوترس منٛز داٗ رِتھ۔ ترکرِ پوتر گوسیوٚ دے.بوٗن وٗستھ مگر رٕ ژھی کھنڈٕی کھوٚت واپس تہٕ گومے ہتھ الوٗنڈ۔ کرسی پیٹھ بہتھ صاحبن پرٛژھ ڈنڈی درس شرا تہٕ ہوٚت:

'کوتاہ چھس کم ؟

'کنستتھ کاوِ بچہٕ" ڈنڈی درن وُنس درجواب۔

بہٕ اوسس یہ حال وچھتھ پریشان تہٕ کھنٛی تہٕ اوسم نہ فکرتران زٲخر دلیل کیاہ چھِ۔ بہٕ اوسس اتھی دولابس منٛز زِ کرسی پیٹھ بہتھ نفر دیت داروغن حکم۔

"ترٲوی ہون فی الحال سیاہ شُشرِ کس تنٛد ورس منٛز کنستھن وٕ ری ین۔"

داروغو دژ مے دوٕ یوا نٛد وتچھھ تہٕ لوگہس تنٛد ورس کُن پکہٕ ناون، اَتھی منٛز آو بتھِ کاو۔

"ہے جناب مے دِزِ معافی۔ اولاد داٗ دس کیاہ کرو۔ مے دوٕپ شاید چھکھ ژٕ تہٕ تموے نمازو منٛز یموراتھ نماز پرٛھتھ میانٛس اَلس ڈبہٕ ڈاس نیوٗ کرتھ، صرف بچووم سے اکھ بچہٕ یس ژٕ

دوسہِ پچھ تھاوان اوسکھ، مےٗ باسیاو ژتہِ ماچھکھ میٲنس اُمِس کُنس بچس پتہٕ۔مےٗ جناب
دِزمعأفی۔"

یہ اوس سُے کاویٚمِ مشیدِ آنگنس منز ژھٹھ دِتھ مے کلہ اوس زخمی کوٚرمت۔مگر یہ
ہے چھ کأشرِ پأٹھی کتھ کران! بہ گوس ترٛبن تہٕ تزٛ وہن۔
اماتیلہِ کیازاوس یہ مشید پرٛنکس پٹھ اردو پأٹھی کربکہٕ دوان۔۔ آو۔۔آو۔۔!
تام تُلس بہ داروغو تہٕ یاشاہ کرتھ دِتہس سیاہ شُشرکس تندورس منز دأرتھ۔مے کھیہٕ گُنی
ووٚٹھ تہ گوس ہشار۔

بہٕ تھٚکی گاسہٕ لأوِس پٹھ،تہٕ مےٗ عرقہٕ سزٛان گومُت۔بأنگی موکلأ ودِگر بانگ پرٛھتھ تہ پرٛنکس
پٹھ بیوٚٹھ سوے کاو تہ لاجبن بیہ کربکہٕ دنہٕ۔مے دہُت اُمی سزٛن کربکن وارٕ دھیان تہٕ مےٗ
باسیو یہِ ونان۔

ناو۔۔۔ناو۔۔۔ناو۔۔۔



# بےٗ بوج بَل

نبر نبکلس یام اخبارس کُن نظر پیہِ زنتہٕ آوُس اسمان کلس پیٹھ کھنٛجہ کھنٛجہ ؤستھ۔ اُچھن رودس نہ گاش تہٕ یکدم آو بُتھی واٗری وُکڈاونہ۔ نٔر پچھنہ دہت پھبرنس تہٕ تہٕ لوگن مس کھنژن۔ سورے گام گو تہندس آنگنس منز جمع۔

تہُند کنُے نیٖچو فیاض اوس رات صبحے شہر گومت انٹرویو دنہِ۔ نبر نبکلی اوسس وۄنمت:

'ہتو فیاض لالا یمو بے ایمانو ہا چھِ گوڈے آسَن یم نوکری ہِکنہِ مژ۔ اسہ سفید پوشن ہا چھ ٹنگی پنٛنی دوہہ ہِکنس گژھان۔ میون ہے مانکھ بلاے ژھن یمن دفترن وفترن کر غریب پاٹھی کیہنہ کارابارا''

''ٹاٹھیا! یہ کیاہ چھکھ ژ ونان۔ ژے پان گولتھ میانہ پڑایہ پتھ۔ نہ کھیوتھ میوٹھ تہٕ نہٕ لاٗ جتھ زانہہ شوبہ دارزٹ، نم ژم گاٗلتھ پرنوتھس لیکھنوتھس۔ وۄنی ہا چھِ میانٛی واٗری، بہ ہا چھس سونچاں چانٛی طمع ہہن جمع، وۄنی ییٚلہِ نہٕ مےٚ نوکری بنہِ تیلہِ مو چھ یہ ممکن، بیہ ییلہ نہ انسان کوشش کرِ ہتھ کُس ییس''

فیاضن وۄن مألس سمجھاوان سمجھاوان تہ ماجہ دۄپن شیرِ بتہ پھوٗلاہ۔

بتہ شیران شیران وۄنس نۄرِ پچھنہ:

'میانہ گوٚبرا بہ ہا چھس سخ کھوژان۔ ژ کتھ گژھ ہم شہر۔ تلامتہ گژھتہ۔ وولا اسہ ہا کر خدا ے پنہ نے گرِ یأری'

'تلے موجی کر ژھوپہ بٔہ چھکھ کھوژان۔ زن چھنہ کانٛہہ نبرے نیران۔ دِی ژھوپہ کرتھ بتہٕ'

'لگہ یا بلا یہ موج ہا چھس۔ پیٛٹھ چھ شہرس منٛز دپان حالات جادے خراب۔ کالہٕ پگاہ چھ گولہٕ چلان تہ وتہٕ پکہٕ وُنی چھ مران۔ پیٛٹھ چھم واریا ہو دوہو پیٛٹھ دۄ چھنہٕ اُچھ پھوران ۔۔'

''تلے موجی تراو یہٕ اُچھ پھورنی وورنی۔ فائرنگ چھ گژھان، لکھ تہٕ چھ مران، تہٕ چھُ پوٚز مگر پتہ چھنا لکھ نبرے نیران۔ پشر او خدائیس یہ قسمتس آسہ تہٕ واتہٕ'

امہٕ پتہٕ وۄتھ فیاض تہٕ دراو شہر۔

نٛبرس اُسی نہٕ زنتہ دوے دوہس مغزے، نوٗرِ پچھنی تہ اُس نہ پنہ نبن جامن منٛز۔ دۄشوے اُسی کالہٕ ژیر تام وتہٕ وچھان مگر فیاض وۄت نہ گرِ۔ نبرنی بأ ژزِ گیہٕ سخ پریشان تہ اُسی اندرِ نبر کران۔ مشید منٛز تہ اوس نٛبر نکوٚل اوٗری نتہٕ یوٗری۔ مولوی صأبن کوٚرس دلاسہٕ مدارتہ وۄننس زِ ژیر آسبس گومت تہ بیوٗٹھمت آسہ کانٛسہ یارس وارس نش مگر نٛبرس اُس بیقرآری تہ وأنٛج اُسس ژھرٹہ ژھرٹھ کران۔ نوٗرِ پچھنی اُس پُژلونٹ دندن تل رٹتھ براندس پیٛٹھ بہتھ، کاٹھہٕ برس مدأے گنڈتھ۔ خبر کم کم بدخطرات اُسس ووتھان۔ دۄشونی بأ ژن پیکھ نہٕ راتس اُچھ

پٔتھ اُچھ تہٕ راتھ گیکھ رتھٕس سٔمب۔

اُزکس اخبارس منز اۘس فیاضن فوٹو ہیتھ یہ خبر آمژ

''راتھ مولانا آزاد روڈس پٔتھ پیش آمتس فائرنگ ہندس واقعہ ہس منز چھُ اکھ نوجوان فیاض احمد بٹ ولد غلام نبی بٹ ساکنہ بے بوجھ بل مارٕ گومت۔ یسنز لاش شیر گڈھی تھانس منز تھاونہٕ چھ آمژ۔ وأرث درن چھ اطلاع یوان دنہ زِ رسیدس عوض کرن لاش حأصل''۔

نٔبر نبکوٗل ووت گامکی کینہہ مڑی دیاڑِ ہیتھ سرینگر تہٕ پرزنأوُن پننس نیچوٗ سنز لاش۔ مگر تھانہ دار صأبن کوٗر نٔبر نبکلس لاش دنہٕ نش انکار۔

''ہے چاچا مے چھ چانہِ مصیبتک احساس مگر کاغذی کاروأیی چھم لازم۔ یوت تام نہٕ تحصیل دار سند لیکھتھ آسہ زِ ژے چھکھ غلام نبی بٹ یہ زن یمٕس لاشہ ہندس کاڑس مأنی سند ناو لیکھتھ چھ تہٕ یہ ایف۔ آیی۔ آرس منز تہِ لیکھنہٕ چھ آمت توٗت تام ماہکہٕ بہ لاش توٗہہ حوالہ کٔرتھ۔ مے چھا پنٕنی نوکری کھباونی''

نٔبر نبکوٗل اوس اُچھو کنٔ خوٗن ہاران تہٕ تھانہ دار صأبس زارٕ پارٕ کران مگر سہ کتہ اوس مانن وول۔ یوٗ دوے گامہ کیو مڑی دیاد میوتہِ تس ونہاوزیوہے چھ غلام نبی بٹ مگر تمی موٗن نہ تحصیل دار صأبنہ سند بغأر ہرگز تہِ۔ بہر حال نبر نبکوٗل ووت مڑی دیاڑِ ہیتھ تحصیلس پٔتھ تہٕ دُتُن تحصیل دارس درخواست زِ تس گوٗژھ پیچھان پٔتر اجرا کرنہٕ یِیُن۔ تحصیلدار صأبن کوٗر درخواست نأیب صأبس پیٚٹھ مارک تہٕ دُیتنس اتھس کیٚتھ۔ نٔبرن پرٛژھ کلرکس زِ یتھ کیاہ چھُم کرن۔ کلرکن وۄنُس:

''یہ گونٲیب صاٲبس نِش ٲنِین سہ رُلیکھ پٹوٲری صاٲبس پیٹھ۔ پتہٕ کرِ پٹوٲری صاٲب تحقیقات زِ
ژھُکھ ژے۔ پتہٕ گومو قدم صاٲبس تہٕ چوٗکیدر صاٲبس نِش لیکھتھ انن تہٕ اِد دیِیہ تحصیلدار
صاٲب پہچان پترٕ۔''

ٲبرس پھٹ یہِ بوٗزتھ وارے وُسوٲسی تہٕ لوٗگ کلرک صاٲبس زار پار کرنہٕ۔ مٔژی دیاد میوٗتہٕ
کوٚر کلرک صاٲبس زار پار۔ ٲخرو ون کلرک صاٲبن اکے کتھِ ساس روپیہٕ۔ بہر حال یِیہ
کانٛہہ چارٕ نہ آسنہ کنۍ دُیت ٲبرن کلرکس ساس روپیہٕ تہٕ اوڈ گاٛنٹہ کھنڈ گرٛشتھ دِتُس تمۍ کاغذ
ورُق اتھس کیٚتھ۔ کاغذ ورُق ہیتھ ووت ٲبرنکوٚل شیرگڈھی تھانس پیٹھ۔ کمبر اوسس گوڈے
پھٹمت تہٕ ووٚنۍ آسس نہٕ زنگہ تہٕ پکان۔ زنفرٲسس دہ یواند وتھِھ کرتھ تہٕ ووت تھانہ دار
صاٲبس نش۔ یام تھانہ دار صاٲبن کاغذ ورق وُچھتس کھوٚت کنہٕ تجن رتھ تہٕ راتہ موگل ٲچھ
کرتھ ووٚنن ٲبرس کُن:

''ہیوبرُا یتھ پیٹھ چھ چون ناو ٲبر بٹ ولد کھزر بٹ لیکھتھ مگر لاشہ ہنٛدس کارڈس
تہٕ ایف۔ آیی۔ آرس چھ ماٲلی سند ناو غلام نبی بٹ لیکھتھ۔ ژٕ چھکھ مے تاران۔ یہ کتہ چھ
چون نیٚچو۔ ژٕ ما چھکھ کفن ژوٗر۔''

ٲبرنبکلس آو یہٕ ونان ونان غش ''وائے شنیاہ اتھ تعلیمہٕ تہٕ، نیٚچو تہٕ کھیونم تہٕ ناوتہٕ''۔



# پُران پٮ۪ٹھ فتحیس تام

''وقتکہٕ ڈٲرۍ یاوکۍ پاٴٹھۍ دژایہٕ نہٕ وۄتھِ تہٕ زانٛہہ پۄت پھیرتھ نظر مگر ٲلی ہاٴنزن کوٚر تیُتھ اترٕ زِ نہ چھُ وۄتھِ پتھ پکن تگان تہٕ نہ بڑ وٛنہہ''

کیاہ کیاہ وُچھ نہٕ امہِ وۄتھِ بچار۔ ساٛنڈ رہنہ ہنٛدۍ گرٕز تہٕ ویشوِ ہنٛد بوش، لدر ہنٛد چم خم تہٕ رٛنجی آرک چنگھرٕ بُتھ۔ کیاہ کیاہ وُچھ نہٕ امہِ وۄتھِ بچار۔ دپھ اکس دانا تہٕ واٴنٛسٹھ ماجہ ہنٛدۍ پاٴٹھۍ پکہ ناٴون ساٲری پننہ کو چھ منٛز تہٕ گھے کرناٴون ڈلس منٛز اکھ اکس ستۍ نالہٕ متۍ تہٕ گھے کوٚرنکھ وولرس منٛز یکُت۔ مگر ٲلی ہاٴنزن تاون زدن کوٚر تیُتھ اتُرٕ زِ وۄتھِ گوٚیرۍ پیٹھۍ سہلاب۔

وقتک ڈٲرۍ یاو پھیر نہٕ پتھ، مگر اتھ منٛز پکن واجنین ناون کیاہ کرِ ز۔ یم چھ منٛزۍ پتھ کن تہٕ پکان۔ پٮ۪ٹھ ییلہِ ناو آسہ نوزمانچ سونچن واجنۍ، خودکار، کاٴشرِ پاٴٹھۍ کمپیوٹرائزڈ۔ یہ کتہِ چھ سانہِ زمانچ ناویس پکناون واٴلس ہاٴنزسٕنز ن اوٚ نگجن پٮ۪ٹھ نژان اَس تہٕ زانٛہہ تہِ اَس نہٕ بتھۍ پھٔیرِ گژھان۔ تتھ ماٴس پننِس پۄت بجرس پٮ۪ٹھ نظر تہٕ نہ اوسس تمیک کانٛہہ انہارے ویوٚد۔ مگر یہ نوزمانچ ناو سونچن واجنۍ، کمپیوٹرائزڈ، اتھ چھا اکھ بڑٕ پرابلم۔ سو گے یہ زِ اَمس نش چھنہٕ پنن پۄت کال کھٹتھ۔ یتھ گٔنز ازکال کس میموری کارڈس منٛز سورے پۄت کال سیو (save) چھ آسان بلکہ چھ یہٕ ازکال پانہٕ تہِ اَمی پۄت کالک بڑ وٛنہم انٛد۔ تتھے کنۍ چھِ

اتھ وقتکہ ڈٕری یاوچہٕ کمپیوٹرایزڈ ناوِ ہنز ہارڈ ڈسکہِ منز امہٕ ڈٕری یاوکہ پۆت کالکی سأری ناک نقش، بٹھی، کدل، موڈ، کھسہٕ وُنی تہٕ وسہٕ وُنی سأری محفوظ۔ محفوظ آسنہٕ گیاوجان اِڈ کنہ ساعتہ لگہ ہن برونہہ کن پکنہ خأطرٕ تحقیقہ رنگی اکار بکار۔ مگر وقتہٕ کس ڈٕری یاوس منز چھ تمہ ساتہ سہلاب یوان ییلہ یہ ہارڈ ڈسک کأنہہ غلط کمانڈ لگنہ کنہ روایٔنڈ چھ گژھان تہٕ کیٖژن عأبن چھ پرٕدٕ وٕوتھان۔

مشرأمی تین چھوکن چھِ کرأنی وٕوتھان تہٕ دگہ ہندس عالمس منز ژھرٕ ژھرٕ کرنہٕ ستی چھ نوی زخم کلہ کڈان۔ پتہٕ کرکھسہِ نوین زخمن انگ توٚت تام چھ وقتہٕ کس ڈٕری یاوس حدرُس آب وٚتھمت آسان مگر بٹھس پیٚٹھ بسن وول تام چھ تریشہ داد پھیاہ پھیاہ کران آسان۔

ئلی ہأٹزن کوٚر اتُر تہٕ وقتکہٕ ڈٕری یاوچہٕ ہارڈ ڈسکہِ ہندی پأٹھی گے غلط کمانڈ لگنہ کنہ ویتھ ہنز ہارڈ ڈسک روایٔنڈ۔ وٚتھِ ہنز ناوِ تہٕ ماوس پنن پۆت کال گأنی کھاتس ترومت۔ سورے پۆت کال اوس امہِ کس میموری کارڈس منز سیوو۔ ستی سرپیٚٹھ نلہ ناگس تام تہٕ نیلمت پران پیٚٹھ اوراد فتحیہ ہس تام اوس سورے بسوٕ بسوٕ محفوظ۔ یوٚ دوے للہٕ ماجہ ہندواکھ تہٕ اوس تہٕ شیخ سند شرک تہِ دپھ تمن زخمن ہندی آکھ تہٕ أسی یمن کرتام انگ اوس کھوٚتمت تہٕ وُنی أسی مشراونہٕ آمتی۔

یہ ہارڈ ڈسک روایٔنڈ گژھنس تام أس نہ اکثرن پتہٕ زِ یہ ویتھ چھ واریاہن ڈٕری یاون ہند سنگم۔ وُنی ہرگاہ کأنسہ پتاہ تہٕ أس مگر سہُ اوس یہ تہِ زانان زِ کہِ چھ سارنے کولن ڈٕری یاون ہند آگُر گُنے۔ ہارڈ ڈسکہ منز تہٕ أس یہ کتھ محفوظ مگر ئلی ہأٹزن ژھن پانس تاون۔ تمی کرٕ وٚتھ ہنز ہارڈ ڈسک روایٔنڈ مگر صرف سنگم تام۔ بس پتہ کیاہ اوس۔۔ سورے گو

بیۆن بیۆن ۔ رشتن گو وٚٹھ تہ وأنسٹھ یارانہٕ گے دشمنی منٛز تبدیل ۔ پُران گواوٚک طرف تہٕ اوراد گے یِک طرف ۔ ہی گوٚنڈ گو یوکن تہ أرِ نہٕ گوٚنڈ گو ہوکن ۔ آ ۔ ۔ سُے اوس دوہ ییلہِ ہلہٕ ہأنزن اَسن گنڈن وألس گرس چھلہٕ چھانگر کر۔"

تمِی کرژھو پہ زنتہِ سورے کیہنہ ونتھ موکلوٗن مگر مےٚ پیوٚ ونہٕ کیہنہ تہِ پلہٕ ۔ مےٚ کر رژھ کھنڈِ ژھو پہ مےٚ دوٚپ شاید کر یہ ووکھنے ز ووتھ کر پھیر واپس ، کتھ پھیر واپس ، کوٚت تام پھیر واپس تہٕ پتہٕ کیاہ سپُد ۔ بہ اوسس یتھ کتھ سام ہینٛج کوشش کران ز ووتھ ہندین دون بٹھین پیٹھ آباد تمہ بستی ہندی روزن وألی کتھہٕ گے زندٕ اَستھ نابود۔ ییلہِ نہٕ تمِی واریاہس کالس کیہنہ ووٗن مےٚ پرٛژھمس :

"مگر یہ ووتھ کر پھیر واپس ، کتھ پھیر واپس ، کوٚت تام پھیر واپس تہ پتہ کیاہ سپد؟"

تمِی تژٛ اُوحأران گرٛژھتھ مےٚ کن نظر۔ شاید ما آسہ ہے سونچان زِ یہ کیٛتھ تواریخک طالب علما چھ یمس نہٕ ونتہِ کتھ تژٛ فکر۔ نتہ ما آسہے سونچان زیتہِ ما چھ ہلہٕ ہأنزنہِ قبیلک انٹیلیکچول فتنہ باز۔ تمِی تژٛ ووزِ یوٚٹھ ووش تہ ووٗنن:

"تاون تمس ہلہٕ ہأنزس ۔ سہٕ اوس جائی پأٹھی گاسہٕ تُج ہیومگر وأنجہٕ گران ۔ تمی کوٚر یہ سورے مسلہ پأدٕ ۔ توٚت تام اَسی نہٕ ہأنزاتھ ووتھِ جاذٕ ہیوٚ رتام کھسان اِدٕ سورے کیہنہ اوس بالکل ٹھیک ۔ سہٕ اوس ناگران تہٕ تمی کوٚر سنگم تام کھسنک جُرٔت ، تہٕ واپس یتھ دتن بستی منٛز سہٕ ناریس ژھیونک ناوے چھنہٕ ہوان ۔ ییلہِ لکن پتہ لٔج زِ ووتھ منٛز چھ واریاہن ڈٕرِ یاون ہنڈ آب پکان تم گے ہے ہنگہٕ تہٕ لگی أکس اکھ پرٕدی نظرو وچھنہِ ۔ کُس چھ پتہ زِ کمہِ ڈٕرِ یاوٗک آب چھ چیوٚمت تہٕ ووٚنی کیا معلوم چھ زِ کُس کندِ قبیلک چھُ ۔ وارِ وارِ وأژ کتھ

اۄت پٕٹھ زِ آبس آیہِ حصہٕ باگنے کرنہٕ۔اپٲرمہِ بٹھ کیو وۄن زِ تہند آگر چھ بیۆن تہٕ یپٲرِ میو وۄن ز یہند آگر چھ بیۆن۔ تمن کُس ونہِ ہے زِ ہارڈ ڈسک چھہٕ اڈے ریوائنڈ (rewind) گٔمژ تہٕ ژکہِ چھُ سارنی ڈٔرِ یاون ہند آگر کئیٚ۔بس اَکے ڈٔرِ یاو کین دوٚن اندن ہند آب گوا لگ الگ۔"

تمۍ کر بیٚیہٕ ژھوپہ تہٕ مےٚ وُچھ تس اۄشس دار ٲژمژ۔مےٚ تہِ کرواریاہس کالس ژھوپہ تہٕ پتہ پرٛژھمس:

"مگرتس بلی ہٲنزس بڑ وٚنہہ اوس نا کانٛہہ تہ وٕتھِ ہیوٚ رکھوٚ تمت"

"آ۔۔اوس نا کھوٚتمت۔کلی ہٲنز۔مگر صرف سنگم تام نہٕ کینٛہہ بلکہ اَگرس تام تہٕ تمۍ اوس وچھمت زا اگُر چھ کئیٚ"

تمۍ کر ژھوپہ تہٕ وۄش ترٲوتھ ترووُن پتھ کُن ڈۄکھ۔مےٚ پرٛژھمس بیٚیہٕ زِ ژٕ کُس چھکھ تہ ژٕےٚ کتہ یہ سورے خبر؟ تمۍ وۄن زہر خندٕ کرِتھ:

"بے چھُس پران تہ بے چھُس فتح۔بے چھُس ہی گوٚنڈ تہ بے چھُس أرنہِ گوٚنڈ۔بے چھس نلہ ناگ تہ بے ٲستی سر۔"



# پنچاڑھ

'توبہٕ تقصیر --توبہٕ تقصیر -- أخرزمانہ ہسا --أخرزمانہ۔ ووٗنی گوٗژھ نہ
خدائے قہر نازل گژھُن ۔کانٛہہ چھنہٕ اتھ گوٗنہ ہس رُکاونچ کتھ کران ۔أخرشریعت چھا
کانٛہہ چیز کنہ نہ ۔ییہِ گوطوفان ۔سرپنچ صأب ژٕ چھکھ گامُک ذمہ دار ۔ژےٚ پُھٹے نا خدائیس
نش جواب دِیُن ۔ اگر ژٕ تہ یہ گوٗناہ کبیر رکاونچ کوشش کرکھہٕ نہ خدائیس کیاہ جواب دکھ پگاہ۔
ساٚنین أچھن بروٗنٛہہ کنہ گژھ شریعتک خوٗن تہ أسی روز وشونگتھ --ییہِ گو تعجب۔'

مولوی صأبن کوٚر گامکی کینٛہہ بزرگ ہتھ سرپنچس عرض ۔سرپنچن تہ کوٚر مولوی
صأبنہ کتھہِ ستی اتفاق تہ دتنکھ یقین زِ سہُ روزِ نہٕ اتھ مسلس پتہٕ ژھوپہ گٔرتھ ۔مولوی صأبنٕ تہ
سرپنچ سٕنز یہ کتھ بوز ساروے نمازیو تہ دویمہ دوہ اوس گامہ کیٚن سارنے لوٚکٹین بڑین ہنٛز
زبأنی پیٹھ یوہے مسلہٕ ۔کانٛدرِ وانس پیٹھ ،نأید دکانس پیٹھ ،بزازس نش ،کریانہ وألس نش

غرض ہر کنہ شایہ اُس یہے کتھ چلان۔ اُڈی اُسی دپان یہ گوشریعتس زکھ واتہ نأوتھ دینس مؤل پرأٹنس برابرتہ اُڈی اُسی دپان یہ گے خدأیے قہرس دعوت دنی۔ کیھنہ جوان اُسی ویسے اتھ ساتھ تہ دوان۔تم اُسی زیتونِ ہنز لاچأری تہ بےبسی ہند حوالہ دتھ ونان:

'اُخر کرِ تہ کیاہ بچأر۔ جوان کوٗرِ تہٕ نادان شُری کانٛہہ۔ کانٛہہ نتہ کانٛہہ سہارِ تہ گوژھس نا اُسُن۔ اُزی کہ زمانہ نے انسان پنن پان چھ پأنتھ ہیکان تہ پتہ نادان شُری۔ پیٹھ زنانہ مہنو۔ وونی کُس اتُر کوٗرن۔ اُخرتاون ژھنبا پانس۔'

بہر حال دون تربن دوہن اندرانڈ ربنیو یہ گامک بوٚڈ بارِ مسلہٕ تہٕ پینٛچن پیٹھ سپدن والہ بحثہ تل اوس ننان زگامس ہوتن دُو دوڈ گژھن۔ مولوی صأب اوس گرِ پتہ گرِ گژھتھ بزرگن شریعتس پیٹھ سپدن والہ حملچ نزاکت قرآن تہ حدیث چہ روشنی منز سمجھاوان تہ اتھ خلاف قدمے، سخنے، دِرمے لژنس جہادُک درجہ دتھ لوٚکن تیار کران۔ سأری زنہ کیوٚ مرد اُسی امہ مسلچ شریعتی نزاکت بوٚزتھ توبہ تقصیر کران تہ اتھ خلاف پنن پان تام قوٗربان کرنس پیٹھ آمادٕ گژھان۔ مسلن کوٗر شدید روٗخ اختیار تہ گامکی کیھنہ بزرگ مُرٛی دیادِمی ہتھ وۄت مولوی صأب سرپنچ سند گرِ۔ مسلچ شدت تہٕ گامُک حال بیان کرنہ پتہ کوٗر کھ سرپنچ پنچاٹھ بلاونہ خأطرہ تیار۔ شام پرٛھتھ کوٗر سرپنچ صأبن مشیدِ منز اعلان:

'جمعہ دوہ صبحے یہ جنازٕ گاہس منز پنچاٹھ لاگنہٕ تہ گامس منز پأدٕ سپد یمہ تس مسلس پیٹھ یہ فأصلہ کرنہٕ''

گامس منز اوس نہ جنازٕ گاہ بغیر کنہ تہ جایہ تبوت جاگاہ موکُل یتہِ نس گامہ وألی سمتھ ہیکہ ہن۔ عید گاہس پیٹھ اوس دون دڑبن تنازعہ تہ تتھ اوس کلف دتھ۔ گامسہ چراپہ منز اُسی برونٹھے

مکانہٕ تہٕ دکانہٕ بناونہٕ آمتی ۔ جناز گاہ تہ اوس نہ کانٛہہ موکج زمین بلکہ اوس مرگز اُرک اکھ حصہ یُس ونہ یلیے اوس۔ خیر جمع دوہ سپدن والہ فٲصلہ خٲطرہ اُسی سٲری گامہ وٲلی بے تاب۔ سرکٲری ملاز موکرٕ چھٹی، مزورِ گرٕچھن وٲلی تہ بیٹھی گرِی تہ زمینداروتہِ تژ ایہ سارییے کامہِ تہ صبحے گییہ سٲری لوکٕٹ، بڈٕ، زنہ کیوٚ مرد جنازٕ گاہس منٛز جمع تہ لوٚگ پنچاٹھ۔

اکہِ انٛد اوس مولوی صاب تہ تمس ستی گامکی سٲری بزرگ زنہ تہ مرد تہٕ بیہٕ انٛد اُس زیتوٗن زٕنبتھ نٔی شُری ہیتھ۔ گامکی نوجوان تہ کیہنہٕ شُری اُسی انٛدی انٛدی گیرٕ بنٲوتھ کھڑا۔ سرپنچن ووٚن گوڈٕ مولوی صٲبس مسلیچ وضاحت کرنہ خٲطرِ تہ مولوی صٲبن کوٚر پننس روایتی اندازس منٛز پرجوش تہ جذبٲتی تقریر۔ کینٛہہ قرآنکی آیات تہ حدیث شریف بیان کرنہ پتہ ووٚن مولوی صٲبن:

’ گوڈٕ ہُش چھُ مے سیٹھاہ افسوس زٕ اُسی چھِ تتھ زمانس منٛز ہینہٕ آمتی یتھ منٛز نہ وانہٕ شریعتس خلاف قدم چھِ تُلنہ یوان تہٕ کانٛسہ خدایہ سنٛدس بنٛدس چھنہٕ ژوک تل آب تہ واتان۔ بہٕ چھس توہہ بزرگن ہنٛد شکر گذار یموٚ یمہ مسلیچ نزاکت محسوس کرٕ تہ یہ گناہ عظیم رکاونس منٛز دتکھ مے ساتھ۔ شریعتس منٛز چھِ یہ کتھ واضح کرنہ آمٕژ زِ یمس زنانہ خانہ دار زنٛدہ آسہ سو ہیکہِ نہٕ دوٚیم نکاح کرٕتھ۔ زیتونہ چھُ یتھے ہوٚ اثُر کرنک یراد کوٚرمت۔ بہٕ چھس دپان اگر اُسی پننہِ نبن اُچھن بروٚنٛہہ کنہ یہٕ اثُر سپدنہ دمو تلہ پزٕ اسہِ خدایہ سنٛدِ عذابہ خٲطرہ تیار روزُن ‘‘

اُکی جوانن کوٚر مولوی صٲبس سوال؛

’مگر مولوی صاب یہ کتہ چھُ پتاہ زِ زیتوٗنہ ہنٛد خانہ دار چھ زنٛدے ‘

مولوی صأبن ووِنس درجواب:

'مگر یتہِ کتہ چھُ معلوٗم زِ زیتوٗ نہ ہنٛد خانہ دار چھ مود مُت۔'

بیہ أکۍ جوانن تہ ہرٛاو کہتام وَنن مگر مولوی صأبن ووِن جلالس منٛز یتھ زِ یژھِ غیر شرعی کامہ ساتھ دُبن گوٗ کُفرس ساتھ دُبن۔ اتھ پٹھ ہیکہِ حکمِ کُفر تہ لاگنہٕ یتھ۔ یہ بوزتھ گو سأرنے دم تہ کائنسہ تہ ہوٚک نہ کیہنہٕ وَنتھ۔ سرپنچن پرژھ زیتوٗ نہ زِ تس چھا پننس بچاوس منٛز کیہنہٕ وَنن۔ رژھ کھنڈِ ژھوٚپہ کرتھ ووِن زیتوٗنہ:

' مولوی صأب حق چھ دین زانن یہ کیاہ ہیکہِ أمس بروٚنٹھہ کنہ وَنتھ مگر صرف چھم اکھ کتھ وَنٕنۍ۔ توہہ گامہ والیوٚ منٛز کمۍ أکۍ کوٚر زانہہ خیال یہ وچھنک زِ خانہٕ دار سنٛد غأب گژھن پتہ کتھ حالس منٛز چھ زیتوٗن تہ تسنٛدی شُری۔ یہ أس نا دیندارن ہنٛز ذمہ دأری۔ یہ مولوی صأب کتہ اوس تمہ ساعتہ ییٚلہِ یہ ہشہِ، ہہر بابن تہ دُریوٚ زِ نادان شُری ہتھ گرِ کڈتھ ژھنس تہ مے پیٚیہٕ ٹٔینہ پہرِ منٛز ژول لاگۍ۔ ووٚنۍ گےمے کتی وری رأوی متس خاندار سنٛد موٗنٛڈس تلان۔ أخر۔۔۔۔''

' صرف ژورو ری تژے ریتھ کم۔'

مولوی صأبن ژٹ زیتونہ ہنٛز کتھ اڑِ وتے۔ زیتون گے تژین تہ ترٚوہن زِ أخر امس مولوی صأبس کتھ کنۍ چھ یوٗت سیقہ حساب معلوم۔ تس توٚر سورے فکر۔۔۔ سہٕ مولوی صأبن منٛزی منٛزی تس اسہ ونہ ہوٚنجہ خأر پاٹھ کرن، تس وچھتھ دستارس ہیوٚر رہیوٚر دُین تہ داڈِ کنٛگو والُن تہ ووٚنۍ یتھ پأٹھی سورے گام تس خلاف اُکساون۔ سخ شرارت کھژِس تہ وٗنن مولوی صأبس کُن:

''مولوی صأب ژے چھیا پتہ زژورن وٲرِ ین منز ٲژر بتھ چھ آسان ، تمن ریتن منز گٲژ دۄہ چھ آسان ، تمن دۄہن منز کٲژ گھنٹہ چھ آسان ، تمن گھنٹن منز کٲژ منٹ چھ آسان تہ سۄ اکھ منٹ کوتاہ زیوٗٹھ چھ آسان تس ماجہ ہنذ خأطرٕ یمٕ سنذی شُرۍ فاقے آسن ۔ گس أکس چھ پتہ زفاقہ لدشُر بن ننذر پاوٕنی کوتاہ مشکل چھ ۔ تۄ ہہ منز گس چھ زانان تس ماجہ ہنذ حال یمی سنذی شُرۍ ننہ وأرِی تہ نبتھ نٔی آسن تہ گاملکی شُرۍ دنکھ نہ پانس ستی گنڈ نہ ۔ تۄہہ منز کمی أکی وُچھ تس ماجہ ہنذ حال یمی سنذی شُرۍ سکول ہکِن نہٕ گٲژھتھ ۔ اگر بہٕ دوبارہ خانذر کرٕ نہٕ تیلہ کیاہ پانس تہ شُر بن گٲژھ بتہِ مبٹ کماونہ خأطرٕ کرازِ نا کنہٕ پانس تہ شُر بن دمہ زہر ۔'

زیتوٗ نہ لگی ہکی تہٕ امہِ پتہٕ ہیوٚ کن نہ کیہنہ تہِ وٗنتھ ۔ سأری گامہ وألی گے شرمندہ تہ ژھنکھ کلہ بوٚن کن ۔ کأنسہِ تہِ ہیچ نہٕ زیتوٗ نہٕ ستی یا تسنذ بن نبتھ ننین شُر بن ستی أچھ رلأوتھ ۔ رٲژھ کھنڈِ ژھو پہ گٲژھنہٕ پتہ وۄتھ مولوی صأب :

'تمیک مطلب ما گوزِ ژ کرکھ تی یمیک نہٕ شریعت اجازت دوان آسہِ ۔ ژٕ ہیککھ نہ شرعی طور توٚت تام دۄیم نکاح کٕرتھ یوت تام نہ یہ ثأبت گٲژھ زِ چون خانہ دار چھ یمہ دنیاہ درامُت نتہ گٲژھ سہ مُدت پور یمیک شریعت تقاضہ چھ کران ۔'

'مےٚ کر کوٚرتھ انکار مگر توت تام کیاہ ذمہ دأری چھ مذہب دارن تہ شرعی ٹھیکہ دارن تتھ چھنا کانٛہہ بوجا پُرسانا ۔'

نہ ہیوٚک کأنسہِ زیتونہ ہندس اَتھ ٹیٹھس سوالس کانٛہہ جواب دتھ تہٕ نہ ہیوٚک سرپنچن ، پنچو یا گامہ وألیو منز کأنسہِ مولوی صأبس خلاف أس مٕژرأوتھ ۔ پنچن ستی مشورہ کرنہ پتہ دیتٕ سرپنچن فأصلہ :

'چونکہ یہ چُھنہٕ ونہ ثأبت گوٚمت زِ زیتوٗ نہ ہند خانہٕ دار چُھ گذر یوٚمت لہذا اہیکہ نہٕ سو دوٚیم خاندر کٔرتھ تکیا زِ یہ چھ شریعتس خلاف۔'

مولوی صأب گو مقدمہ زینٔنس پیٹھ بڑٕ خوش تہ گوٚژھن وڈ دوان دوان دراو مشید کُن جمعہ پرناونہٕ۔ گامہ وألی تہ درائے اکہ اکہ أڈی گرٕ کُن تہ أڈی مشید کُن۔ زیتوٗن أس شُری زٕ ہتھ ژیٖرتام جنازٕ گاہس منٛزے۔ پتہ کرٛ ژایہ گرٕ تہ وُچھنہ کأنٛسہِ۔

صبحس آسہ ترٛیشوٕنی ماجہ پُتھرن ہنٛز نیلے مژلاشہٕ پہرٕ منٛز نبتھٕ ننے۔



# شُری تماشہٕ

'گوڑ ونیاوُ ے گرے ژٔے یہ تھاوُن ماجہ نش ، ژٕ گرٕشھکھ مانزٕ۔ زن اوس مائلس گرٕھن تہٕ شُرٕ ستۍ تُلن اوس ضروری۔ ژھنتہ ووٕنۍ پانس ترٕ ٹھٕ'

شبیرس اَس سخ شرارت ۔ ڈاکٹر صابنس دروازس پیٹھ وارِ پژاران پژاران اوسس کمر پھُٹمت پیٹھ فاقے تہٕ فکرے۔ یتھٕ تتھٕ اَسس ساڑِپائژِ بجہ واَرۍ آمژ۔ خاندارنۍ ہاَون ڈاکٹرس ، دوارؤٹن جلدی جلدی تہ ونۍ اَسۍ تیز تیز سوموسٹینڈس کُن پکان۔ مگر ہنگہ منگہ لاَگۍ نکن ماجہ ہنز کھوٚنہ منز بارودنۍ ۔موج اَسس کائتیاہ پھنڈ شنڈ کران مگر سہٕ اوس نہ کھٹھۍ پیٚوان۔ ژیرتہ اوس واریاہ گوٚمت تہٕ ہرگاہ تم ولی ولی سوموہس کھتۍ نہ گرٕواتن گژھ مشکل۔ مگر نکس کیاہ بنہ ۔۔ سہٕ اوس کھورٕ ٹینڈٕو پیٹھ کربکھ کھائلی کھائلی بارودوان وتہ پکہ ونۍ اَسۍ یمن دون باَژن کُن دولہ وچھان۔ شبیر اوس مژی مژی تیز قدم تلتھ بژ وٕتھہ نیران مگر

خاندارنی اُسس نہ پکتھ ہیکان۔ تس اوس نا نکہ کھوٚ نہ مژٕ لکھنہ دوان۔ شبیر اوس بێیہ پتھ پھیران تہ نکس شائی تارکھ ہاوتھ ژھوٚپہ کرناونچ کوشش کران مگر سہٕ اوس نہ ژٕ کتھ تہ مانان۔ اُخرآو شبیرس جیرٕ تہ وۄنن ژکھ سان خاندارنہ کُن:

'تلے ترٕ ٹھ ژھن پانس۔ بہہ پتھر یتھ کنڈِ پیٹھ تہ ترٕاوس بب اُسس۔ دیو تمی ستی دم گرژھیس۔ خبر مے کس اوس از صبحے بُتھ وچھمُت تہ بہ لوٚگس یتھ تاونس۔'

خاندارنہ وۄنس نہ کینہہ تہ پتھر بہتھ کُرن نکس دوہ چاونچ کوشش۔ مگر کتھ حالس۔ سہٕ اوس وٹھنہ دوان تہ بارو دوان۔ قطعاً مانن نہ بب اُسس لدٕنی۔ شبیر اوس فٹ پاتھس ہورٕ یور نژان زنتہ بنبر اُسس لگان۔

'ووتھ تھوٚ دژھنس کلس ترٕ ٹھ۔ اسہِ گوژ یرٕ پیٹھ چھُ وێجیارِ پێٹھ پایدل پکن، وونی کتہ بنہ تہ گاڑی۔ اسہِ کھێن خبر کتہِ شال۔ گوٚ ڈچھس بہ دپن یتے گژھ گاڑی بنٕی۔ دگرٕ پتہ چھُ شہرٕ پێٹھ اسلام بادکُن سوار بن ہندرش آسن۔'

شہناز وژھ تھوٚد تہ لوگن شبیرس پتہ پتہ پکُن۔ قدما قدما تہ اُس کڈان تہ نکس ژھوٚپہ کرناونچ کوشش تہ اُس کران۔ اتھ دوران اُسس مژٕی وتہ پکہ وێن ستی دکھ تہ لگان تہ مژٕی کھُندی تہ۔ اُخرووۄنن برٕ نرمی سان شبیرس:

'میس انتہ کینہہ تماشہ دوٚیہ تمی ستی ژھوٚپہ کرٕ۔ یینہ مے قدم تہ چھُ کڈنہ دون۔'

شبیرس کھُژ زبردست شرارت۔ تس اُس گاڈِ ہنز پریشانی۔ پیٹھ اُسی نہ حالات تہِ ٹھیک۔ پے چھا کمہ گرٕ کیاہ سپدِ۔ پێٹھ شہرس منز۔ کنہ تہ سعتہ ہیکہ چھگ گژھتھ۔ اِدٕ پتہ چھنہ زچێن نال اتھی یون۔

'وچھ کیاہ پاگلاٛزی چھکھ ونن۔ ونکیٚن چھا تماشہٕ ژھارنس سٕنٛب فرصت۔ یہٕ دِپن گاڑی گژھ بنٕنۍ ژِ چھِس تماشہ ژھاڑن۔ وولہ دِن مےٚ کُن تہٕ پکھ ژِ تیز تیز۔'

شبیرن تُل نکہ کھونہ تہٕ لوٚگ تیز تیز قدم تلنہ۔ شہنازِ اُسس پتہ پتہ یہ دِپٕ زِ تہٕ دوران۔ نکہ اوس شبیرنہ کھونہ مژٕ تہٕ لکھنہ دوان تہٕ اچھ وٹھ زورٕ زورٕ باروان۔ شبیراوس نکس مژی مژی لولہ سان تھاپھ تھاپھ دِتھ ژھوٚپہ کرناونچ کوشش کران تہٕ مژی اوسس روب کران۔ مژی اوسس جیرٕ یوان تہٕ اوسس ژنجہ جورالایان۔ مگر نکہ اوس نہ ژھوپہ کرنک ناوے ہیٚوان۔

'ژٕ ےٚ چھیا یہ مارن۔ اُخرشُر ہے چھُ تہ۔ ژٕ ےٚ چھےٚ گاڑِ ھسنٛچ بانٛبر۔ ترٛٹھ پےٚ تتھ گاڑ۔ دِن یوٗ ری۔'

شہنازس آو جیرٕ تہٕ یےٚ اوٗش بُکھی ہوٚے اُسس پھٹان۔ تمہ نیوٗ شبیرس نکہ تھپہ تہٕ روٗٹن وٚچھس ستی۔ شہنازن بٕتھ وچھتھ لجی شبیرس دِلس تھپھ ہش تہٕ ووٚننس:

'اِدسہ ژھن گاڑِ بلاے۔ وٚلہ کیٚہنہ گندن تماشہٕ وچھو۔'

یوٗت کال اُسی یم ڈلگیٹ پیٚٹھ سوموسٹینڈس کن پکان پکان پولو ویوٗنش وٲتی متی تہٕ لوٗگھ وانہ پتہ وانہ نکس گیٚت گندن تماشہ ژھارن۔ اکہ دکانہ پیٚٹھ ہیتُھ چھنٛے چھنٛے پوٗت تہٕ شہنازن نیو تماشہ چھنٛے چھنٛے کران نکس بُتھس نزدیک۔ نکن مژراوِ اُچھ مگر ستی لوٗگن بیٚیہ ودُن۔ چھنٛے چھنٛے پوٗت کھوٗتس نہ زنتہ چکارس۔ یم وٲتی بیٚیس ریڈٕ وٲلس نِش تہٕ شبیرن ہیٚرٕ لوٗکٹ ماروتی۔ تتھ سیلہ لاٛگتھ آسہ تہٕ سُچ دِنہ ستی اُس ہارنہ دوان۔ سُچ دِیتنس تہٕ نکس انن بڑ وٚنہہ کُن۔ نکن مژراوِ بیٚیہ اچھ مگر گاڑی تہٕ کھوٗژس نہ پسند۔ یوٗت کال وٲتی یم اکس بڈس دکانس نِش۔ تتھ پیٚٹھ وارِیاہ شُری تماشہٕ کِنٛنۍ اُسی۔ شبیرن لاٛگی اکہ اکہ نکس تماشہ ہاوٕنۍ۔ اچھِ دٲر، پھوٚکہ بستور،

بُربتن، شوقہ شُرنی مگرنکہ چھنہ کنہ تہ چیزٕ ستی ژھوٚپہ کرن۔ أخرآو دکاندارتہ تنگ۔ تمی ژٕل اکھ پلاسٹکک بندوق تہ تمچ نلی رٕٹن اسمان کُن تہ دبوون ٹرگر۔ تتھ گےٚ کنی ٹپہ رائے زنتہ میگزین منٛز سارے گولہ نیرتھ آیہ۔ نکس ژۄل یکدم اُسن نیرتھ۔ تماشس دژن تھپھ تہ لوگن گندُن۔ شبیرن تہ شہنازن ترٛ وو پھریکھ ہیوتہ درائے دکانہ منٛز نیبر۔ نیبری کنٛ اوس شام گوٚمت۔



# وارُیل

بالہٕ تیٚژتٲلس پیٚٹھ رتہٕ ٲری تیٖرٕ بُنس نکھٕ بہتھ وارِلس اُس نہ ونی بوچھِ۔ نہ اوس رتھ چیٚنس رغبت تہٕ نہ ماز کھیٚنس مأل۔ اڈی جیٚن اوس تاپھ دوان تہٕ بالہ دامنٕ وُڈٕ نین جاناوارن زنتہٕ ٹسنہٕ ژٹان:

'ہاکتھ چھوٚلکھ پانس وُڈٕ نی جاناوارونان۔۔ یہ گواوُ ڈُن۔۔ اکہ لنجہ پیٚٹھ وٕتھن تہ بیٚیس لنجہ بہن۔ گژھو بہو پانس آلیٚن منز۔ بےٚ کار جماعت۔ تو ہی چھو صرف شکار گژھنہ خاطرٕ بناونہ آمتی۔ کھوژٕ برٕژ۔ تو ہی چھوژ کہ جاناوارن ہندس ناوس پیٚٹھ ججل خأری ہُند داغ بیٚیہ نہ کیہنہ۔'

بٔنٕ بٔنٕ وُڈن والیٚن جاناوارن اُس نہ تس کُن نظر۔ آسہکھ تہ کیازِ۔ تم اُسی پتھرس تھلہ تھلہ وُچھان تہٕ ژھاران زِ کُنہ جایہ ما آسہ کیہنہ پھل پھوٚلا پتھر۔ یام پھل پھوٚل نظرِ اوسکھ گژھان تام اُسی کنوٚے جمگتھ کران تہ پھل پھوٚل حاصل کرنہ باپتھ اُسی اکھ اکس تیزٕ کھٔنزان مگر نہ اُسی اکھ اکس رتھ چیٚوان تہٕ نہ اکھ اکی سُند ماز کھیٚوان۔ وارُیل اوس یہندس

اتھ وۄہارس پیٹھ نارژاپان:

'وُچھ کولِل ذلیل ۔۔۔اکہِ پھل پھلہ باپتھ کیاہ چھِ اکھ اکس تیرٕ کھٕژان ۔ بے وقوف ۔ یم چھِ امے یۄڈ غولام بنأمتی ۔ دوہے أسکھ یہے یۄڈ پتہٕ ۔ ژھیٚٹ پھلیٚن پتھ مورکھ دوہے پان ۔ یمن ماچھِ پےزآزأدی کتھ چھِ ونان ۔ پاگل ۔۔۔'

تام گواکھ کوتُر وڈان وُڈان ہیٚور کھٔستھ ۔ واربلس ہیٚور کھوت نہ مگر بنٕ میٚو جاناوار وِنش ہیٚور پہن کھوٚت ضرور ۔ تس تہٕ أس نہ شاید بوچھِ کیہنہ نتہ ما آسہ ہیٚس مگر یۄڈ ہنٛز غولأمی أسس نہٕ منظور ۔ شایداوس سہُ تہِ دانا بنیٚومت تہٕ بنٕ میٚن جاناوارن ہنٛد وۄہارٕ نِش اوس تنگ آمُت توے اوس پیٹھی کنِہ گول گول چکر کرتھ تمن تماشہٕ وچھان ۔ سہُ تہ ما آسہِ ہے یمن یۄڈ دادِ پریشان جاناوارن ٹسنہ ژٹان:

'ژٹوپان پھل پھلہ باپتھ ۔ تُہند دنیاہ چھُ صرف وورسہٕ گرٛبکہ منٛزلتہٕ مونجہ گرٛھن ۔ییلہ نہ زمین پیٹھ تھوٚ دۄتھتھ آسمان زانہہ سرے کوٚرِو ۔ توٚ ہیہ کتہ چھ پتہ زندگی کیاگے تہٕ آسمانس منٛز وُچھن کیاہ گو ۔ توٚ ہیہ گرٛھوِیوٚ ہے مُفتُک پھل پھوٚلامیلُن ۔ ذلیلو ۔'

خبر واریٚلس کتھ پیٹھ کھٔرٕ شرارت ۔ پکھن کوٚ ڈُن واش تہٕ دِژن کُنی ژھٹ ۔ زمینس پیٹھ چھوٚرٕ چھوٚرٕ کران کوتُر وچھتھ کھٔے جاناوار وکھرٛ بکھ تہٕ دوہ لوسنے ژاے آلیٚن ۔



# لال

بہٕ اوسس ڈٔریاو بنڑٕ بنڑٕ اخبار پران پران پکان تہٕ مے لوٚگ یکدم تس ہستی دکھ تہٕ تمۍ
وۄن ژ کھِ ہوٚت:

'ہتا یارٕ! وچھتھ گژھ نا پکن۔ گوڈ کتہٕ چھُے ژے گاش زِ و چھتھ پکِکھ'' مے تُج تس کُن
أچھ تہٕ مے گے نارٕ ژھٹھ نیرِتھ۔ کلہٕ کھوٗ پر مستہٕ رستھے تہٕ شاید مُسلہٕ رستھے تہٕ۔ نس بالکل
ژھوٚٹ تہٕ نکہٕ وأری وۄبٕ ہوۍ کھُلہ مژرِتھ۔ مے باسیو ونستہ ہنٛز بوٗنٹھم زرم أڈج چھس گج
ٕمژ مگر بے ترتیب پأٹھی۔ بُمہٕ تہٕ غأب تہٕ أچھ روال نہٕ کہنہٕ۔ وُٹھ چھنتھ پہمتی تہٕ دنٛد محض
وور یانے مگر زیوٗ پزنہٕ کھوتہٕ زیٹھے پہن۔ أچھن دون ہنٛز جایہ زٕ کھوڈ تہٕ لال نہ کُنی۔ مے
ؤژھ نٹھ تہٕ نظر گے تسندس خوفناک بتھس پیٹھ روٹہٕ۔ مے پرٛژھ تس کھوٗژی کھوٗژی:
''ہے ژٕ کُس چھکھ تہٕ ژے کیاہ حالت چھے یہ گٔمژ؟ ژے کتہ لال تہٕ ژٕ کتھٕ وچھتھ
ہیکان؟

'حقیقت وچھنہ خأطرٕ چھنہٕ چأنی ہوۍ لال ضرورت''
تمۍ وۄن رژھ کھنڈ زنتہ مے کُن مُدے گنڈتھ۔ بہ گوس زیادے حأران۔

''اماأمس نے گن تہٕ چھنہٕ۔ تیلہِ کتھ چھُ یہ بوزان' بہ لۆگس پانس ستی سوچنہ مگر وۄنمس نہ کیہنہ۔ تہِ کیازِ بہ اوسس أمی سنٛدی گوڈنکی جوابن تربن تہٕ تروہن منٛز ترومت۔

''پۆز بوزنس چھِ أندرِم کن لگان۔ نبرم شٍچھ چھنہٕ بوزان تم چھ صرف آواز سو ٹھبر اونس لگان تہٕ بس''۔

تمی وۄن زنتہٕ میانہِ دلچ کتھ بوزتھ۔ زنتہ کیاہ! پزی بوزن سو کتھ تہِ یوس نہٕ مے زیوِ کڈمٕژ أس صرف أسم سۄ چمٕژ۔ بہ ہیۆتنس زیادے زیادے حأران گژھن۔ مگر وۄنی أس نہ یہ صرف حأرانگی بلکہ اوس اتھ تذبزب تہٕ ہنا خوف تہِ رل۔ سوچان اوسس یہ کیاہ پاگلاٗ زی چھُ ونان۔ چلو کنن ہنٛز جایہ اگر صرف ژٔ دی ژٔ تہٕ آسن تہٕ نبرم کن آسن نہٕ تیلہِ تہٕ ہیکہِ انسان کم کاسہٕ بوزتھ، مگر لال نے آسن تیلہِ کتھ ہیکہِ کانہہ وُچھتھ۔ دوشوے نہٕ تہٕ اکھ گژھ نا توتہِ آسُن۔

''مہَ۔ مگ۔۔ مگر لالو بغأر کتھ ہیکہِ کانہہ وُچھتھ۔ ژٔنتہ اکھ لال گژھ نا توتہ آسُن''
مے پرٛژھمس۔

''نہ۔ نہ۔ بالکل نہ۔ اصلیت وچھنہٕ خأطرٕ چھنہٕ چأنی ہوی لال ضروری۔ یمو ستی چھُ صرف تی وُچھنہ یوان یہ انسان وُچھن چھُ یژھان''۔

تمی وۄن بڑا اعتمادٕ سان۔ تہٕ مے باسیوو زنتہٕ وو ریانہٕ دنٛد وٕ ستی ترأوِن اسنہٕ ہناتہ۔ مے اوس نہ کہنی تہٕ فکرِ تران تہٕ تسنٛد بو جوابو ستی اوسس بہ پریشان گژھان۔ مے کۆڈیو ہے بمہ ٹیس ہیو تہٕ نکارس منٛز کلہٕ گلہ ناوان گلہ ناوان ترأ وے تمس ہیرٕ بون نظر۔ سُہ اوس کلہٕ پتھ نلس تام بالکل وۄریانے۔ مے پھۆٹ رمس رمس عأرق تہٕ ہیرٕ نم تھر وتھنہٕ۔ أندری گیم

شرمندگی ہش تہِ ۔ گرٛشیم نا! اُ خرمتیٔ مہل ہوٚ ننگہٕ انسانا اوسم بروٚنٹھ کنہِ کھڑا۔ مگر یہ کیاہ۔ یہ نے چھُنہٕ کہنٛہ ۔ نہ مرد تہٕ نہ زنان۔ کانٛہہ تہِ نشان نہٕ ۔ مے دِژلس وَچھس کن نظرمے دوٚپ شاید ننہِ اَتی زیہ کیاہ چھُ۔ مگر کہنٛہ نہٕ۔ بالکل نہ کہنٛہ ۔ نہ کنہِ قسمک بُرٛژرتہٕ نہ کرہنٛی یا سفید جتھے۔ تمس گومیانہِ حأرانگی تہٕ پریشأنی ہند پوٗرِ پوٗر اندازٕ تہٕ اتھس تھپھ کرتھ ووٚنم:

''وولہ سابہ تارے فکرزا اصلیت وچھنہ خأطرٕ ماچھ چأنی ہوی لال بکار''

اتھس تھپھ کرتھ واتہٕ نوٚنس اُکس بأریکھ لرِنش تہٕ پرٛژھنم؛

'یہ کیاہ چھے ژے بوزنہ یوان ؟

مے ووٚنمس کالیج ہساتہٕ بیہ کیاہ۔ تمۍ تروٚوٹھہہ ٹھہہ کرتھ اُسن تہٕ ووٚنن:

''ووٚنی ما آوے بوزنہٕ۔ یہ چھ فیکٹری۔ اتہٕ چھ انسانن یوان مشینہٕ بناونہ، محض مشینہ۔ تمہِ خأطرٕ چھُ تہندِ سینہ منٛز دل کڈنہٕ یوان تہٕ دبماغس چھ کھٔرن دنہٕ یوان۔

بہٕ گوس یہ بوزتھ ہے بنگہٕ۔ مے دوٚپ شاید چھُ یہ پزے پاگل۔ مگر اُندری ہیوٚت مے تسنٛزِ کتھ پتھ غور تہِ کرن، تہٕ مےٚ پیٚو واوترُک سُہ واقعہ یاد ییلہِ میون نکہٕ فیس برابر نہ آسنہٕ کِنی کوچینگ سنٹرمنٛز کڈتھ ژھنکھ۔ مےٚ کریاو ماسٹرجیس سخ زارٕ پارٕ مگر تمۍ ووٚن بتھ نہنأوتھ ''ہے یہ چھا سا یتیم خانہٕ، اگر نہٕ پونسہ برابر چھی تیٚلہِ گویہ مزورِ کرناوُن، سُلہِ گرِ زینی آنہٕ ژور''

تام واتہٕ نوٚوس بہٕ تمۍ بیٚیس اُکس سفید بأریک بلڈنگ بروٚنٛہہ کنہِ تہٕ پرٛژھنم۔

'یہ کیاہ چھے ژے بوزنہٕ یوان ؟

''یہ ہسا چھ ہسپتال۔ خبر بورڈس چھس تی لکھتھ''

مے وۄنمس یہ ہے مشکوک انداز س منز۔ تمۍ اوس نامیون گوڈنیک جواب غلط ثأبت کوٚرمت۔

تمۍ ترووتھے پأٹھی بیہ ٹھہہ ٹھہہ کرتھ اُسن تہٕ وۄنُن:

''وۄنی ما آیی اصلیت بوزنہٕ - یہ چھُ بازر۔ بس اکھ بازر، اتہِ چھِ سودا گرٕ ھان، دژ وگہِ یاسرٕ وگہِ، بس!۔

مےٚ سونچ زِیے چھ پزے دِمباغہٕ ڈٕلتھ یہ ہے چھ سأرسی ادلہِ بدل ونان۔ مگر ستی پیٚو مےٚ مہد کاک یادیمس پونسوداہِ تلہِ پیٚتگ معمولی آپریشن آونہٕ کرنہٕ تہٕ سُہ مۄد۔ شُربن روپیہٕ دِتھ کڈٕ ہس بوکہٕ ؤٹ تہٕ سولاجکھ خوجس تہٕ سُہ چھُ ازژورِوُ ہری تہِ کگُو ہیُونژان۔ مے سونچ شاید ماچھُ یہ ہے پوٚزونان۔ پزے ماچھ أمس میانہِ کھوتہٕ صاف بوزنہٕ یوان۔ بہٕ گوس شرمندتہٕ ہنا مزید پریشان تہِ مگر ونہس کیاہ؟

بہٕ اوسس ہی سونچاں تہٕ تمۍ واتہٕ نووٗس بہٕ بِیٚس أکس شاندار چکور بلڈنگ نش تہٕ پرٕژھنم

''ون سا! یہ کیاچھے ژٕے بوزنہٕ یوان؟

مے وۄنمس بڑٕ اعتمادٕ سان''یہ جناب چھ مسجدِ شریف۔ اتہِ چھِ نماز پران تہ جمعہ دوہہ چھِ خطبہٕ تہٕ بوزان''۔

تمۍ تروو برٕ ونہمہ کھوتہٕ بڑٕ ے پھن اَسن کھنگالہٕ۔

'وۄنی ماسہ چھے ژٕے ہبوزنہٕ یوان - یہ چھُ بوٚ ڈ دُکانہٕ۔ اتہِ چھِ جذبات کننہٕ تہٕ مُلی ہینہ یوان۔ تمہِ باپتھ چھُ دِمباغن شاپھ دنہٕ یوان تہٕ أچھن پٹ گنڈنہٕ یوان۔ پتہ تتھ کُنی خوش گرٕ ھان چھُکھ تتھ کُنی چھ سیٚدن سادن تِلہٕ وأنی داندن ہندی پأٹھی استعمال

کران"

مےٚ پیوٚ ویہِ بوزتھ یکدم سُہ پرٕسک واقعہ یاد ییٚلہِ سانہِ گامہٕ کتھ تام معمولی مسلس پیٹھ مشید منز وُثیہِ مالٕی ژٕڈ نچوٚس پلوتہٕ نچوٕی ژھنی مالٕس نالس تھچھ۔ مشید دژکھ سیٚمزی پلیارتہٕ دویو دریو لاج دویواندونماز۔ امہِ پتہٕ ہیتِن سخ اجتماع گژھنہٕ تہٕ زینن والیو لاگ دویو دویو اتھو پونسہِ کماوٕنی۔

مے آو چکرتہٕ سونچم نہ یوٚ ہے ہے چھُ پوٚ زونان، یوٚ ہے چھُ گاش دارتہٕ بہٕ چھُس اوٚن، پزے ماچھنہٕ حقیقت وچھنہٕ باپتھ دون لالن ہنز ضرورت، بہٕ اوسس پننہ نبن أچھن مُرنہ دوان تہ تام واتہ نووس بہٕ تمی پننس برٛ انٛدس پیٹھ تہ ووٚنہٕ نم:

'اِدساتہ نیراَژ اندر۔ ژٕ ہیککھ نہٕ ونہِ تہِ حقیقت وُچھتھ تہٕ نہ ہیککھ پزر بوزتھ۔ ژےٚ چھِی ناکلہٕ کھوٚرِ منز وٹھی لال تہ کن چھِی یمے شُپرِ ہی"

بہٕ گوس رٕہتھ تہٕ تمی ہیوٚت نیرُن۔ مے کوٚرمس آلو:

'ہے بھایا! بُتہِ ہسا چھُس اصل وُچھن تہٕ پزر بوزُن یژھان۔ مے ونتہٕ یہِ کتھٕ چھُ ممکن؟

تمی وٚوٚن رژھ کھنڈِ دَم کرتھ:

" تمہِ باپتھ پیٚی ژےٚ گوڈٕ مرُن "



# وآری دات

گلہ شیخن یام موقدم وُچھ کاٹھ برس اژان لتس گو پتم شاہ پتھ تہٕ بوٗٹھم بوٗٹھ۔ سونچان اوس خبر کمی ژٕ رن چھ پانس تاون ژھنمت تہ موقدم آو شوٗٹھس خبر کیاہ بار کھاڈنہ۔ بتھس گوس تمنٕز رنگ تہ أچھی لجس تالوس۔ تام ژاو موقدم اندر تہٕ گلہ شیخن کٔرس تھوٚد وتھتھ سلام۔

''کیاسہ گلہ شیخ خأرے چھا؟ شُری بأژ چھا وارے''

گلہ شیخ گو موقدم سندس امہ آیہ خأر پاٹھ کرنس پٔتھ سخ حأران۔ نتہ ییلہ تہ زانٛہہ گلہ شیخ موقدمس سمکھن اوس یاتہٕ اوس سُہ گردن ہورکن پھران نتہ اوسس بتھ چونکھرأوتھ مشکلنی دندوتلی سلامہٕ جواب دوان۔ ووٕنی ہر گاہ کنہ شایہ ژٕ رگمژ آسہ ہے تیلہ اوٗسس ڈٕکر نہناوان تہ یہ ڈٕپی زِ تہٕ لکٕبے یوت پرٕ تھاوان۔

'اہن حض موقدم صأب شکر خدالیس کُن ۔۔۔ مگر۔۔۔ توہی کتہ صبح

سانہ ژھیہ پہر منز؟ خاأرے چھ حض؟'

گلہ شیخن پژ ژھ موقدمس کلہٕ نوٚ مرتھ۔تہ پژ بتھ کانہہ لفظ کھڑ کرنہ پتہ آیا یہ لفظ چھا موقدمس لایق کنہ نہ۔

'اہنسا خاأر ہسا خاأر۔۔اِ چھا پرواے۔دپھ باغس منز اأسم کامہ دوہ پاأنژھ شۓ۔مے دوٚپ ژھکھ ووٚنی کاأمہ دوہا دوہا کرن۔اِ موکھ اأیوس یپاأری'

گلہ شیخن ترٚ و زیوٚٹھ ووش زن وہ تھس شانو پیٹھ بوٚ ڈبار۔

'ہے موقدم صاب توہیہ کوٚت حض کریو تکلیف۔توہی سوز زہیو شیچھ بہ گژھہ ہا پانے حاضر۔ بہٕ حض گوس تہند نوکر۔کرحض چھ کامہٕ ین'

''أزی چھ کاأم لاگنی۔مگر سلے پہن ییز

موقدمن وۄن گلہ شیخس کمامہٕ کرتھ۔گلہ شیخن کوٚرس أنکار تہٕ دژ اس کاٹھ برس تام پتہٕ پتہٕ۔

گلہ شیخ یمس عام لوٗکھ گلہ واتل ونان اأسی اوس بوٚ ڈبارٕ ژوٗ رتہ پنہ کارک اوس زبر دس ماأہر۔پنہ نہٕ کارنا موکنہٕ اوس گلہ واتل أندی پکھی گاموعلاوٕ دور دراز علاقن منز تہ مشہور۔مشکل کھوتہ مشکل حالاتن منز سن دِنی اأس گلہ واتلنہ کھوٚش اچھ کاأم۔مگر ینہ تمی أکس موٗنڈ ہنز کوٚر رِہند خاندرک سورے سامانہ خاندرٕ بوٚنٹھ زٕ دوہ ژورِ اوس نمت تہٕ تمہ صدمہ ستی اوس کورِ زہر کھیومت تہ موٗنڈ اأس پاگل گمژ تنہٕ اوس گلہ واتلن ژوٗ رکرنہٕ نش توبہ کوٚرمت تہ پوختہ یرادٕ اۄسن کوٚرمت زسہ کرنہ ووٚنی یہ کارتہٕ نہ دیہِ پنہ نین شرہن یہ کارکرنہٕ بلکہ کم کھوتہ کم تعلیم دتھ کر بکھ دون کالن ہنز بتہ میٹ پنہٕ نہٕ اتھو کماوٕنی لایق۔یہ یرادٕ کرنہ پتہ اوس گلہ شیخ ووٚنی موٚزور کران۔مگر یتھ دروجرٕ کس زمانس منز کتہ چھِ موزورسنز سوکھ سان زندگی گزارنچ

گنجائیش۔ نفسس گنڈ تڑ آوی تڑ آوی اوس گلہ شیخ گرِ پکہ ناوان تہ دوٕن نچوٕبن تہ اوس۔ یتھ تتھ سکولکی خرچہ دِتھ پرَ ناونچ کوشش کران۔ ژِ کورِ تہ آسس مگر تمن کتہ سوز ہے ژاٹہ ہال نہ اُسس تیژاہ توژھ تہٕ نہ اوس تہنٛدس قومس منٛز کوربن پرناونک رواج۔ بہرحال سختی منٛزے اُسی دوشوے باُژ شربن ہٕتی سکوٕ نہ سان دوہ دوہ کڑان۔ حلال پاُٹھی پنٕن پان تہ شری پالنس پتھ اوس گلہ شیخ بڑٕ خوش۔ خانہ دارنی تہٕ اُسس بڑٕ نیک تہ متھا مدارا اگرتھ اُسس ووٕنی مشید تہ سوزان تہ پانہ تہ اُس نمازسجدٕ دوان۔ گلہٕ شیخس مشید منٛز وچھتھ اُسی ساری حاُران گژھان تہٕ اُکس اکھ کُن بمہٕ ٹیس کڈان مگر گلہٕ شیخ اوس پنٕنس یرادس پتھ ڈٹتھ تہٕ لکہٕ ہنٛزن ژُرِ نظرن سننہٕ بغاُرے اوس پنٕن کارکران۔ یس تہِ موٚ زورِ گژھان اوس تس اوس بے دغا کاٗم کران تہ حق ینٕس ساری اُسس پزٕ نہٕ کھوتہٕ ژُرے موزوردوان۔

ازاوس نہ گلہ شیخ ژھینٛمتن پھوتبن یوان تہ موقدم سنٛد گھراژن اوسس لاس زینٕنس برابر باسان۔ چایہ پیالہ چوٚن بانٛبر بانٛبر تہ ووت موقدم سندگرِ۔ موقدمن دِیُٹس تلبہٕ مہنیوہٕتی تہٕ سوزن باغ کھننہِ۔ گلہٕ شیخن گرِ بےلوس پاٹھی کاٗم، دوٚ ہے دوٚہس تھوٚن نہٕ ٹینٛڈِس پتھ ٹیونٛڈ، تلبہٕ مہنیوٕ تہِ گوس یتھی پاُٹھی کام کرنس پتھ ناراض۔ مگر اظہار ہیوٚ کن نہٕ گرتھ۔ گلہٕ گو موقدم ہٕندس باغس منٛز کاٗم کران یوٚ تام ستھ دوہ گیہٕ۔ اُخرکار موکلووکھ باغ کھنتھ تہ آیہ گرِ۔ گلہٕ شیخس اُس آش زِ ہن دوٕہن ہنٛز کاٗم صرف ستن دوٕہن اندر موکلاونس پتھ گژھ موقدم خوش تہ جان موٚ زورِ دیہٕ۔ موقدمن کوٚرس شاباش مگر موٚ زورِ دِژنس نہٕ تہٕ گلہٕ شیخ تہِ بوٚ ہریوٗس نہٕ منگنس۔ ژِ تڑے دوہ گژھتھ ووٚن گلہٕ شیخس خاندارنہِ۔

"نہٕ چھُ توٚمل تہٕ نہ مثالہ، شُربن کیاہ دِمہ شامس۔ نکہٕ تہِ اوس کاپی تہٕ پنٛسل ژھارن، اُخر

موقدمس ؤنی زِ ہے پوٗنسن ہنٛد"

"وُچھ کیاہ چھکھ ونن بہِ کتھ کنہِ منگہٕ موقدمس پونسہٕ، سہ دیہٕ ازپگاہ پانے۔ وونی کراز کیہنہٕ اوڑِ یوڑ"

گلہ شیٗخن وون خاندر نہ بڑٕ نرمی سان۔ خانہ دارنی اُسس بڑٕ شریف تہ کتھ کتھ پیٹھ دلوانزٕ ل لاگنک اوسس نہ عادت۔ پیٹھٕ اوس تس تہ فکر تران زِ تہنٛد موقدمس وگرایہٕ گژھن چھہ نہ جان۔ سو گیے لو تہ پأٹھی حائجی بایہ نِش تہ ہیوٚتنس توٚ ملہ ٹور وزم۔ نکس تہ کوٚرن زار پارٕ تہ فندا شندا کرتھ تہ ہا کہ مونٛڈ کوٚ ژھ دتھ سوزُن مدرسہ۔ موسم اوس پوٚت ہردک تہ رٕ دلوگن۔ گلہ شیٗخس بنیہ نہٕ کانہہ تہِ موٚ زورِ۔ گرِ اوسس نہٕ کھبہ خاطرِ کہنی تہ نچو اوسس نہ ماشٹرن ہنٛدِ ہأ بتہ سکول مانن گژھن۔ دون ترٕ بن دوہن کوٚر گلہ شیٗخنہ خاندارنہ اوڑِ یوڑٕ تہ ہمسایِن منگتھ دٕ ژُن شُربن بتہ میونٛڈ مگر ژورمہِ دوہ ہیوٚکن نہ کانٛسہ نِش اتھٕ دأرتھ۔ گلہ شیٗخ گو دون ترٕ بن حاجتھ منگنہ مگر سُہ کس اوس اُمس پیٹھ بھروسہ۔ چھنا دپان پھکو کریاو سال مگر پھکہ ناو ژولکھ نہ۔ اُمس بچارس تہ اُس نہ پتہٕ مہ زندگی ہنز ژھاے یلہٕ تراوان تہ سأری اُسس ونہِ تہ گلہ ژوٚر سنٛز نظرِ وچھان۔ کالہ چھن ییلہ گلہٕ شیٗخ نو شربو ماجہ بتہ ژھور، تس اُس لیٚج ژھرے تس ژھینٛز وأنج۔ بتھس دژن پوٗژ تہ اندری ژھٹن باکھ۔ گلہ شیٗخس گو وأنجہ وٹھ تہ اوٚشس لجس دار۔ تس اوس نہ شُربن ہنٛد بتھ وچھن برداش گژھان تہ خاندارنہ تہ اوس نہ ہبکان بتھ دتھ۔ گلہ شیٗخنہ خاندارنہ پأو خبر کمہ فنٛدٕ شُربن نٛدر تہ پانہ اُس رأتی راتس ژالہ اوٚش ہاران۔ پگاہ پتہٕ گو گلہ شیٗخ بیہ تہِ دون ترٕ بن نفرن رو پیہ ہتھ منگنہ مگر کانٛسہ تہ ہیوٚتس نہ ذمہ۔ ہرگاہ تمی اکہ دوہ چہ موٚ زور بدل دون دوہن کامہ ینک تہِ وعدٕ کریاو مگر تو تہ کوٚ ڈس نہ کانٛسہ حاجتھ۔ گلہ شیٗخس اوس نہ

موقدمس وگرایہ گرٛھنک جُرتھ مگر کُس تاون ژھنہٕ ہے پانس۔ اکہ پاسہٕ فاقہ ہٕتی شُری تہ بیہ پاسہٕ نہ کانٛسہ ہنٛد پرٛٚن۔ اَخرکار کرٕن ڈیکس ژٕنہ رٕکھ تہ ژاو موقدم سنٛد گرٕ تہ کلہ بون کنِ ژھنتھ کوٚرن عرض:

ہُتہ حض موقدم صأب گرِ چھُنہ وے تہ نکس چھم نہ کاپی تہٕ نہ پنسل۔

مے حض دوٚپ تم۔۔۔۔؟

گلہ شیٚخن یتے وٕنن زموقدمس گوٚ نڈن پیٚرٕ بنہٕ نار:

ُہتا گلہ ژوٗرا ژ آ کھامے وگرایہ۔ ژے کتھ کنٕ کوٚرتھ جُرتھ میون گرٕ اژنک۔ ژے کتھ کنٕ سوٗنچُھتھ زبہ دمے ژے موزور۔ بہ ہا بہ۔ جمہ موقدم ہا۔۔۔ جمہ موقدم۔۔۔ ژ گرٛھ کھایتہِ دفا کنہ بہٕ کڈتھ دکہٕ دی دی۔۔۔ سنٕ ژورا۔ چون نچو کُسو صحب بنہ سکول گرٛھتھ۔ کأپی تہ پنسل۔۔۔۔ ہونہہ۔۔ گلہ واتل''۔

موقدمن تھأوی گلہ شیٚخس چوبے یوت بقایا۔ زنتہ اوس ژوٗ رِروٗ ٹمت۔ گلہ شیٚخ گوکیُتھ تام تہٕ دراو پننس پانس ملامت کران کران۔ مگر گرٕا ژنچ گیس نہٕ ہمتھ۔ تس اوس پھرِ پھرِ شُر بن ہنٛد بوٗچھ ہوٚت۔ بُتھ تہ خانہ دارنہ ہنٛد بُتھس پوٗ ژ دتھ وُدن یاد پیوٗان۔ اَتے اوسس موقدم سنٛز پامہٕ تہ بے یزتی یاد پیٚتھ اَچھن منٛز نارُوہان۔ سوٗنچان اوس کالہٕ پتٕ گرٛھ تہٕ اَنس وأنجہ منٛز تام ژور تھامٕژ روپیہٕ کڈتھ مگر ستی اوسس پنن توبہ یاد پیوٗان تہ سأرے شرارت اَسس پرٛیشر مشینہٕ ہنٛدِ پارکی پأٹھی بون وسان۔ اَخر ووٗت پھٹمتو کوٹھو گرٕ۔ خانہ دارنٕ اَسس دروازس پیٚٹھ پراران۔ آش اَسس ضرور ییہ کیھنہٕ ہبتھ مگر خانہ دارسنٛد بتھ وٚ چھتھی گوس اندازٕ ،تہٕ لوتہ پأٹھی ژایہ انٛدرتہ بُتھس پرٛٚ لوٗنٹ دتھ لوگُن دم پھٹٕ گرٛھتھ اوٗش ہارن۔ شُری اَسی

بوچھ ستی پھیاں پھیاں کران تہٕ معصوم لُہس منز ودی ودی بتہٕ ژھاران۔ گلہٕ شیخ گو کنجس منز رہتھ، تہٕ خانہ دارنی درایہ انہِ گٹس منز نبر تہٕ اوترِ یمہ ہوژمژ گو گجہ ژورپأنژھ نبر آسن ژھنمژ تمہٕ اَنِبن تہٕ لاجبن پاکس۔ شُری بیٹھی نوزٲید ژرِ بچن ہندی پأٹھی پٹلس أندی أندی چونٹ دأرتھ۔ ہوژمژ گو گجہ کھیأوتھ تہٕ رَس چأوتھ رٹن پرگألی گمژ لینیفہ تل تہٕ تھاپھ تھاپھ دتھ پأونکھ نندر۔ پانس کیاہ نندر ییہ ہس۔ أندری اُس پننس بدتالعس ودان تہٕ وہوأرکران۔

گلہٕ شیخ اوس یوہے ہنہ مشدِ ہندجن ہیوروزتھ گومت۔ سونچان اوس ئلی کریام یہ توبہ۔ اِدقبر منز یہ حال آسہ ہے تہ تہٕ زندٕ زوپییہ ہم نہٕ یہ قیامت وُچھنی۔ سونچان اوس وُنی گرژھہ تہٕ موقدمس انکھ سأری تملہ لوپنی ژؤ رِوألتھ مگراتی اوس سونچان زکہتام کہتام تجایم أمی بدکارن تھپھ۔ گلہ شیخنس سینس منز اوس اکھ طلاطم برپا گومت۔ اکہ انٕدٕ اوسس دنیاہ تہ شُربن ہنز دگ لمان تہ بییہ انٕدٕ عقبا اتھن تھپھ ژھنتھ۔ سخ بیقراراوس۔ اتی اوس جیرٕ ستی تھوٗ دگرژھان وتھتھ مگر دروازس تام وأتتھ اُسس زنگن زنتہ لورژٕ ڈیوان۔ واپس پھیرتھ اوس بییہ کنجس منز شُرٕ پان تہٕ ژھرے ججیر لمان۔ موقدم اوسس یاد پیوان تہٕ وأنج اُسس رتھ چھوان۔ شُربن کُن اُسس نظر پیوان تہٕ وأنج اُسس ژھہنان۔ خاندارنہِ کن یوس لینیفہ تل لرِ پھری اُس دوان اُسس نظر پیوان تہ شرمندہ اوس گرژھان۔ گلہ شیخ اوس زنتہ محشرنس مأدانس منز۔

اُخرکار گو گلہ شیخ تھوٗ دوتھتھ تہ جیرہ ہوٗت دراونبر۔ یزارس گرن کأٹھی، زٕی وٹن ہیوٗ رتہٕ لوگن تیز تیز پکن۔ گٹہٕ ژلس منز اُس نہٕ اُچھ منز اونگج تہ بوزنہٕ یوان۔ پتھہ اوس نہ زن گلس اُچھن گاشے۔ دلس منز اوسس طوٗفان تہ دبماغس اُسس زنتہ پڑوسان۔ ہونیو تل ہوٗل بارو تہ دوٗ رژلی ژلی اُسی ٹوٗرارے کران۔ بڈٕ ہونی اُسی اڈٕ نندرکلہ تھوٗ دتلتھ نظر دوان

تہ بیہ لرتراوان۔ گلہ شیخ اوس بانبر ہۄت تیز تیز پکان تہٕ اتھی ستیٚ گیہ مشیدِ پٹھ تھدِ کر بکھ اللہ اکبر۔ گلہ شیخس لۄگ کتھ تام ستیٚ کھُنڈ تہ بُتھی وأری آو پتھر لاینہ۔ کلہ آس ئڑس کنہِ پلس چھاونہٕ تہٕ أکی سے آنس منز ژۄلس زُونیر تھ۔

صُبحس لبکھ گلہ شیخنی لاش۔ یہ أس دون پلسہٕ تھانن ہنڈس بنس پیٹھ پیمٕژ تہ پھٹِتہ لأگتھ آو فأصلہ کرنہ زوأ رداتھ کہنڈس علاقس منز چھُ پیش آمت۔



## ہوٗنۍ لوٚٹ

''درگاہ۔۔درگاہ۔۔درگاہ۔۔حضرتبل۔۔درگاہ۔۔ڕنۍ وور۔۔درگاہ''

گاڈِہنزِ پوٚت ہیرِ ہنٛدس ڈنٛڈس تھپھ کرتھ اوس یوٚہے وہ پنٛژہ وُہر جوانا کربِہ دوان تہٕ پڑاژہ کنۍ اَسس پھوٚسی لاچہ کھٚئتۍ مِتر۔ووزجہ چکہ دار کرتنہ پیٹھ سنٛڈے مارکیٹ منٛز اوٗنمت سوٚرۍ جاکیٹھ لاگتھ،تہٕ چین یلے تھاُوِتھ اوس سردی باوجود باسان زِ اَمس چھنہٕ تر ئِج مژ۔کھورن تہٕ اَسس پلاسٹک بوٗٹہٕ ژٹانالۍ یتھ تھوربوٚ پتۍ کنۍ چاکھ اَسی گمتۍ۔مگر یمو سارووے چیزونش بے خبر تہٕ پننہٕ پانک پیے پتہ آسنہ بغاَرے اوس یہ نوجوان تتھ پاُٹھی کربِہ دوان یتھہ پاُٹھی اکھ ہوٗن نصف راُژ پننہ پانہ نش بے خبر سُر بنس پیٹھ بِہتھ زنتہٕ محض لوٗکن نِندٕر پنٛدی کڈنہ باپتھ چھ ٹنورارے کران آسان۔گاڈۍ یتھے نیٚرُن اَس ہوٚان تہٕ اَمس نوجوانس یُس بذاتی امہِ گاڈہند کلینز اوٗس اَس دور پیٹھ کانٛسہ پکن واُلس کن نظر پیوان تہٕ یہ اوس زورٕ زورٕ کربِہ لاگان دنہٕ:

''لوٚتے۔۔لوٚتے۔۔لوٚتے۔۔پکھ سا۔۔درگاہ۔۔ڕنۍ وور۔۔درگاہ۔۔''

یہ زانٛنہ بغاُرے زِ ینہٕ واُلس چھا پزۍ درگاہ یا ڕنۍ وور گژھن کنہٕ نہ۔سوٗاَریا

سوأ ریاتہِ أس کھسان مگر سُہ اوس کربکھ کربکھ جأری تھأوتھ۔

''پکھ سا بروٗنہہ پھن۔۔ہے مہ سا رٹھ دأر۔۔پکھ سا پتھ پھن۔۔ درگاہ۔۔درگاہ۔۔ژنی وور۔۔کھس سہ ہیوٚر پھن۔''

گاڑی أس بیہ ٔ نیرن ہوان تہٕ یہ اوس بیہ ووستس ٹھہرنہ باپتھ ونان۔ جیرٕ یتھ وؤن کمی تام ڈریورس کُن۔

''ہے ووستا نیرحض ووٗنی۔ أخراُوٚرلوڑتے گو۔اسہِ چھنا کُن واتن۔''

گاڑی درایہِ تہٕ کلینز اوس وُنتہ کربکھ کربکھ دوان۔یوٚ دوے زن گاڈِ منز أس نہ ووٗنی بیہ سوار ہن سنٛب جایے مگر کلینز یاثتہ اوس نہ پننہِ ذمہ دأری ہِتی سمجھوتہٕ کرنس تیار نتہٕ اوس ووستس پننہِ تن دہی سان کأم کرنک باس دوان۔گاڑی گیے پکان تہٕ کلینزٕ ژاو پان لتھوتھ گاڈِ منز تہ لأجن کرایہ رٹنۍ۔

''ولہ سہ یپأری۔۔کوٚت سہ۔۔وولہ سہ ژٕ۔۔کوٚت تام۔۔کرٕ چھوٚ۔''

أکس ہورکُن تہ أکس یوٚرکُن دکہ دِتھ گو کلینز کرایہ رٹان۔پھٹہ ووٹ نہٕ آسنک بہانہ کرتھ اوس نہٕ جلدی سببہ کأنسہ تہ سوارِ باقی پوٗنسہ واپس دوان۔تام ووت یہ اکس بُجہ ماجہ نش تہ ووٗننس: ''وولہ سہ موجی اَن سہ کرایہ۔''

بجہ ماجہ کوٚڈ کمہ تام چنٛدِ منز ژھأری ژھأری داہ روپیٖن تہ کوٚرنس حوالہ۔'کوٚت سہ چھے گژھن؟

'یکہ ہسا گوٚ برا ژنی وورتام۔'

بجہ ماجہ ووٗنس ڈکہٕ مژرتھ۔کلینزن ہیوٚت بروٗنہہ کُن نیرن تہ بجہ ماجہ ووٗنس:

'مے دکھ ناسہ گوٚ براواپس کیتھہ۔'

''پکھ سہ ونہِ پھنہ رٕنی وورتام کتھے۔ کرژھو پہ تامتھ۔' کلینزن وۏنس نس چونکھڑاۓ وتھ

'پتہ ہسا گژھم گوٚ برامشد۔ وولہ دِباقی''

'مہ ساکھبہ کن۔ کرسہ ژھو پہ دمے ہسا پتہٕ پٹھن، پھٹہ ووٹ چھُم نہٕ، بہ کیاہ ژۏلہ سا۔

کلینزن وۏنس بتھ چونکھڑاۓ وِتھ۔

اُورلوڈس منز وۏتھا اکھ جواناتہٕ وۏنن کُلینزس :

''ہے دِس ساباقی واپس۔ اۓخر پھُٹہ ووٹ ہے اتھس کبتھ چھُے۔''

'ژے کمی ساوۏ نے وکالت کرٕنی۔ کرپانس ژھو پہ۔'

اتھیٔ سٹی وۏتھ بیا کھ نوجوان تہٕ بجہ ماجہ ہندسی حقس منز۔ نزدیکھے سیٹس پیٹھ بہتھ بزرگن گر دوشونی نصیحت تہ کرناوٕنی ژھوپہ۔ یہ ڈٕلی زِ تہِ تھپھ ملناونی یوت روز پر۔ اتھی سٹی واۓ ژ گاڑی رٹنی وورتہ بڑموج ڈژھ اتھلہِ کھوتھلہِ بون باقی پوٚنسہ اۓتی تراۓوتھ۔

گاڈِ اوٚس سخ اُورلوڈ نوجوان تارٕ تہٕ کیتھہ جوان کورِ تہ آسہٕ گاڈِ سمنزس ڈنڈس تھپھ کرتھ کھڑا۔ سٹی اۓس اکھ اڑ وڑشری واجبنٕ ژٕنی تہ ہورٕ یوٚ رلاینہ یوان۔ گاڑِ منزس اۓس نہ یہ دِلی زِ تہ سندجہ دانہٕ تراونچ تہِ گنجاٸش۔ یام کلینزاوٚتن ووت اِدمتہٕ بوزتہٕ۔

'ژے چھے ناموج ببنہ۔ تھپٕہ چھکھ دوان۔ سیوٚ دبنی ناپکُن۔'

اکہ کورِ وۏن کلینزس خشمہٕ ہوٚت۔

'کرسا ژھوپہ۔ یہ چھُ اُورلوڈس منز گژھان''

'تیلہِ کُمی ونیو نے اوٚرلوڈ کھاٸن۔ گوڈے گوٚ ژھ ناسوچن۔ بدتہذیب''

'مے گرمے ژے زِتھس تہ کھاًرمکھ گاڈِ، بدل گاڈِ گوٚ ژھ ناکھسُن۔ ننہ ییٚلہِ یۆت اوسے تیٚلہِ گوٚژھ آٹوٚ کرُن''

کلینز سندیۆ تے ونن أمس ؤژھ گنی تھاپرتہ آس بربم۔ یام ہوش پھیورس أمی وُچھ اکھ قدآور جوانا پٹلس ہٹس تھپھ ژھنتھ بے وایہ کلہ ٹوٗسی والان۔ گاڈِ منز ووٗتھ کنوے ہُڑ دس تہ بُڑدس۔ کلینزس أسی زنتہ ہوٗنی لمان تہٕ سنڈے مارکیٹ منزٲنی مِتس جاکیٹس کربکھ ترپچہ۔ ووستن ٹھہراٚو گاڑی تہ ہوپاٚری ؤستھ ہیٚژن کورِ معافی تہٕ کلینزس تراوٕن پننہ اتھ تھاپرِ جورا۔ یتھ پاٹھی گومعاملہ رفع دفع تہٕ کورِتہٕ جوانس تہِ ووٗتھ شرارتھ۔ گاڑی درایہ تہٕ کلینزن لاٗج بیہ کرایہ رٹنۍ۔ 'وولہ سابایاپاٚری کوٚت ساچھے گژھن''

بزرگن أکی ووٗنس: 'ٹاٹھیا درگاہ تام کیاہ سہ چھ کرایہ؟'

'أٹھ روپیہ'

بزرگس نِکھے اوس بیا کھڑ ؤ ناٗمی ووٗنس ''نخص شیٚے روپیہ ہے چھےٚ تہٕ''

'ژے کمی ساوٗنے منزی ووتھن، برابر چھاٗ أٹھ روپیہ کرایہ''

بزرگن ہیٚژ اوکھتام ونن مگر کلینزن مُرس چونٹھ۔

''مہ سہ لاگ لڑاٗے۔ ووتھ سہ وس سہ گاڈِ منز یون'

کھڑانفرس کھوٚت کاڈٕن تہٕ ناٗمی رچاو کلینزس نال مگر بزرگن گرعاںٕہِ موقس پٹھ مداخلت تہ دژنکھ نہٕ لڑاٗے کرنہ۔ تام واٚژ گاڑی درم شالہِ۔ گاڈِ منز وتھی لونڈٕ جوراٯون تہ دژ کھ کلینزس کربکھ: 'ہے باقی دِسہ''

کلینز دراو یتھ تتھٕ نبر تہ دژنکھ ز روپیہ واپس۔ لونڈ وکوٚرس بیا کھ روپے واپس دنک اِسرار

مگرائی تاون زدن مونکھ نہ تہٕ وٕ ستس دژن نیرنہ باپتھ کربکھ ۔ یام یہٕ دارِ پیٹھ کھوٚت اُ کی لوٹڈن ترأوس گُرتنہ تھپھ ۔ گُرتنہ ہنٛد کالر رود لوٹڈس اتھس کنبتھ تہٕ گأڑی گے کلینز ہتھ نیرتھ ۔

بہرحال وأژ گأڑی درگاہ تہٕ ٹھہر ییہٕ اڈس منز ۔ سواریو وٕژل کلینزس نال تہٕ ہیوٚت ہس باقی منگُن ۔ وو کھ سو کھ گرأمی دوٕن دوٕن ترٛہن ترٛہن کنی گیٖڈ اڈٕبن کورن پھٹھ ووٹ نہ آسنک بہانہٕ تہٕ موکلوون پان ۔ أتھی ستی کوٚرس وٕ ستن آلو:

'ہیوو ولا انہٕ حساب ۔ کہو آوُے''

یہ ووت وٕ ستس نش تہٕ دتنس بڑٕ چمہٕ سان رقم ۔

'ہتہ سہ اکھ ہتھ تہٕ شیتھ روپیہ حض آیی''

'ہیو تاون زدا گأڑی ہے کھچا کھچ بٔرتھ اُس یہ کہو صرف اکھ ہتھ تہٕ شیتھ روپیہ ۔ باقی کتو تھوتھ ژور، کولہٕ ژورٕ''

کلینزن ہأوس اکسے شہس پیٹھ ژور پاژہ قسم مگر وٕ ستہٕ کتہٕ ماننہٕ ہس ۔ سارنے چھٔدن گرٛنس تلأشی مگر دراس نہ کینہہ ۔ تھاپرا اکھ ژ تراونس تہٕ لتھ دتھ دُتن گاڈِ منز بون دأرتھ ۔

وٕ ستن دِت دماتہٕ لوگُن سگریٹ پھکہٕ راون ۔ أتھی ستی گے نبری کنی کربکھ ؛

' لالچوک ۔۔ لالچوک ۔۔ اپور ۔۔۔ اپور لال چوک ۔۔ اپور '



# تھۄز تعلیم

''شُرٕ بن تھۄز تعلیم دِنۍ گو پانس زنگہ نِرِ ژٹنہِ'' ستار جون وۄن ژاس وایِنہ پتہ دم سنٛد اَرتھ۔ مے ژٕ ج یہ بۄزتھ کھورو تلہٕ میٚژ نیرتھ تہ کھۄژم سخ شرارت۔ سونچان اۄسس ستار جو چھُ ووٗنی بڑتھ ہٕڑ کیومت نتہ چھُ حسد کہ نارٕ دزتھ بیٚین لۄر پیٹھۍ سرپھ تاران۔ نتہ گُس ونہِ ازا کو ہمہ صدی منز یژھ احمقانہٕ کتھ۔ تعلیم ہے گاش چھ یمہٕ ستۍ اکھ دُوزۄ نگ جانوار انسان چھُ بنان۔ بیہٕ گُس مول موج یژھ نہ پننس شُرٕس تھۄز تعلیم دِنۍ، پیٹھ چھِ اَمۍ پننِن شُرٕ بن تیٚلہِ تھۄز تعلیم دژ مژییٚلہِ باقی گامہٕ والین خبرے اَس نہ زمدرسہ کیاہ گو۔

''شاید وٗژھے نہ میأنۍ کتھ ہٹہِ۔' میون الوند بُتھ وچھتھ وۄن ستار جون بیہ ژاسہ ٹو کھ جورا کرتھ۔

'نہ حض ۔۔۔نہ ۔' مے وۄنمس زنتہ شرمندہ گژھتھ۔

'تیلہ کتھ سوچِس منز آکھ ہنہ۔' تمی وۆن بڑنرمی سان۔

'سوچان حض اوٚسس زٕ ژےٚ چھےٚ چھاٗتی سخ خراب۔ ژاسہ چھےٚ نہ تھکھے۔ کیہنہ علاجا ولاجا کوٚرتھس۔۔کنہ؟ سہٕ موہنی کٹیرا اوٚسے سہ کتہ چھُ؟'

مے وۆنمس پنٕنی شرارتھ ژۆرِتھاٗوتھ۔ بہٕ زنتہ اوٚسس نہٕ اٗمی سنٛز گوڈنچ کتھ موضوع بحث بناونی یژھان تہٕ کیاز ِمیون جدید ذیہن اوٚس نہ یژھِ غیر ضروری کتھِ پٹھ سونچنہ خاطرٕ تیار۔ بہٕ کیاز کرِتہ بخشس منز پنن وق ضایہ یُس میاٗنی کنی پاگل پن علاوٕ کینہ چھنہ۔

'سہ۔۔سہ۔۔گہ۔۔گیاو۔۔د۔۔دو۔۔دوا۔۔پھ۔۔پھوٚل۔۔ان۔۔اننہ۔

ستارجوس آیہ بیہٕ ژاس، سخ ژاس۔ کمرگوٚس دوٚ گُن تہٕ نَس رلیس کھورٕ ٹھنٛڈ ہن ستی زنتہ پننس پانس سجدہ اوس کران نتہ ڈیکس تہ کھورن کنٛوےٚ کرُن یژھان۔ بہٕ ووٚتھس کوٚٹھ ین پٹھ بروٚنہہ پیٹھن تہ کھوٚ ورِاتھ کرٕمس سینس تھپھ تہٕ دٕ چھنہ اتھٕ ہیوٚ تمس شانن پھش پھش دِین۔ میانہِ کھوٚ وراتھ چہ اونٛگجہ ژایہ تسنٛزن لرکانین منز یتھ کنی ہاےسکولہ چہ لیبارٹری منز سہٕ اٗڈجہ میہنوِ کلس تھاوان تھاوان میانہِ اونٛگجہ تسنٛزن لرکانین منز ژایایہٕ۔ مے پیوو ستارجونہ گوڈنچہ کتھ کُن بیہ ظوٗن تہٕ لوٚگس سونچنہ زِ اگر نہٕ شُرہن تھٕز تعلیم دِنہٕ ییہ یمن اٗڈجن ہنٛد دود کس ییہٕ اٗتھی تہٕ یتھ ژاسہِ کُس کرِ علاج۔ ستارجون سنٛد وردم مگر پھرپکہ راےاٗسس زنتہ اٗس لیبارٹری منز کتھ تام کیمکلس رایکشن گژھتھ گرپکھ کھسان۔

''ت۔۔ترا۔۔تراو۔۔سہ۔۔گوب۔۔گوبرا۔۔پ۔۔پتھ۔۔پتھ۔۔کُن''

ستارجوس اوٚس کتھ کرنہ خاطرٕ پانس ستی ماٗنی توجنگ پیوان کرُن۔ مے تروٚو پتھ کُن تہ سبٹھاہ نرم ریشمی تکی لیس منز گو ستارجو زنتہ بنٛدٕ تہٕ تکین ژھنس دوشوےاند وکوم۔ کلہ پھرُن

ٲچھنہ اَنٛدٕ کس تاقچس کُن تہ ترٲوِن تٕریشہ پیالس کُن نظر۔ یتھ کٕنٛ اکھ گدٲمس کٔنٛڈتھ چارووے دٲرِ پہن پتھر نیلس کچھہٕ بٔدس کُن وُچھن چھُ۔ ے توٚر فکر زٲمس چھُ تٕریشہ ہنٛز ضرورت تہ مے وٕنس:

’تٕریشہ دامہ ہناماچے یو برِ وٲلس روزبوسٕ یہہ۔‘

’اہنسا۔ خٕنس رٕدنہ ووٚنی پنن سٕ یہہ۔۔ ووٚنی چھ آبہٕ سٕ یہس پپٹھے شہہ تُلی ڈٕرتھ۔‘

ستار جون وٕنِن فلسفی انٛدازس منٛز زنتہ تالوس کرِ گنٛزران اوس۔ بہ وٕتھس لوتہ لوتہ تہٕ بڑٕ احتیاطٕ سان تلم تاقچہٕ پٹھہ ترامہٕ پیالہٕ یُس کلایہ رنٛگہٕ سٕتؠ چانٛد ہُنٛد باسان اوس مگر قنٛد کأری نقشہ کنِن زٲوجن زٲوجن رٕکھن منٛز اوسس کٕز ہنیار کھوتمُت۔ باسان اوس زمٕلی ہینہ پتہٕ چھس گوٗڈنچہ پھرِ تٕرلِش آمٕژ برنہٕ۔ چمچہ تہ اوس بڑٕ نزاکت دار۔ دٕنس ٲسس بو نہٕ پٹھ ہیوٚر تام پوشہ لٔنٛڈ بناوتھ مگر اوس ہنا وُنٛگر یمِن تہ مشکلن اٲوسس تیٚوٕت آبہ قطرہ وپان یوٚت ژٕرر تونتہ منٛز تُلتھ ہیکہ ہے۔ ے تُٚژ چمچس منٛز آبہ پھیٚرِ تارِ تہ چاٲنٛس تام واتہ نأوتھ وٕنمس:

’مٕژرأووأس۔۔ تٕریشہ دامہٕ ہناچے یو۔‘

ستار جون گرأس مژراونچ کوشش مگر صرف ہیٚوٚکن بٕمے یوٚت وُٹھ ہنابون پہن وٲلتھ تہ مےٚ دِتمس تٕریشہ چمچہ۔ دٕیم رٹنس لٕرن نہٕ مأل تہ تٕروون کلہ پتھ کُن تہٕ أچھی زٕ کرِ بن بنٛد زنتہ اوس تیز تیز کھسہٕ وسہٕ کرٕونس شہس کنٹرول کرنچ کوشش کران۔ ے تھو چمچہ تاقچس پٹھ تہٕ ستار جونس بٔتھس کُن مُدے گنٛڈتھ بیوٚٹھس بسترس لرِ چار زانو۔ سونچان اوسس زِ بہ نیٖرٕ مگر یُس سوال مے الغأبہٕ علاجس متعلق پرٕ ژھمُت اٲوسس تتھ اٲوس مےٚ وُنہ جواب رٹنے یعنی خبرِ ہنٛز روایتی مشق أس نہٕ ونہ پوٗرٕ گأمٕژ۔ لہٰذا پیوٚو مےٚ پرارُن تہ بیہٕ اوس تہِ نہٕ لتس شاٯد کنہٕ

'تیٚلہِ کتھ سوٗنچس منز آکھ ہیٚنہٕ۔' تمۍ وۄن بڑٕ نرمی سان۔

'سو چانٕ حض اۄسس زٕ تٕژے چھے چھاتی سخ خراب۔ ژٕ اسہ پُچھے نہ تھکھے۔ کیہنہٕ علاجا ولا جا کوٚرتھس۔۔کنہ؟ سُہ موٚہنی کٹیرا اۄسے سہ کتہ چھُ؟'

مے وۄنمس پنٕنۍ شرٕ ارتھ ژوٗرِ تھاوتھ۔ بہٕ زنتہ اۄسس نہٕ اَمۍ سنٛز گوڈنچ کتھ موضوع بحث بناوٕنۍ یژھان تہٕ کیاز زِ میون جدید ذیہن اۄس نہ یژھہِ غیر ضروری کتھِ پیٹھ سوٗنچنہ خاطرٕ تیار۔ بہٕ کیاز کرٕتھ بحثس منز پنٕن وق ضایہ یُس میانٕنۍ کنۍ پاگل پن علاوٕ کینہٕ چھنہ۔

'سہ۔۔سُہ۔۔گہ۔۔گیاو۔۔د۔۔دو۔۔دوا۔۔پھ۔۔پھوٚل۔۔ان۔۔اننہ۔

ستار جوس آیہ بیہٕ ژاس، سخ ژاس۔ کمر گوٚس دوٗگُن تہٕ نَس رلییس کھورٕ ٹہنڈ بن ستۍ زنتہ پننس پانس سجدہ اوس کران نتہ ڈیکس تہ کھورن کنٛوے کرُن یژھان۔ بہ وۄتھس کوٚٹھین پیٹھ بروٗنہہ پٕہن تہ کھوٚرِاتھ کرٕمس سینس تھپھ تہٕ دٕ چھنہ اتھٕ ہیوٚتمس شانن پھش پھش دُین۔ میانہِ کھوٚراتھ چہ اوٗنگجہ ژایہ تسنٛزن لرکانٕن منز۔ یتھ کنۍ ہاے سکولہ چہ لیبارٹری منز سُہ اَڈجہ میہنوٕ کلس تھاوان تھاوان میانہِ اوٗنگجہ تسنٛزن لرکانٕن منز ژایایہٕ۔ مے پیوٚ ستار جونہ گوڈنچہ کتھ کُن بییہ ظون تہ لوٗگس سوٗنچنہ زِ اگر نہٕ شُرٕ بن تھٕز تعلیم دنہٕ ییہ یمن اَڈجن ہنٛد دود کس ییہ اَتھہِ تہٕ یتھ ژاسہِ گُس کرِ علاج۔ ستار جون سنٛد وردم مگر پھر بکہ راے اَسس زنتہ اَس لیبارٹری منز کتھ تام کیمکلس رایکشن گژھتھ گر بکھ کھسان۔

''ت۔۔ترا۔۔تراو۔۔سہ۔۔گوب۔۔گو برا۔۔پ۔۔پتھ۔۔پتھ۔۔کُن''

ستار جوس اوس کتھ کرنہ خاطرٕ پانس ستۍ مائٕنۍ تو جنگ پیوان کرُن۔ مے تروٗو پتھ کُن تہ سبٹھاہ نرم ریشمی تکی یس منز گو ستار جو زنتہ بنٛد تہٕ تکین رٕچھنس دوٗشوے اٹھ وکوم۔ کلہ پھرُن



Re Scan

ژٕچھنہٕ انٛدٕ کس تاچھس کُن تہٕ ترٲوِن ترٛیشہ پیالس کُن نظر۔ یتھ کنۍ اکھ گدٲمس گنٛڑتھ چاروٕوے دٕوٕرِ پہن پتھرنیلس کچھہٕ بُڈس کُن وُچھن چھُ ۔ مے تۄر فکر زٲمس چھ ترٛیشہ ہنٛز ضرورت تہٕ مے وۄنس:

’ترٛیشہ دامہ ہناماچے یو ہرِ وٲلس روزِ بوسٕ یہہ۔‘

’اہنسا۔۔خۄنس رٕ دنہٕ ووٗنی پنن سٕ یہہ۔۔ووٗنی چھ آبہٕ سٕ یہس پیٹھے شہہ تٕلی ژٕرتھ۔‘

ستار جون وۄن فلسفی انداز س منٛز زنتہٕ تالوس کرِ گنٛزران اوس۔ بہ وۄتھس لۄتہٕ لۄتہٕ بڑٕ احتیاط سان تلم تاچہٕ پیٹھہ ترامہٕ پیالہٕ یُس کلا یہ رنٛگہٕ ستۍ چانٛد ہُند باسان اوس مگر قنٛد کٲرۍ نقشہ کٔمن زٲوجن زٲوجن رٕکھن منٛز اوسس کٕہنیار کھوتمت۔ باسان اوس زمٕلی ہبہٕ پتہٕ چھس گوڈنٕچہ پھرِ ترٛیش آمٕژ برنہٕ۔ چمچہ تہٕ اوس بڑٕ نزاکت دار۔ دنس اُسس بونہٕ پیٹھ ہیوٚر تام پوشہ لٔنٛڈٕ بنٲوتھ مگر اوس ہنا وُٹکر پہن تہٕ مشکلن اوٚسس تیوٗت آبہ قطرہ وپان یوٗت ژٕر توشتہ منٛز تُلتھ ہیکہ ہے۔ مے تٕلی چمچس منٛز آبہ پھیرۍ تارِ تہٕ چاینٹس تام واتہٕ ناوتھ وۄنمس:

’منٛز رٲووٲس۔۔ترٛیشہ دامہٕ ہناچے یو۔‘

ستار جون گرٲس منٛز رٲونچ کوشش مگر صرف ہیوٚکن بنٕتھ یوت وُٹھ ہناوِن پہن وٲلتھ تہٕ مےٚ دِتمس ترٛیشہ چمچہ۔ دۄیم رٹنس بوٚرن نہٕ مالٕ تہٕ تزٕ وون کلہ پتھ کُن تہٕ اُچھ زکربن بنٛد زنتہٕ اوس تیز تیزٕ کھسہٕ وسہٕ کرِ ونس شہس کنٛٹرول کرنٕچ کوشش کران۔ مے تھو چمچہ تاچس پیٹھ تہٕ ستار جونس بُتھس کُن مُدے گنٛڑتھ بیوٗٹھس بسترس لرِ چار زانو۔ سونچان اوسس زِ بہ نیرٕ مگر یُس سوال مے الغائبہٕ علاجس متعلق پرٕژھمُت اوٚسس تتھ اوٚس مےٚ وُنہ جواب رٹنے یعنی خبرِ ہنٛز روایتی مشق اُس نہٕ ونہ پورٕ گامٕژ۔ لہذا یِیوٗ مےٚ پرارُن تہٕ بیہٕ اوس تہِ نہٕ لٕس شانٛدٕ کنہٕ

مے بغیر کانہہ ۔ کُنے زوٗن بسترس لار ومت أڈجہ کرہٕزا ۔ نہ شاڈ کنہ آشنی تہٕ نہ کھورِ کنہِ اولاد۔

ستار جونس مائنہ رنگ پھیر مہ تس بُتھس کُن وُچھتھ بیوِ مے تسند سہٕ ہشاش بشاش تہ اسہٕ وُن بُتھ یاد ییلہِ سہٕ نچوی سندس ڈاکٹرلسٹس نیرنہ وزِ مٹھأے اوٗس بأ گران تہ شُربواوسس أنڈی أنڈی گھیراوکوٗرمتُ ۔ ''ستار بابامبتہ دیو۔۔ستار بابامبتہ دیو۔۔'

'ہتا اوٗن نوامظہر۔۔ بہادمہ ہوسارنیے ۔۔ بہانہٕ بیا کھ لفافہ۔۔ ناتہٕ مے از شانہٕ ووگنیہٕ ۔۔ بلال صأبن ہا گوٗ نڈم دستار''

نصف لفافہ بأ گرتھ کڈن باقی نصفس کنی چھکھ زنتہ لأین آسمانس کُن چمکہ وٕنی تارکھ۔

''رٹھ سہ چمکاوٕژ تہ پان ۔یتھ گنڈ بلال صأبن میون ڈبکہ چمکوو'' شُری لاریہٕ مٹھایہ پھلین تہ ستار جودڑا واسان اسان پوٚت۔ستارجٕنی گوٗژھ کُس ہبکہ ہے بارِ ۔اجِ منگہٕ ٹوٚپ دتھ بیوٗٹھ وانہٕ تھرس پیٹھ زنتہ اوٗس سکندرِ اعظم دنیاہ زینتھ آمت ۔

'مبارک ہسا چھےستار صأب۔' میأنی مأجی جنت گارن وٗنس۔

'ہے مبارک ہسا چھوتوہی گامہ والین ۔۔ میون بلالہ صأب مارٕ د ووٕنی صرف میونے یوت۔سہٕ ہسا بنیوٕ ووٕنی گامُک اولاد۔۔ گامہ کین بڑن بمارن ہنز ستھ۔'

'اہنسا تتھ چھا کانہہ شک۔ییلہ گامس منز ڈاکٹر آسہ بے قضا کیازِ مرو۔۔ییے چھ سارنے مبارک۔' موقدمس تہ اوس خوشی ستی اوٗش بُتھ آمت۔

'یہ ہسا گوپرنس صفت۔ ژٕ نے تھٕز تعلیم دیہ ہس یُتھ تیرکتہِ مارہے۔ دراصل چھ یہ چأنی محنت۔' مأجی جنت گارن وٗننس۔

'بزرہسا وٗنتھ مجہٕ صأب۔مألس ماجے پان پہیہ ,گروتھاوٗن شُر گژھ تھٕز تعلیم

پرناون۔ تیلے تہ کرِ ناوروشن۔ خبرے چھے مے تھوٚوا بلالہ صائبس کیہنہٕ پرٕ۔ اِدِ محنت کھأرنم رتھِ۔ خدائے دی نس آ ے وأنج شہلأ ونم۔' ستار جون وۄن بڑٕ فخرٕ سان۔

' نہ ساتہٕ یہ چھانانہ ہُنٛدے۔ قسمت تہ گژھ نا آسُن۔ نتہ کیاہ کرِ انسان۔'

موقد من وۄن عالمانہ انٛد ازس منٛز۔

' تہِ ہساچھ پزٕ مگر انسانس پزٕ محنت کرٕنی۔ بیہ تہٕ اولادس پیٹھ۔ اولاد گو بُجرک ڈۄکھ۔ یوت یہ مضبوط آسہ تیوت ییہ بجرس منٛز بکار۔'

ستار جون وۄن کلس پھش پھش دوان۔

بلال صائب بنیو ڈاکٹر تہ ٹرینگ موکلأوتھ آیس نہٕ کشیر منٛز تنخواہس برابری تہٕ روپیہ ہنٛز لالچہ واتہٕ نوو عربستان۔ ووٚنی گیس پنٛداہ وری پیٹھی تتہِ۔ دپان ووٚنی چھُن خانٛدرر تہ تتی کوٚرمت۔ ستار جوس تہ چھُن واریاہ روپیہ سوزمتٕ۔ دپان منٛزی منٛزی چھس فون تہ کران۔

'ژٕ چھکھ ساگو براونہٕ یتی۔'

ستار جون مٕژراوِ مشکلن أچھی تہ وۄنن مے کُن دولہٕ نظرتر أوتھ۔

' اہن حض۔۔ مے دۄپ شاید آوُ ے آرام۔ توے وۄنمے نہ کیہنہٕ۔ '

مے وۄنمس ہنا برونٛہہ پہن کھستھ۔

'اہنسا گوٚ برا۔۔ ووٚنی چھ آرامے کرُن۔۔ زیوٚٹھ آرام۔۔'

ستار جون وۄن زیوٚٹھ ووشاہ ترأوتھ۔ مے باسیو ستار جوس چھ شاید نیرُن۔ حال چھس تتھے۔ بچارٕ۔۔ پنن چھُس نہ کانٛہہ تہ شانٛدس پیٹھ۔ کیہنہٕ ہے ونن آسہ ہس ونہ کس۔ خأر

ساجہ دبدأس بژ ونٹھے یمہ دنیاہ درامژ مگر بلالہ صأب۔۔۔'

ستارجون وۄن کہتام سبٹھاہ لوتہ لوتہ۔وُٹھ تہ اوٚس نہ تُلتھ تژٲ وتھ ہٮ۪کان۔

مے نیوس پنُن کن چاۂنٹس نزدیک تہ مشکلن کرم بوزنچ کوشش۔

'بل۔۔بلا۔۔لہ چھ کھا۔۔بلال۔۔'

'نہ۔۔نہ۔۔بہ چھس مجہ صأبُن لڑکہٕ۔'مے وۄنمس نکارس منز کلہٕ گلہٕ ناوان گلہ ناوان۔

'شُ۔۔ شر۔۔شُرس ۔۔ تھ ۔۔ تھز ۔۔ تأ ۔۔تألیم ۔ دِ۔۔دِنٕ۔۔

گو۔۔پا۔۔پانس۔۔۔''

مے کورمس آلوآلو۔۔مگر۔۔۔



# بند کمرٕ

ہسپتالہٕ کس ایمرجنسی واڈس منز اُس ژودٲہ پنداہ وُرش جوان کوٗر دگہٕ ستی چرنگ دوان۔ تس اُس موٗتنٕز دگ۔ موج اُسس شانٕدٕ کھور کران تہٕ اُچھوٕ کنہٕ اُس خوٗن ہاران۔ نٕرسہٕ تہٕ کم پونڈر اُسی مو چھ موٗران۔ جونیر ڈاکٹر صاٮ۪ب اوس باتٕبرٕ ہوٚت فونس پیٹھ کتھ کران۔

''ہیلو۔۔ہیلو۔۔ جناب ڈاکٹر صاٮ۪ب کتہ چھ۔ تمن دی تو جلدی فون۔ یتہٕ چھ ایمرجنسی۔۔۔ تو ہی کرو جلدی پہن تمن آلو۔۔۔۔۔۔ کیاہ!

دروازے چھنہٕ مٕژران۔۔۔ مگر کران کیاہ چھ کمرس منز؟۔۔۔ مگر یتےٚ چھ ایمرجنسی۔ اکس پیشنٹس چھُ جلدی منز اوپریشن کرُن۔

کیاہ! اٮ۪ندرٕ کنہٕ چھٹُکرٕ۔۔۔ مگر دلیل کیا چھ؟ کران کیاہ چھ کمرس منز؟

اوہو! توٚہی کیاہ ونان ۔ جمعہ نماز پٔژھ ینہٕ پتہ ترووکھ نادروازے ۔توٚہی دیوزورٕ زورٕ درواز س دکہٕ ۔اگریمس پیشنٹس أکس گھنٹس اندرانْدر آپریشن آونہٕ کرنہٕ أمس چھ خطرٕ ۔پٔژھ ہیکہ نہ یہ اوپریشن تمن بغأر کأنْہہ تہ کرتھ ۔

اوٗہ مَے گاڑ!'

جونیر ڈاکٹر صأبن ژوٗٹ مایوٗس گرٛہتھ فون تہٕ بے قرأری منٛز اوس وارڈس نژان ۔ گہے اوس بٔڈس نٕش یتھ پیشنٹس نبض وُچھان تہٕ گہے کلس کشان ہورٕ یور کران ۔ بیہ دِتن فونس بٹن تارٕ

'ہیلو ۔۔ہیلو ۔۔ہیلو ۔۔

کیاھَض جناب درایاڈاکٹر صأب کمرٕ منٛز؟

اوٗہ نو! مگر کران کیاہ چھ؟

توٚہی کونہٕ سمجھان ۔یہ چھ أکس نوجوان کورِ ہنٛز زندگی ہنٛد سوال ۔۔

مگراُس کوہو کیا گیاہے؟

تم أسی نہ یژھِ ایمرجنسی منٛز اکھ منٹ تہِ ژیرلاگان ۔

از کیاہ دلیل گے تمن؟

میانہ خدایہٕ!'

ڈاکٹرصأبن ژوٗٹ شرارتس منٛز فون ۔پیشنٹس کرٕن نبضس تھپھ ۔ٲنٛم وُٹھ کوٚڈُن نبر تہ مایوٗسی منٛز بمہٕ ٹیس کڈتھ دراو وارڈٕ منٛز نبر ۔نبرٕ کنہٕ اوس مولوی جلال لدین صأب خون ہاران تہٕ وچھ کتُر کران ۔یُس مولوی صأب پھوکھ دی دی اوس قدم تراوان تہ کھور

بانس تام گژھ ہس نہٕ لرٕ ژھ ِ پھوٗل لاژن سُے اوس ہسپتالہٕ کس وٗٹس منٛزلرٕ ژھ پٹھ بہتھ چھچھُ کٹرکران۔ کہنۍ تہ پے پتاہ اوسس نہٕ زِ دستار کتہٕ چھ تہٕ کھور بان کتہِ۔

''ہے ڈاکٹر صأب بلایہ حض لگے۔ زوحض وندے۔ میأنی خانہٕ موج کور بچاوُن۔ ہتہ حض یہ ژٕ مٔلکھ تہِ دمہٕ بہٕ۔ پیٛژ روپیہ لگن تیژ انہٕ بہٕ۔ مگر میأنی کٔر بچأوی تون۔ مے چھ جناب کُنی کٔ ر دون اُچھن گاش۔ بلایہ حض لگے''

مولوی صأبن کوٚرڈاکٹر صأبس سخ زار پارٕ۔ یہ ڈٲپ زِ تہِ گٔلۍ گنڈنس زنتہٕ سُے نعوذ باللہ خدا صأب اوس۔

''ہے مولوی صأب مے چھُ چانہِ پریشأنی ہنداحساس۔ مگر بہ کیا کرٕ۔ اُمس چانہ کورِ چھ آپریشن کرُن۔ سُتہِ اُکس گھنٹس اَندر اَندر نتہٕ پھأ لہ تِلہٕ پیٹک زہر سأرسے جسمس تہ پتہ ہکو نہ کہنۍ تہِ کرِتھ۔ ووٚں یُس ڈاکٹر صأب یہ آپریشن کرِتھ ہیکہٕ سُہ چھ گرِکمرس منٛز بہتھ تہ اَنٛدری کنۍ چھن چھُٹھکی دِتھ تھأ ومژ۔ جمعہ نماز پیٹھ ینہٕ پتہ چھنہ کمرٕ منٛزنبرے نیران۔ مے کٔری داہ فون تتہِ چھ تسندی گرِکی فون تلان تہٕ سہ چھنہٕ دروازے یلہٕ تراوان۔ گرِکی تہ چھس پریشان۔ فکرے چھنہٕ تران تس کیاہ گو''۔

مولوی صأبس اُس وأنجہِ دَگ۔ کٔرٲسس مران تہ خانہ دارِنی اٲسس باکہٕ ژھٹان۔ اُخرکار کوٚرن برٛس ڈاکٹر صأبنہ گرُک ایڈرس مولوم تہ لاریو پانے ڈاکٹر صأبس نادس۔ ڈاکٹر صأب اوس تمی محلک روزن وول یمہ محلّہ چہ جامع مشید جلالدین صأب وعظ اوس پران تہ نماز اوس پرناوان۔ محلّہ والیو یام مولوی صأب وچھ تم گے ہے بھنگہٕ۔ کلس پیٹھ نہ امامہ شریف، پھکبن پیٹھ نہ دُسہ پٹ تہٕ اتھس کبتھ نہ آسے مبارک۔

ژھِی جوراٲلیس برونٛہہ کن:

''ہے مولوی صاۂب خاۂرے چھِھ ۔ یہ کیاہ حالت چھو پانس بناۓمژ'

'ہے تاون ہسہ ییوم ۔ کۄرچھم ہسپتالس منٛز ژھرٕ ژھرٹ کران تہٕ ڈاکٹر صاۂب

چھ گرِ برترٛو پرتھ بہتھ ۔ مےٚ وُنی تو جلدی ڈاکٹر صاۂبن مکانہ کتہِ چھُ'

مولوی صاۂبن وۄنکھ وداں وداں ۔ چ ہنفر جوراٲلیس ڈاکٹر صاۂبن گرٕ تام ٲتی ۔

یام مولوی صاۂبن نبر کنی آلو دیت تام آو ڈاکٹر صاۂب یکدم نبر نیرِتھ تہٕ رٹن مولوی صاۂبنٛ

اتھٕ پننہٕ نبن اتھن منٛز تہٕ مونہِ کران کران وۄننس:

''ہے مولوی صاۂب بہٕ چھس چون احسان مند ۔ ازمژ رایوتوہیہِ میانہٕ اُچھ ۔ از

فرموو توہیہِ زِ یہ دنیاہ چھ فنٛد تہٕ فریب ۔ تتہٕ موکلہ سےٚ یوت یمۍ صرف تہٕ صرف خدایہ سنٛز

عبادت آسہ کرٕمژ تہٕ یہ دنیاٲوی تعلیم واٲلیم لگہِ نہٕ کنی ۔ مےٚ کۄر پوٚختہ یراد زِ بہ کرٕ صرف

خدایہ سنٛز عبادت تہٕ بس ۔ مےٚ کۄر باقی سورے ترک''۔

مولوے صاۂبن دِژ ڈبکس ژٔنڈ تہٕ غش کھیتھ آو پتھر لاینہٕ ۔ ڈاکٹر صاۂب ژاو

کمرس منٛز تہٕ أنٛدری کۄرن درواز بنٛد۔



# Afsaane Roodun Baawenai

(Kashmiri Short Stories)

**Yousuf Jahangir**



زٕ ژور دٕہلی ہیتھ چھِ کُلہم کأشرس تخلیقی ادبس اندر تجربأتی کیو تخلیقی ٹھہراو نظرِ گژھان۔ یہِ صوٗرت حال چھےٚ خاص کر شأعری تہٕ افسانہٕ نگأری منز وتھٕ پوٗٹھی پأٹھی درینٹھ گژھان۔ اتھ چھِ وارِیاہ محرکات۔ مگر اتھ واوِ ہالہِ منز روٗدی کینٛہہ لکھأری اکِہ نتہٕ بیٚیہِ رنگہٕ یہِ شمع دزوٗن تھاونس منز جدو جہد کران۔

یوسف جہانگیر چھُ یمنے قلکارن ہندس کاروانس نہ صرف صفِ اوٗلس منز بلکہ نوٚبن وتن تہٕ منزلن ہنز نشاندہی کرنس منز وتہٕ ہاوُک بٔنتھ پٔنن آسن مأنی راوان۔ یوسف چھُ اکھ ہمہ وقتی تہٕ ہمہ پہلو ادیب تہٕ أمس چھِ ادبہٕ کِبن مختلف فنن پٮ۪ٹھ مکمل دسترس۔ بیک وقت اکھ مستند شأعر، مکمل افسانہٕ نگار تہٕ معتبر محقق، ترجمہٕ کار تہٕ تنقید نگار۔ یمن سارنے صنفن ہنز زان تہٕ مخصوص ورتاوٕ ول۔ یمن چھُ بوٚڈ وصف یہِ زِ یم چھِ مختلف زبانن ہند ادب پران تہٕ تمن منز دوہ دِش سپدن واجنبن تبدیلین پٮ۪ٹھ نظر گزرتھاوان۔ یہوے وصف چھُ أکس قلمکارس وتہٕ ہاوُک بنان تہٕ تس چھُ خیالن وسجارتہٕ ورتاوس وُپھہِ واشر میلان۔

یوسف جہانگیر چھُ از پٔنِنی گوڈنچ افسانہٕ سوٗمبرن ''افسانہٕ روٗدُم باونے'' ہیتھ بازر درامُت۔ یہِ أس مےٚ وارِیاہ کالہٕ پٮ۪ٹھ ذأتی خوأہش۔ ہنا گوٚو ژریگر ''دیر آید درست آید''، مےٚ آوٕ زنتہٕ پانس أکس رتس طمعس جمع۔ مےٚ چھ پتاہ زِ اتھ سوٗمبرنہِ چھِ افسانہٕ پرن وألی خریدار بٔنتھ بےٚ تأبی سان پراران۔ افسانن ہُند یہِ پوشہِ گوٚندمشکاوِ ضرور یتھ کأشرس دم پھٔٹ ادبی ماحولس تہٕ کأشرس افسانس کھسہِ اکھ نوٚو بوش۔

علی شیدا (نجدون)



ISBN: 978-93-5607-083-7

9 789356 070837